دڑاو کہ کینٛہہ کال گژھِھہ کرٕنۍ اَمہِ غریبَن اخراجاتن وارٕ وانہٕ کمی۔ اَتھہٕ دِجہ کُن گو
ژراوان۔ روپیہِ گینٛہِ جمع گژھان۔ تقریبَن اَکھ وَری گژھِھہ یِمہِ وقتہٕ ساسَن
ہٕنٛز گرٛنٛز روپیہِ ہٕہِیژن جمع گژھنہٕ۔ نفیس کھین چین تہٕ خرٕچ برٕچ ہیٛوتن
امیرس برابر گژھن۔ یُتھہٕ قناعتھ یہِ امیر ہمسایہٕ اوس کران۔ تیتھے ہیٛوت غریب
ہمسایَن تہٕ کرُن۔ امیر ہمسائے باسے یِمَن اَکھہٕ وَری بوٚنٛٹھہٕ تاریف اَمس کران۔
وِمہٕ فٕکرٕ خاندارس وَننہٕ کینٛہہ نہ ہیے ہیے نومُن غریب ہمسایَن تہٕ پیٚٹھ چیوٚنے شفہ۔
یِم اَز سانہٕ کھوتہٕ کھیتس چینٛس مٕنٛز۔ یِتھہٕ گاٹٕہتی۔ زَن یِمَن تہٕ سانٛنۍ ہاٹھہٕ شکٕہنہٕ
فوٚقٕنۍ تہٕ بےٚ برکتی گاٹہرش۔

●

راوی: غلام قادر میر ڈاگیٹ سرینگر

---

# حلال کھوژ بادشاہ بایے

بڈشاہ اوس کشیرِ مُنٛد اَکھ سیٛود ساد مسلمان بادشاہ۔ اُمِس سٕنٛدِس عہد حکومتس منٛز چھِ لُوٚک سیٹھا خوشحال تہٕ آباد رُوٗدیمٕتۍ۔ ہر طرفہ اوس امن تہٕ امان

بادشاہ اوس پانہٕ قرآنِ مجید لیٚکھِتھ پننٕ روزگار کماوان۔ بیٚیہِ اوس دان کاسہٕ چھ ژانٛگجہ بناوان۔ یِمہ ژانٛگجہ کِننہٕ آسہٕ اُمِس سٕنٛز بیگم صأبہٕ ہشنز کوم۔ یِہ بیگم آسہ

سیٹھا نیک تہٕ صالح تہٕ عأبد۔ ژانٛگجہ کِننہٕ خأطرٕ آسہٕ اُمِس سٕنٛز بیگم دریاے جہلم یِکس بٔٹھِس پیٹھ یِوان۔ اَتھ پونٛسس اُس گرٕ خرچہ خأطرٕ مختلف سودا بازرٕ ہیوان

ٹُھلی۔ پیٚتھے کُنٕہ آسہٕ دوہ شوٗرے بأژ گُذارٕ کران۔

اَکہ دوہ ہیٚپن اُمِس بیگم صأبہ پننہٕ اَکِس وٕیسہِ سیتۍ کتھ باتھ۔ اَمہِ وٕیسہ وُچھ بیگم صأبہ ہنٛدٕ شہ گہنہٕ یُس ہیٚچھ مُنٛد اوس بناونہٕ آمُت۔ اَمہِ وٕیسہِ کوٚر سیٹھا

حقارت آمیز کلام اَتھ مُتلق بیگم صأبہ کُن۔ یِمہ سیتۍ بیگم صأب پننِس خاندارس یانی بادشاہس پیٹھ پیٚنز رنج۔ تہٕ یِہ رنجیدگی روٗز بیگم صأبہ خاندارس سیتۍ روز بروز بڑان۔ یِہ رنجیدگی مُوحسوس کٔرِتھ لاج بادشاہن بیگم صأبہ مَنہِ وٕنیچ کوشش

کرنہٕ۔ مگر بیگم صاب روز اَتھ پیٹھ قایم۔ رنجیدگی تھاؤن بدستوٗر۔ بادشاہ شُر پیٹھا
کوشِشہِ باوجوٗد گیہ نہٕ بیگم صاب یہِ رنجیدگی ژٕ اونس پیٹھ آماج۔ اِلا اکھ شرط کورُن تس
پیش کہ اگر ژٕ میانہِ خاطرٕ سوٕ نہٕ مُشند گٔژھنہٕ انکھ، مےٚ گژھہ ملالہِ دوٗر۔ اَت جوابس
پیٹھ سمجاو بادشاہن یہِ بیگم۔ کہ اسہِ یہِ پننہٕ اَتھہٕ پونسہ کماوان چھ سُہ چھ حلال
زانتھ پننِس نفسس خرچہ خاطرٕ برابر یوان۔ پننہٕ چھے ژِ تےٚ سرکارٕی خزانس پیٹھ
نظر۔ مگر اَتھ خزانس پیٹھ اَسہِ کانہہ اختیار۔ یہِ خزانہٕ چھُ عوامک۔ یہِ چھُ تہندی فلاح
بہبود تہٕ سرکارٕی اخراجاتن پیٹھ خرچ کرُن لازِم تہٕ فرض۔ بیگم صابہ لاج اَسس
ملکہٕ۔ کوکرس چھے کُنی زنگ۔ مےٚ گژھہ اَسن سوٕ نہٕ مُشند گٔژھنہٕ۔

بادشاہ یٚیلہِ سخ مجبوٗر گو تیمو اوٚن پنُن وزیر بُلاوِتھ۔ اَمِس کورُن حُکم۔
کہ ژٕ کرٕ میانِس سلطنتس ہر بالغ زنانہٕ تہٕ مردس پیٹھ حُکم کہ تِم اَنن اَکھ اَکھ
کوہ کرٹھوٗل بادشاہ ہندِس محل خانس منٛز۔ حُکم کڈ نیچ اَس تار کہ رعیت زنانو تہٕ
مردو اَنی ٹھوٗل۔ ییم اَکس گُدامس منٛز آیہِ جما کرنہٕ۔ جما کرِتھ ییم ٹھوٗل کِنِتھ اَکس
ٹھیکہ دارس۔ ٹھیکہ دارن دِژ روہ پیہ بازٕ قیمتہٕ مُطابق۔ تہٕ اَت پونسس ہیوٚت
بادشاہن بیگم صابہ کرِ سوٕ نہٕ مُشند گٔژھنہٕ۔

بیگم صاب دراؠہ ژانگجہ زٕ ژور بناوت کلس پیٹھ ہیتھ کننہٕ۔ اَمہ بروٚنٹھ
اَسہ بیگم صاب دریاہ جہلم کِس کنارس پیٹھ بہت ہیمہ ژانگجہ کنان۔ باضےٚ اَس
دُرِ یایہِ جہلمکہ آبہ پیٹھی دُریاوس سرٹک زانتھ اپور ترٛان۔ ازیٚتھے اَمہ اکھ کھوٚہ
آبس پیٹھ ترٛوو، یُتھے کھوٚہ گو آبس منٛز وسان۔ یٚانی دُرِیاوٕ اپور ترُن بنیو
ناممکن۔ بیگم صابہ گیہ کَم۔ وُدان وُدان آیہ واپس۔ بادشاہس کورُن فریاد۔ پادشاہن

کوٗرِس واپس جواب کہ اگر سعہ نہٕ سُنْد زیور لاگُن میہٕ منع کریوے تتھ پیٹھ رُوزِک ژٕ ڈُرٕت۔ بیٚیمہٕ کینٛہ ژٕ بیٚییک پیٚھس مصیبتس منز۔ وونی اگر ژٕ آسمانس کھسِتھ تہٕ کوٗشش کرکھ کہ یہ مصیبت گژھِنا دوٗر۔ تہٕ چھُ سورُے ناممکن آخر کوٗر بیگم صاٲبہٕ بادشاہ سیٚٹھاہ مجبوٗر کہ اگر یہِ مُشکل دوٗر گژھن ناممکن چھ۔ مگر توتہٕ سمجاوِو یہ کیھتہٕ کہ اَمیُک کیا وجہ چھُ۔ بیٚیمہٕ سیٹھاہ یہِ مُشکل ییٚٲنِس حقس منز پٲدٕ سپُد۔ بادشاہ چھُ مجبوٗر گژھتھ بیگم صاٲبہٕ کُن فرماوان۔ یِم ٹھوٗل میہٕ چانہٕ سعہ نہٕ پنٕنِس زیور مُلی مینہٕ خاطرٕ پنٕنین رعیتن نِشہٕ وصوٗل کرٕی۔ کیاہ تِمن چھا تتھے پاٹھۍ تِم ٹھوٗل واپس دِنۍ ممکن۔ اگر نہٕ ممکن بنہٕ نیٚلہِ چھُ ممکن چون یہِ مُشکل سپدِ دوٗر۔ یُس اقبال نہٕ سعادت مندی اَکِس انسانس حلال رزق کھینہٕ سِتہٕ حاصل گژھ سہٕ گژھِنہٕ حاصل بیٚیِس سُنْد حق کھینہٕ یا استعمال کرنہٕ سِتہٕ۔



راٰوی: غلام قادر میر ڈلگیٹ سرینگر

# بِراٗنٛد گٔنٛز

دپان یہِ اوس اکھ پادشاہا اکھ، ناو اوسُس کیقُباد۔ اکہِ دۄہہ ڈراو
سُہ پننہِ آشنہِ تہٕ وزیرس سیٖتو سائِلس۔ اکِس جایہ وٕچھتھ سُمکھ ییمَن اکھ زِنٛی
موٗزوٗر اکھ۔ پادشاہَن پرٛژھ اَمِس ناو۔ سُہ ووٚنُس حضوٗر! میٖہ چھُم کیقباد
ناو۔ یہِ بوٗزِتھ گوٚو پادشاہ سیٹھا حَیران تہٕ تمہِ پرٛژھ پننِس وزیرس زِ میٖہ چھُم
کیقباد ناو تہٕ یِمس زِنٛی موٗزوٗرس تہٕ چھُم کیقباد ناو۔ بہٕ چھُس ییمہِ مُلکُک پادشاہ
تہٕ یہِ چھُم اکھ موٗمولی موٗزوٗر۔ یہِ کیاہ مامَلہٕ چھُ؟ وزیر باندبر اوس وُنہٕ پادشاہ پنٛدر
اَمہِ سوالُک جواب سوٗچان زِ آشنہِ ووٚنُس زِ اَمِس آسنہِ گَرِ براٗنٛد گٔنٛز ییٚنٛز۔ پادشاہ
گو پننہِ آشنہِ ہُنٛد یہِ جواب بوٗزِتھ نارٕ ی نار۔ تہٕ ووٚنُتھ پننہِ زنانہِ کُن بڑٕ ہٹہٕ زِ گوٗنا
بہٕ چھُس جانے سیٖتو ییمہِ مُلکُک پادشاہ۔ تکیازِ ژٕ چھکھ مِیانہِ گرِچ سیٚنٛز براٗنٛد
گٔنٛز۔ پادشاہس گوٚو زنانہِ ہُنٛد وَنُن ایوتاہ برٕ تیاہ زِ پننہِ یہِ آشنہِ کرِن اُمی سے
کیقباد زِنٛی موٗزوٗرس حوالہٕ تہٕ پانہٕ ڈراو واپس محلخان کُن۔ پادشاہ سُنٛد یہِ فاصلہ
بوٗزِتھ ڈراے خطائی زِ پادشاہ [illegible]

ٲسہ یِم دوٚہ شوٗرے اَکھ ٲکِس سیٖتۍ سیٖتۍ پکان تہٕ زٕنۍ موٚزوٗر ووٚتھ ٲمِس زٕ دوٚہ لٕہ
بی ژٕ گیکھ ٲزی کہٕ پیٚٹھ میٚہ کوٗر۔ بازرٕ دٲیتھ کٔن زٕنۍ موٚزوٗرن گرٕٛژن تام پوٗنسن
یہٕ زٕنۍ بورٕ ہٕن تہٕ کاندرس نِشِس ہیٚرژٕن ژھوٚہ چھہٕ۔ یِیلہٕ گرٕ ووت اَتہٕ ٲسِس شرٕکوٗ تہٕ
آشیٖنۍ پٕراران۔ دوٗرے وُژھِس آشیٖنہٕ زٕ اَز چھہٕ تھٔن کمہٕ ستام حرام موٚنڈا تہٕ
پانس سیٖتۍ اَنۍ ہرٕ۔ اَما ییٚتہٕ کیا تسا اوسُس، یُس یہٕ کھیٚیہ ہٕس۔ سوٗ وُژھس
سیٖٹھاہ عاجزی سان زٕ ہتہٕ بی بیٚنی یہٕ کھیمہٕ تہٕ چون کیٖنہہ تہٕ۔ ژیہٕ کیا زٕ ژٕکرٕ تھ
بُتھہٕ۔ زٕنۍ موٚزوٗرن تیٚج ژھوٚہ چھہٕ دٔج تہٕ کرٕنۍ آشنہٕ حوالہٕ۔ وُچھان وُچھان نیٚہ پموٚ
اِمہٕ ژھوٚہ چھہٕ ملیٖسہٕ تہٕ نہ اَکھ ٲمِس تہٕ نہ بیٚڈ۔

یہٕ سورُے حال وُچھ اَمہٕ پادشاہ بایہٕ تہٕ تمِس آو زٕنۍ موٚزوٗرس پیٚٹھ
سیٖٹھا رحم۔ دوٚیمہٕ دوٚہ ہہٕ جنگل نیرنہٕ برٕونہہ وُژھ یہٕ بادشاہ باے موٚزوٗرس
زٕ بیا! یِم اپوٗنسہ ژیٚہ اَز زٕنۍ بورس پینے۔ تمن اَنۍ زٕ توٚلہٕ موہ چھہٕ ہٕن۔ ہرٕ دِمہٕ
چانِس شرٕین تہٕ آشنہٕ یڈٕ برِتھ بتہٕ۔ ییٚلہٕ شامس زٕنۍ موٚزوٗر توٚلہٕ موہ چھہٕ ہٕن ہیٚتھ
آو۔ بادشاہ بایہٕ بنوو اَتھ اَرنمہٕ تہٕ چاوٕن اَمو سٕندی شرٕکوٗ گنٹُل اَنماہ۔ یِمن آو اَمن
اُچھن کاش تہٕ خوٚر تہٕ ...ماہ ریا کھ۔ دوٚیمکھ یہٕ کیتہٕ گے اَمہٕ پٕژٕ موجاہ پادٕ۔ اَمہٕ پتہٕ
دوٚن اَمہٕ زٕنۍ موٚزوٗرس زٕ اَز یُس قسمت، ژمے زٕنۍ گیٚنجہٕ یِہی تمہٕ منٕز کرِہ زٕ اَکھ زٕنۍ بوٗنسہ
پتھٕ کٔن تہٕ تم دِزمے۔ باقیس اَنۍ زٕ پیٚتھے پاٹھو توٚمل۔ دوٚہ دوٚہ گوٚز رٕتھ بچاوٕ
اَمہٕ ستھ اَکھٕ روٚہ پیہ۔ اَمہٕ پتہٕ وُژھ یہٕ دانا زنانہٕ زٕنۍ موٚزوٗرس زٕ ہتہٕ گرٕ دتہٕ
اَکھ کاژہ ہیٚن موٚلی۔ اَکھ وُسی شانو پیٚٹھ بور بیٚیہ اَنکھ جنگلہٕ پیٚٹھ ژھوٚہ گینہ
زیٖن کوٚرٕ دوٗرن کرٕ اَکی ... پکُس پیٚٹھ ... یہٕ تم ... کاٹس اندر

ہیٚتھ آمٕژ، پانٛژھ کاتر۔ وۄنی اوس مۆژوٗر پٕرِتھ دۄہ پانٛژن پانٛژن کاترن
پیٹھ جنگہ منٛز زیٚنۍ اَنان۔

دَپان اَکھ ژ وٕری گٔژھِتھ بنیوو سُہ شہرُک اَکھ بوٚڈ بارٕ باپٲرۍ۔
شوٗبہ دار مکانہٕ تہٕ نیوٗن بناوِتھ۔ باقی عیاشی ہُنٛد سامانہٕ تہٕ گوٚ گرس اندر پٲدٕ۔
وۄتھ بڑیاو آمی پننِ زندگی ہُنٛد میار تیوٗتاہ زِ اَکِ دۄہ ووٚتھ یہِ پادشاہ بایہ
زٕنی مۆژوٗرس زِ اَز گژھِتہٕ پادشاہ سلامتس یہِ ڈالی ہیٚتھ۔ اَکھ موٚہ لج تہٕ جان
ڈالہِ ہیٚتھ گو یہ پادشاہس نِش۔ ڈالی وُچھِتھ گوٚ پادشاہ سیٹھا شادمان۔
اَمہِ پتہٕ کوٚر کیقباد مۆژوٗرن پادشاہس بڑٕ ٹھکہٕ سال تہٕ ساسہٕ وادٕ لگھ آیس
سیتہٕ۔ نوکرن چاکرن تہٕ امیرن وزیرن ہُنٛد اوس نہٕ شمار پے۔ ضیا فتھا کھیتھ
ووٚتھ پادشاہ زٕنی مۆژوٗرس کُن زِ تیٚہٕ کیاہ شُرِ مرِچھی۔ سُہ ووٚتھس حضوٗرمیٚہ
چھہ اَکھ کوٗر ہیٚن یوسہٕ سیٹھا ترٛوچ تہٕ گرٕزی چھہ۔ یہ سورُے کینہہ چھُ تمی پنٛدے
سیتو۔ تمس ورٲے چھُنہٕ میٚہ کانہہ تہٕ حسر۔ پادشاہس گو آمی پننہ یہ کوٗر وُچھنُک
سیٹھا شوق تہٕ ووٚتھس زِ کیاہ بہٕ ہیکہٕ سۄ وُچھِتھ۔ کیقباد مۆژوٗر ووٚتھس
اَوِ حضوٗر کیازِ نہٕ۔ تام دڑاے پردٕ تلہٕ پادشاہ پننہ سۄ خط لگٕنی آشینٛو زرق برق
لباسس منٛز۔ مۄچھتے پادشاہن سۄ وُچھ تس گوٚ اَکِہ حالہ بیاکھ حال۔ دۄپُن پانو
بہٕ کیاہ چھُس بہٕ وُچھان۔ سۄ ووٚتھس پادشاہم حاٲران کیازِ گوٚ۔ بہٕ چھس
سۄے چاٲنی آشینٛز، یوسہٕ ژٕٹے اَکِہ دۄہ یٖمس زٕنی مۆژوٗرس پُشرِتھن۔
اُمس بچٲرس اوس نہ پٔزی کینٛہ گرٕچ برانٛدٕ کنِہ سیٹھز۔ یٖمہٕ موکھٕ اُمس کینہ
نہٕ اوس یہِ یُوران۔ جُکھو جُکھی اوسُس ارینہٕ اَنُن تہٕ پرنہٕ چھانُن گژھان ہیٚے

روٗٹھ اُمی سٟنٛدِ گُرُک سورُے لوٗح لنگر پانٛسہٕ اَتھہٕ تہٕ سورُے کیٚنٛہہ کوٗرُم سیٚٹھا کَم دوہَن اندر ٹھیک ۔ وونۍ چھُ خوٗدایس حوالہٕ ییتہٕ اَکھ آسن بسَن وول تہٕ پایرجا بایارٕی تہٕ پرٛتھ کانٛہہ چیز اَہ چھُس خوٗدایِ امکان تھوومُت ۔ یہ بوٗزِتھ گوٚو بادشاہ سیٚٹھا پشیمان تہٕ ہیٚوٚتُن اَمِس مٲفی ۔ تیٚمۍ سُنٛد تہٕ زینَن دُبارٕ گرہٕ تہٕ کیقباد زٕنۍ موٗزوٗر بنووُن پنُنُ اَکھ وزیٖر ۔ اَتہٕ نیران نیران اوس بادشاہ وَنان زِ : گرٕ کھالُن یا گرٕ والُن چھُ فقط زنانہٕ ہٕنٛدِس اَتھس منٛز آسان ۔

●

راوی ، نشاطؔ انصاری دلنہ

---

# سوٗنٛتُک اَتہٕ گَتھ

ترتیب

غلام حسن بیگ عارف

صفحات ۹۵ — مول ۵۰.۱ روپے

# آشنہِ گرٕھنہٕ سربأوُن

اَکس بادشہَس اوس شِکارُک بڈٕ شوق۔ یہٕ اوس دوہہ دِش شِکارس
تہٕ گرٕھان تہٕ کینہہ نتہٕ کینہہ ہیتھ شامَس بأگی گرٕواتان۔ دوہ اَکہِ اوس یہٕ اَکہِ
جنگلہ مُنٛزٕ پکان۔ یہٕ اوس سیٹھا تھوٗکمُت۔ کُنہِ اوٗسُس نہٕ شِکارا اَتھہٕ آمُت۔ اَکِس
جایہِ سمکھہ اُمِس اَکھ بُڈا۔ یُس اَکِس کُلِس سیٹھو ڈوٗکھ دِتھ ژاسہ ٹوٗکھا ٹوٗکھا تہٕ
کران اوس۔ بادشہ پیٚٹھِ اُمِس نِش ووت، سلام کٔرنَس تہٕ پٕرٕژھنَس۔

"بڈٕ جیٚچا! ژٕ کیا پیٚٹھہِ کَران؟"

"گوٗبرا! بہٕ چھُس کینٛژن کرتبن ہُنٛد ماہِر۔ تہٕ اَمہ سکے بَرکتہٕ اوٗسُس
پننٛ گُذارٕ کران۔ مگر دوہ نٕی بُڈیوس۔ سوٗنچان اوٗسُس زِ کانٛہہ خریدارا پیہِ
نا ہیٚمیس بہٕ پننٛ فن کینٛہہ ہا۔" بُڈن دوٗنُس ژاس کران کران۔ یہٕ بوٗزِتھ
گو بادشاہ بڈٕ خوش۔ تمہٕ دوٗن بُڈس ـــ "چھُنا صلاح ژٕ باوکھ میٛہ پننٛ
فن تہٕ بہٕ کرے قیمتھ ادا۔"

" کیتھ چھہ ترٛیٚہ تہٕ فی کیتھ چھُ قیمتھ اَکھ ساس روپیہ" بُڈن دوٗنُس

در جواب۔ بادشہ سوپُن راضی۔ اَمہ پتہٕ کوٚر بُڈٕن کیٚ ہتام تہٕ کھوٚت وُڈان وُڈان
اسمان۔ کینژھہ برژ ہی گژھتھ ووت بُڈ واپس تہٕ ہیچھ نوؤن بادشہ یہ کرتب۔ اَمہ پتہٕ
ژُل بُڈن بادشہ پانس سیتؠ تہٕ واتِ اکِس جایہ۔ اَتہٕ وُچھُک اَکِس کھیپہٕ منز
موٚمت ژھاوُل۔ بُڈن دِژ پانس گنی دِنہٕ تہٕ ژھاوُل گوٚ ھوٚد وُچھتھ تہٕ بُڈ
ہشر لاش پیٚیہ پتھر۔ بادشہ ترٛہرو یہ ڈیشتھ۔ برٛنزا گوٚ تہٕ ژھاولِ تہٕ دِژ پانس
گُنی دِنہٕ تہٕ بُڈ گوٚ دُبارٕ زندٕ تہٕ ژھاوُل پیو پتھر۔ یہ کھیل تہٕ ہیچھ بادشہن
اَمہ پتہٕ ووٚنُن یہ بُڈ بادشہس کُن۔ "گھوڈ گڈو مال تہٕ ادٕ ہیچھ ناوٕ تٔریٚیم کھیل"
بادشہن گڈی رد ہیس ترییہ ساس تہٕ کرِن بُڈس حوالہ۔ بُڈ ووٚنتھ بادشہس کُن
"تٔریٚیم چھے کمتھ زِ آشنہ گژھنہٕ ہر باوُن"؟ یہ بوٗزتھ فیوٚر بادشہس تیٚخ زِ
پُتیم ساس گوٚ کہہ لہِ۔

خاتر ! دوہ اوس دَرِ لوٚگمت۔ بادشہس موٚلھ شکارس۔ از اوس
اُمس دوہ کھوتہٕ تہٕ ہناژیرے گوٚمت تہٕ بیٚیہ اوس ژھرِ وےٚ اَتھوَ۔ مُلکاُنی
اُس سیٚٹھا بیہ تابی سان پرٛاران زِ اَز واتہٕ بادشہ بوٚڈ پہان شکارا ہیتھ۔ اَمہ
ییٚلہٕ بادشاہ ژھرِ وےٚ اَتھوَ ییان وُچھ، اُمس لگو بادشہس مُتلق واریاہ شک
گژھنہٕ: "توٚہی کیتہٕ اُسو وٕ از یِتہ کال۔ مہ لوسہ اُچھ وَتہٕ وِچھان۔ بیٚیہ
رِچھو پکان اوس ژھرِ وےٚ اَتھوَ۔ زار ما چھوٕ ہو رتمت؟" مُلکانہ پژ ژھ بادشاہس
ناراضنگی سان۔

بادشہ ماونہٕ ہے اُمس پوٚز پوٚز نٕ ڈے۔ مگر اُمس پیٚیہ بُڈ سُٹن پُتیم کتھ
ژیتس تہٕ لوٚگس حیلہ تہٕ بہانہٕ ونہٕ۔ بادشہ اوس اُمس اکہ کوہ ہے کھالان

تہٕ بٔتیہ کمہ ہہ والان۔ مگر یہ کتہٕ مانہٕ ہیس۔ چھیکرس گو بادشہ مجبوٗر۔ تمیٚ بوٗد نس
تہٕ سورُے یہ تمیٚ وُچھمُت تہٕ ہیٚو چھمُت اوس۔ اَمہ پَتہٕ کوٗر مُلکانہٕ یہ سورُے
ہیٚنچھہ ناوٕنس پیٚٹھ بادشاہ مجبوٗر۔ گوڈٕنیچ کھیل ہیٚچھنہٕ پَتہٕ اُس دوٚیم کھیل
ہیٚچھنہٕ خاطرٕ معٕرِ لاشہٕ ہٕنز ضروٗرت۔ دوٚشوَے بأژ ڈرا یے أکِس دُرِ یاوس
کُن۔ وٕتہٕ وُچھُکھ أکِس دوٚہ بٔس منٛز أکِس تٕلہٕ وأنی مُشند دانٛد موٗدمُت۔ بادشہٕ ہن
دٕژ بأنس کُنی دِنٕ تہٕ ژاوو دانٛدٕ شِنٛدِس لاشِس منٛز۔ مُلکانہٕ زون موقہٕ غنیمت
اَمہ دٕژ بأنس یکدم کُنی دِنہٕ تہٕ ژایہ بادشہ شِنٛدِس جسمس منٛز تہٕ پھیوٚرُن بادشہس
دِنہٕ کنہ۔ پننس لاشِس دِتُن نار تہٕ دانٛد کوٚرُن أکِس تٕلہٕ وأنِس حوالہٕ۔ تٕلہٕ
وأنِس دوٚپُن دانٛد گرٕ ہینہٕ زانہہ تہٕ بٕلہٕ تراوُن۔ أمِس گرٕہ نزیش تامتھ کُھٹٕ بیے
منٛز دِنی۔ اَمہ پتہٕ لٕج مُلکأنی پانہٕ راج کرٕنہٕ تہٕ بادشہ لوگ تٕلہٕ وأنی وانس۔

●

راوی: منظوٗر ہاشمی وترگام بارہمولہ

# میوٗ چھتھ گرٕٹھ گبل لاین

دۄیاں اَکِس بادشاہَس اوسنہٕ اولادا کینٛہہ۔ وارِیاہَن پیٖرَن تہٕ فقیٖرَن
سمکھنہٕ پَتہٕ زایہِ اَمِس کورِ ہَینا۔ یہِ آیہِ بَڑٕ لولہٕ سان رٕچھنہٕ۔ دایہ تہٕ کینیزٕ آیِس خدمتگار
تھَوِنہٕ۔ تِمو آسہ بادشہ کورِ ژھاین تہٕ گراین وچھان۔ لول بَران۔ ٹاٹھنیار کران۔
چشمن مَنٛز گاش وَندان۔ آسہ کانٛچھان، پوشَن پاٹھۍ پَرژھان۔ یوٗت یہ بَڈان گیہِ
تیٚوٗت گو اَمہ سٕندِس مزازَس مَنٛز ترہٕ شَر پاد سپدان۔ ییٚمہ وِزِ گٕنہ چیز ُک خیال
کرِہے، وُنی گو ژھ آسُن اَسہ کڈنے تہٕ چیز گو ژھ آسُن حاضِر۔ اگر ہَینا تول لجیوٗ،
گٕنہ اوسنہٕ کینٛہہ روزان۔ یہِ گَیہِ بالیغ تہٕ مگر مزازَس آیِس نہٕ کانٛہہ فرق۔ بادشاہَس
گیہِ پریشانی بَڈان زِ کانٛہہ چھُس نہٕ کورِ مانگیہِ یوان۔ تِمَس ہیٚوٗتُن فکرِ سیٖتن اَندری
سوہٕ پُر لگُن تکیاز کوٚر وانینہٕ گیہِ گرَس مَنٛز نارٕ ترٛٹھ آسینہٕ۔

اَکِہ دوہہ بلاوِہ بادشاہَن پنٛنۍ وزیٖر تہٕ مشیٖر۔ صلاح مشورٕ پَتہٕ آیہ
یارٕ دِنہٕ زِ یُس اَکھا بادشہ پُتٕر کورِ ستی کھاندر کرُن قبوٗل کرِ تَس پیہ نیٚصف
بادشاہی دِنہٕ۔ یہ خبر وأژ سارِنٕے نِشہِ۔ اَلغرض ییٚہِ بیٚنٛہ تبٔر تہٕ مگر کانٛہہ تہٕ سپدُنہٕ

یہِ دوہ یِنہٕ منز ر پانس اَگاد کرنس تیار۔ ریتھ کھٔنڈ گو مگر پادشہس آو نہٕ کُنہ کانٛہہ
جوابا۔ اُمِس گیہِ فِکرِ تہٕ پریشٲنی بڑان۔ جمِتہ کِنہ لوٗگ یہِ ریٚشنہٕ۔ اَمہِ پَتہٕ آیہِ
بیاکھ پارٕے دیاوٕنہٕ زِ یُس اَکھاہ پادشاہ سُنٛد شرطہٕ قبوٗل کرِ تَس یِیہِ سارٕے
بادشاہی دِنہٕ۔

دُیاں اَکھ شہرس منز اوس اَکھ نوجوانا۔ پننہٕ گاٹہٕ جارِ تہٕ شرافژ کِنہ اوس
یہِ سارنٕے ٹوٹھ۔ یہِ اوس اَکہِ دوہہٕ پننہٕ برادری منز موجوٗد۔ اَتہٕ اوس بادشہ
کِس متعلق بحث چلان۔ سارِی اُسی تَسُنٛد ناو بوٗزِتھ کنَن نَژِ دِوان۔ اُمی نوجوانن
دوٚپکھ ـــ "ہے توٚہی چھوٚ نہٕ مَرد۔ بہٕ چھُس بادشہ سُنٛد شرط پوٗرٕ کرنہٕ خاطرٕ
پنُن پان پیش کرنس تیار۔" سارِی وٲتِس اَکی زٔیو ـــ "تلہٕ سا ہاو تہٕ
مَرد یا، اُسی تہٕ وچھ ہَو۔" اُمی نوجوانن نیوٗ اَتی فٲصلہٕ تہٕ لیوٗکھُن بادشہس خط۔
بادشہ پٕنٕز کورِ سٕتی نیتھر کرنٕچ خاہش ظاہر کرنہٕ علاوٕ آے اَتہٕ چِٹھ منز لیٚکھنہ
شرط پوٗرٕ کرنٕچ منگ تہٕ کرنہٕ۔

بادشہس ییلہِ یہِ چِٹھ واتٕژ، سُہ سپُن شاد۔ تمۍ دیُت حُکُم زِ بستی نیبر
گژھِ اَکھ بوٚنگلہ تعمیر یُن کرنہٕ۔ اَتھ بروٚنٛہہ کِنہ گژھِ اَکھ میوٕ باغ تہٕ آسُن
باغس منز گژھن گُری، گٲپن، تیتر تہٕ جانوار تہٕ آسنہٕ۔ اَتہٕ گژھِ پرٛیتھ کانٛہہ چیز
موجوٗد آسُن۔

بادشہ سٕنٛدِ سارِی حُکُم آے پھٹہٕ پھٹ بامَل اَننہٕ۔ دوہ آے
گنڈنہٕ۔ کھاندرُک شٕنز آو کرنہٕ تہٕ مہرازس تہٕ آو دعوت نامہٕ سوزنہٕ۔ نہٕ سٕتی
آس پَتہٕ وَننہٕ زِ چاینٛ سارِی شرط آیہِ پوٗرٕ کرنہٕ۔

شہ دہہ تہٕ دوت، ییٚلہٕ مہرازٕ ہوٚرُ دوت، کھاندرٕکی ساٚری رسم اندٕ وَاتناونہٕ پتہٕ آیہٕ سالرٚن پُرتکلُف سَب دِنہٕ۔ کالہٕ چھُن آیہٕ مہرٚینز پاٚرِ بتہٕ تہٕ شیرِ مہرازٕس سیتیٚ روانہٕ کرنہٕ۔ بادشاہن کوٚر سجدٕ شُکرٕ زِ بلاے وٚڈھ کلہٕ پیٹھٕ۔ اَما مہرازٕ پنٕنی یار دوس اُسی نٕہ مٔنز زٕ خبر کیا پیہ پیش۔ مہرازٕ تہٕ مہرٚینز دوشوٕے باٚژ آسے بسٕتی نیبرٕ بٔہ ننگلس مٔنز وَاتناونہٕ۔ ساٚری گٔے نیران۔ اَتہٕ رٔھو حرف پیہے نہٕ باٚژ۔ مہرازن سوٚز پسٕتی بادشاہس شیٚچھ زِ اُکس ہفتس تام گژھِ پیٚنہٕ پورکاہ اُکھ دٕیُن۔

ییلہٕ پہٕ شہزاُدی نہٕ ناٚشہ دایہٕ روٚس شیٚہ تہٕ اُس کھالان۔ از اُسس سعہ کٔنی نٕزٕٔی۔ از اوس اُمس پنٕنہٕ زندگی مٔنز گوڈٕ رٕنچہ لٔٹہٕ کاُنسہٕ ہٕنٛد حُکم کٔنو بوزُن پیٚیمہٕ خاُطرٕ نہٕ سعہ ہرگز تہٕ تیار اُس۔ کیشہہ بڑنی گژِھ ہتہ کھوٚت مہرازٕ فِدرٕ کران ہیٚور۔ تہٕ ژھینہٕ کرنہٕ بغاٚر پہٕ ژاو سیٚودُے مہرٕ نہٕ ہنٛدِس کُٹھس مٔنز۔ اُکس بوٚندٕ وقس دِژِن ہتھ تہٕ دٕزاو، روٚدٕ ڈٕبہ پیٹھٕ کھڑا۔ دوکھٕ پاٚٹھو لاٚیِن نیبرٕ کُنٛ کرزِکھ ۔ ”ہیہ کھ کرا! تما تریشہٕ گلاسا اَن جلدی۔“ مگر کھ کرٕ بچور کیا بوزِہے، خشمہٕ سان لوٚیِن کھ کرِس تامس تہٕ کوٚرنس فُتہٕ فُتہٕ۔ آمہٕ پتہٕ ہیٚور اُکس کٹس۔ یُس باغس مٔنز گاسہ اوس کھیوان تہٕ دوٚپنس — ”ہیوکٹا! تلا ژھہے اَن تریشہٕ گلاسا۔ میٚہ ہٕلُج تریش“ تہٕ ہیٚو کرٕکو پتہٕ ہٹوٚدُن یہ کٔھٹہٕ تہٕ۔ یوٚہے سوٕ لوکٕک کوٚرُن اُکس کرِس سیتیٚ تہٕ۔ مہرٚینز اُس پہٕ سوٚرُے اَچھو دُچھان تہٕ کٔنو بوزان۔ اُمس سورے پہٕ ترانازٕ پہٕ ماچھُ پاگل۔ مہرازن کوٚر شرارتٕ سان اُمس کُنٛ رُخ تہٕ دوٚپنس — ”ژھہے اَن تریشہٕ گلاسا۔ میٚہ چھُ تریش لٔگمژ۔“ اُمس اوس

وُنہٖ زیٚو کَڈٕنے زِ تریشہ گلاسہٕ ووت برونٛہہ کُنُ۔ اَمہٕ پَتہٕ گوٚ جہرازٕ باقی حُکم کڈان
بادشہَ کوٚر گیٚیہ تامیل کران۔ ہٕمفتس تام آو اَمہٕ شندِس مزازَس فرٛق اَکھ نوٚو اِنقلاب
سورُے کأم کار ہیٚوتُن پانے کرُن تہٕ یہٕ بنیٚ یہٕ اَکھ مکمل خانہٕ دار ییٚنہ۔ اَکہٕ ہفتہٕ
پَتہٕ پیٚیلہٕ بادشہَن، وزیرَو تہٕ لُکو یہٕ حال وُچھ۔ تِم راوٕی ہیوٕ۔

•

راوی: منظور ہاشمی وترگام بارہ مولہ

---

# وِلوٗر

ترتیب

پروفیسر جے، ایل، کول

پی، این، پشپ

تہٕ

غلام نبی خیال

صفحات ۱۴۴ • معاوضہ ۱.۵۰ روپے

# اَرَن کوٹھِن سٲری یار

دپان پتھ کالہٕ اوس اکھ بوڈ باپار ربا اکھ۔ یہ اوس بڑٕ ناما وار۔ اَمۍ شُر
شہرس منز اوس سٲری ہِندِ مُلکس گامُت۔ بِیَو کارٕ بارٕ وٲلہٕ اوس یہ لالن تہٕ جواہرن
ہُند کارٕ بار تہٕ کران۔ عیال اوسُس ژھوٚٹ۔ کوٗر تہٕ نیٚچُوِ اوسُن حال حالے
کھاندر کوٚرمُت۔ اکھ وقتاہ ووت زٕ اَمِس باپارِس پیو کارٕ بارٕکِس سلسلس منز
بیٚیِس کُنہِ شہرس گژھُن۔ سٲری تیاری آیہ کرنہٕ تہٕ اَمۍ اوٚن پننِس نیٚچوِ بروٗنٹھ
کُن۔ یُس جان پوٚرمُت لیوٚکھمُت اوس۔ تہٕ ووٚننس زِ میٚ چھُم کارٕ بارٕکِس
سِلسِلس منز بیٚیِس شہرس گژھُن۔ خبر چھا میٚ کوٚتاہ وق لگہِ تہٕ ژٕ یہ پیٚٹھ چھَی یہ
ذِمہٕ واری تراوُنہٕ یوان زِ ژٕ کرکھ میانہٕ غٲر حاضری منز رٲچھ راوُٹھ نوکرن تہٕ
ملازِمن پیٹھ چھینہٕ کانہہ پرژھ۔ یہ وٗنتھ ووٚنُن نیٚچوِ زِ مہ بَر کانہہ تہٕ پرواے
بہٕ کرٕ ٹھیک پاٹھۍ راچھ راوُٹھ تہٕ سٲرے کٲم تہٕ ویٚتراوِ۔

باپارِ دراو پننہٕ کامہِ تہٕ اَمۍ سُند نیٚچُو تہٕ ہیوٚت ژیٚپہ۔ کیٚہہ وق گژھتھ
آو باپارِ اکھ مُلنکاہ اکھ تہٕ یہ اوس کوٚچہ پتھ کوٚچہ بڑٕ بڑٕ کرتھ دوان زِ یُس میٚ

اَکھ لچھ روپیہ دِیہِ تہٕ تمِس وَنہٕ بہٕ، دُذ پیٹھکہٕ لسنہٕ بَنٛنگ راز۔ تہٕ یُس میہ اکھ پوٚنسہ دِیہِ تمِس دِمہٕ ہمتھ لیکہٕ۔ یِمی وَنان وَنان ووت مَلنگہٕ اُمِس باپاڑی سُنٛز کوٚچہ رٛنش تہٕ اَتھ ہِتھ روٚن اُمی تہٕ دٛراو۔ باپاڑی لڑکن بوٗز کنوٚ تہٕ لوٚگ سوچنہٕ۔ اَما اُمِکس لچھس روپیس کیا سُنا راز وَنہٕ یہ۔ اُمِس ووتھ تلیو خیال تہٕ ووٚتھ پٔنٛنس اُمِس نوکرس اکھ لچھ روپیہ دِنہٕ باپتھ۔ نوکرَن تُل روپیہ لچھ تہٕ دِتُن اُمِس باپاڑی لڑکس اَتھہٕ۔ باپاڑی لڑکہ دٛراو دوران اُمِس ملنگس پتہٕ۔ کینٛہہ دوٗر گژھتھ ووٚتھ ملنگس کَنہِ کھہ۔ تہٕ ملنگ وُرکیوو۔

مَلنگ چھیوٗ۔ پتہٕ باپاڑی لڑکس کُن تہٕ ووٚنہٕ نس۔ وَن سُہ جگرا کیا گژھی باپاڑی لڑکن رُٹس کھوٚرہ تہٕ ووٚنہٕ نس رُٹھو یہ چھُ روپیہ لچھ تہٕ وُنُو میہ دُذ پیٹھک راز۔ مَلنگ ووٚنتھس زِ دُذ پیٹھک راز بوزِتھ تُلکہ ژٕ سیٹھاہ مُشکِل۔ یہ چھُ باسان زِ ژٕ گژھکھ جان خاندانکُ لڑکہ آسُن تہٕ ژٕ یہ نیری نہٕ کانٛہہ فائدٕ۔ راز بوٗزِتھ گژھ کرِنُن کاربار تہٕ مرسُن جادہٕ۔ باپاڑی لڑکہ ووٚنتھس زِ توٚتام نیرِ نہٕ بہٕ یوٚتام ژٕ نہٕ بہ یہ راز بوزہٕ۔ ملنگ ووٚنتھس لڑکا اگر ژٕ چھُہ ہے چھکہ کران تہٕ تیلہٕ بوز کتھ چھے پانٛژ: (۱) موج گٔی اول (۲) مول گوٚو ژٕ روٚل (۳) بیٛنہ گَے چنٛدہٕ باندو (۴) زنانہٕ گَے نوٚت تام یوٚت تام پانس نش اُسی (۵) یار گوٚ سُہ یُس سختی وِزِ بکار پیہ۔ مَلنگَن نِجو روپیہ چھیلو تہٕ دٛراو پنہٕ نِس مُنزلس کُن۔ یہ بوٗزِتھ دٛراو باپاڑی لڑکہ تہٕ پننہٕ کوچہ کُن۔ اُندری کینٛژ ہیوس غم زِ خرچ چھا مول کیاہ وَنِہم کاربار ہیتھ واپس پتہ خاریِتھے کُنٛز گُندر یوو اریاوَق تہٕ اُمو گُنٛدہ مول (باپاڑی) آو پنُن گرٕ واپس۔ دون ترین دوہن ہنٛدہٕ آرام پتہٕ دٛراو پنُن کاربار وُچھنہٕ تہٕ نوکروکرِس سورُے حساب

پیٚشِس تہٕ اَتہٕ پیٚیٚیہٕ اُمِس اَکِس جایہِ نظر زِ گرِکِس خرچس مَنٛز چھُ اَکھ لچھ روپیہ
خرچ ترٛاوُنہٕ آمُت ۔ نوکرن پرٛژھ غاٹ گرِتھ وَوٚنُس تِمو زِ یہٕ لچھ روپیہ چھُ چانِ
صاحب زادن نیوٗمُت ۔ باپارِ پیوٚ سوچُس زِ آما میانِس لڑٕکس کتھ پیوٚ پیسہٕ ن
روپین ہُنٛد ضروٗرت دور ۔ یتھِ زن پرٛتھ رنگہٕ تمِس آرام اوس ۔ ڈٕپو نوٚو نوٚو چھُس
خاندر کوٚرمُت ۔ نو تہٕ کیا گوٚ یِمَن رقمَن کیاہ اوسُس کرُن ۔ یہی سوٗچان سوٗچان
پیوٚ باپارِس خیال زِ کیا زِ بلاون نہٕ بہٕ شہٕ لڑٕکے پور ۔ تہٕ تمِس کرِ پرٛژھ غاٹ ۔ لڑٕکہٕ
آو اَنناونہٕ تہٕ باپارِ وَوٚنُس زِ حسابس مَنٛز چھُتھ ژٕ ئے اکھ لچھ روپیہ خرچ کوٚرمُت ۔
یِمَس یُدلِس رقمُس کیا اوسے کرُن ۔ لڑٕکہٕ گوٚ لاجواب تہٕ سیٹھا پرٛژھ غاٹ کرِتھ
وَوٚننُس ۔ یِہا روپیہِ لچھ کوٚر میٚیہ غائب اتھ ۔ تہٕ دِیُتم اَکِس مَلنگس ۔ ووٚنی چھُیو یانِس
تام زِ میٚیہ کیا سزا دِیو ۔ یہ بوٗزِتھ کھوٚت باپارِس سیٹھا شرارت ۔ تہٕ وَوٚننُس ۔ خٲرات
گوٚ پوٚز کم کینژھا ۔ مگر یوٚت رقم چھا خیرات کران ۔ ووٚنی کیاہ بروسہ کرِ بہٕ ژیہِ
پیٹھ ۔ یہ گوٚ گرٛزَن تام دوہ ہِنے حال ۔ پانے کموومُت آسہِ ہی تہٕ قدر زانہٕ ہنگ
پانٔسہ کماوُن کیا گوٚ ۔ یہ وَوٚنِتھ باپارِ تھوٚوُہٕ کرِ ناوُن اَکِس نوکرس اَتھ اُمِس پلوٚ ، تہٕ
ترٛاوُن کاٹھ مَنٛزِ سے اوت ۔ سیٹھا مار گنڈٕ کرِتھ وَوٚن فِس زِ یہٕ چھُسے بہٕ پرٛتکھ
دِوان تہٕ میٚیہ نِش گوٚ کھ اَزٕل ۔ نیٚبر میانہِ گرِ یوٚت خوش کرِی ۔ باپارِ لڑٕکہٕ چھُ وَدان
تہٕ مٲفی منگان ۔ مگر مٲلِس آو نہٕ کُنہ قِسمہٕ نہٕ آر ۔ آخرس پیٹھ وَوٚنُس اَچھا تو تہٕ
ہیمہ بہٕ واچہ روہ خصت ۔ تہٕ ہماہ گمتین لوکن ہنٛدِ وینہٕ نہٕ آو اُمِس ماجہ روخصت
ہیٚنگ اجازت دِنہٕ ۔ تہٕ لڑٕکہ دژاو وَدان تہٕ روان گرِ کنُ کرِتھ ناد بوٗزِتھ دژایہ
تَس ماج دارِ کینہٕ تہٕ اُمِس چھُنہ بیہا نے زِ کیاہ سا تمو شُنِدِ نیچوٗ چھا اتھ حالتس

منز۔ اُمِس کُمہِ سنا چھُ زچن پچھن ہَر دیُت مُت۔ ینہٕ لُڑکہ او ینہٕ کورٕ وُن وُدان
وُدان ماجہ نالہٕ موٗت تہٕ وٕنی نس ساٗرِے ذٕلیل چھہ دوہ شوٗرِے ماجہ پتھر وُدان مٕنج
وُڈھس۔ میٚہ گیاز دوٚ نُتھ ینہٕ بروہ نہ بہٕ کرہا کانہہ ننہٕ کانہہ چارٕ یتھے کُنہ کتھ
کران کرانے پیوٚ باپاٗری تہٕ باپٕ واٗتھ ووٚنُن پننہٕ ینہٕ خاندارنہٕ کُن زٕ ژیٚیے کوٗر تھن
یہ خانہٕ مول تباہ۔ ووہ نی دٕرہٕ یٚییہ یہ۔ دِس روخصت ننہٕ نیر ژٕ، تہٕ اُمِس عِستھ
میٚہ چھُنہٕ کانٛسہِ ہُنٛد منوٗر روٗزتھ۔ ماجہ کریوس سیٹھا مگر باپاٗری ماٗنی ینہٕ اَکھ کتھ تہٕ
غاٗر ماٗج چھہ جلدی منز۔ داہ وُہہ لُڑی تلیتھ اُکس وِجہ منز اُمِس لڑکس دوان
تہٕ ووٚنہ نس یوہ تراہم لُڑی کھیٚنہٕ یکھ تمہٕ وِز ئمہِ وِز ژٕ ئے سیٹھا بوچھ تہٕ تکلیف
باسی۔ لُڑکن تُلی ہیم لُڑی تہٕ دٕراو وُدان اُکس نامولوٗم مُنز۔ لس کُن۔ ووہ نی
چُھ یہ لُڑکہ ننہٕ دورُے گامہٕ یتھ گامہٕ پھیرتھ یٚچھت تُچھت پننہِ یڈٕ بالان۔
یتھے کُنہ کوٗ دوہ گذران۔ تہٕ یہ ووت اُکس شہرس منز۔ اور یور پرٕژھ غاٗر
کرٕتھ گوٗ اُمِس مولوٗم زٕ یہ چھُ تُمے شہر یٚیتہٕ میاٗنی بیٚنہٕ باگنہٕ آمٕژ چھہ۔ اُمِس گیہ
اَکھ سِتھا ہش کہ ووہ نی میلہٕ میٚہ کیٚنہہ اُکھ روٗٹ تہٕ بینہٕ کرمیانہٕ باپتھ کانہہ چارٕ
اَتھ پیوس دِلس منز یہ خیال اَما کمہٕ سنا بُتھہ گژھہ یہ پننہٕ ینہٕ بیٚنہٕ نِش تہٕ سہ
کیاہ وَنہِ میٚہ۔ چھُنا صلاح بہٕ گژھہ دوہ ڈٕلہٕ وُن رُھیو۔ یتھنہٕ میٚہ ہیکہ کانہہ
وُچھتھ۔ واریا وقتک فاقے تہٕ واریاہ مُشکلو کنہ کورٕ اُمی انتظار یُہ تام دوہ
لوٚس تہٕ دٕراو اُکس یٚیس پرٕژھتھ اَکھ فقیر ہیوٗ پننہٕ ینہٕ بیٚنہٕ ہُنٛد واٗرو کُن۔ ینہٕ تتھ
واٗتتھ وُچھ اُمی ڈیڈ پیپھٹ اَکھ ڈٕیڈوان، یُس زن پہرہٕ دوان اوس۔ ڈیڈی وانن
دوٚپنس۔ وَن ساٗ کیاہ گژھی۔ لُڑکہ دوٚ تھس درجواب۔ یُس زن اُکس فقیر

سۭنٛدِ کھوٚتہٕ کم اوسنہٕ۔ زِ میٛیہ ہتھاے اوس تہٕنٛزِ۔ مالی کینٛہ سمکھُن یوسہٕ زَن میانٛی
بێنہِ چھہ۔ بہٕ چھُس تمیٚ سُنٛد بوے۔ یہِ بوزِتھ تُرٕوو ڈیڈٕوانَن بڑٕ بڑٕ اُشن۔ دوٚپنَس
پاگلاہ ژیٚہ چھُکھ ناخبر سانہِ مالکینٛہِ ہُنٛد بوے کُس چھُ، یێمہ دوہہٕ سہٕ یور یوان
چھُ، بێیتہِ چھُ قائلپن تہٕ محلٕچ یوت وٕتھرُن بیان کرٕنہٕ۔ ژیٚہ نے تنہِ پیٹھ زٕٹ چھے
ژٕ چھُکھ وَنان بہٕ چھُس تمیٚ سُنٛد بوے۔ ژٕ چھُکھ خبر کُس بدماش، ژٕوٕر۔ لٚڑکہٕ دوٚپھُس
درجواب بہٕ بنوٚس وقتَن پاگل۔ حیرانی کرٕمکھ ژٕ، وَنہٕ ہیکھ تمیٚس میون۔ دپو
بہٕ ہلا قاتھ ہیکہٕ ہا کرِتھ۔ ڈیڈٕوانس کھوٚژ زٕکھ تہٕ ژھُنُن پہٕ اتھہِ کنہٕ ژٕٹھتھ
گُدٕتھ۔ تہٕ لڑکہٕ دژاو وَدان وَدان تہٕ بیوٚٹھ نزدیکھ کُنیا شانٛد دِتھ۔ ڈیڈٕوان پیو
سوٚنچُس۔ ہٹٕ ہِمٕے وَنہٕ نہٕ کانٛہہ زِ بہٕ چھُس یُہُنٛد رشتہ دار۔ اَتھ منٛز گٕژھہِ ضنوٚرٕ وُر
کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ حقیقت آسنہٕ۔ یپارِ اوس ڈیڈٕوان اَتھ دوہ لابَس سۭنیوٚمُت،
بێیہِ طرفہٕ آسہ باپٲرِ لٚڑکَس وَدان وَدان نێنٛدرِ پیے ہرش۔ یوٚتام مالہِ لَبِجہٕ فِکرِ لنہٕ
ڈیڈٕوانَس گیہٕ کنَن اَنٛدرِ مکانہٕ منٛزٕ مالی کینٛہِ ہنٛزٕ آواز۔ ڈیڈٕوانَس آو رحم تہٕ
گوٚ پننہٕ تہٕ مالی کینٛہِ نِش۔ تہٕ وٕنی نَس سارِے کاڑٕچ دلیل۔ اگر اجازت دِیو بہٕ کرٕن
توہہِ نِش بیش۔ مالی کینٛہِ وُژھِس۔ اَنُن وُچھو کوٚت نام چھُ پرٕزٕر۔ ڈیڈٕوان
دژاو تہٕ وُزِ نوٚوُن پہِ جوان۔ دوٚپنَس دوہہٕ اگرٕے ژٕتے بێنہِ سمہٕ کھُن چھُے بسہ
چھے پٕژاران تہٕ باپٲرِ لٚڑکہٕ دوٚتھ مایہ تہٕ لولہٕ دوران دَوان پتھہٕ نہٕ بێنہِ کُن۔

اَمہِ سۭتۍ نٛزٕ یہِ بینہِ گیہِ باپٲرِس اَتھ حالتَس منٛز وُچھتھ حاران۔ تہٕ دوٚپنُس۔ یہِ
کیاہ قِصہٕ چھُ زِ ژیٚہ دوتے اوٚت میٚیٹھ۔ باپٲرِے وٕنی نَس سارِے دلیل۔ تہٕ
بێنہِ وُژھِس ژیٚہ بنے مے نا بێیہِ کنہٕ بێیتہِ چھپنَس جاے۔ دوہ نی ٹھوٚ ہامہ

یٔیتہٕ پتھرن منٛز یامہٕ، یوٚت جلد سپدی تیوٚت کریٚتہٕ تٕہ ژٕلنٛج کوٗشش۔ وُنہٕ چھےٚ گٔژھے
بوے دوٚیتھٕس وُدان وُدان زٕ بہٕ چھُس واریاہ وقتک فاقےٚ بہٕ آیوس آشہٕ زٕژ کرکھ
میہ کینٛہہ رفاقت۔ دوشوٚنی چھےٚ نا کینٛہہ کھینس کیٛنٛژ تہٕ بہٕ نیرہٕ۔ بٔینہٕ گٔیہٕ جَل جَل
لنٛگرس کُن تہٕ اَتہٕ وُچھکھ ناقچس پیٹھ خبر کیٚتہٕ کالچہ ژھوچہ زٕ ژور ہلکہ ریشہٕ تہٕ امین
جَل جَل دِژن بأیس کُن تہٕ دوٚیتس گٔژھہ باکھہ دٔلی دٔلی کٔنہٕ جایہٕ۔ وَدان وُدان ژھچہ
بأگے ژھوچہ تہٕ دوٚنوٚنس ژٔٹے باسیوسےبہ فقیر توٚے کوٚر تھم یتھ میٚز کتھ۔ پرأنی
پأٹھ ہےٚ بہٕ آسہ ہا تیٚلہ ما کرہ ہکھ میہ ییٚژھ ذلالت تہٕ تھٕجین ییمہ ژھوچہ بھوٚن
جنٛدس أندر ہو ٹھیلس منٛز تہٕ دٔراو۔ یہندے پأٹھ چھُ یچھان یچھان گامہٕ یتھ گامہ
نٔژہو نٔژہو اکہ دوہ ہہ أکس جایہ واتان۔ اَتہٕ وُچھ أمی أکس کُلس تَل ناگرِ ہنا اکھ
چھیٚین تریش تہٕ دِلس پیوس خیال۔ چھُنا صلاح زِ یتھ سبزارس پیٹھ کرہ ہا تھکہ
ہیوٚ تہٕ ترٛوومٕن ڈاف۔ لوٚگ پینہٕ نہٕ جایہٕ سوٚنچنہٕ زِ یتھ دُنیہس منٛز چھُنہٕ کانٛہہ
پننُ۔ صرف کوٚر نہٕ میہ ییمہ ماجہ گٔتراٗژ زانٛہہ تہٕ جواب۔ پرٛتھ ورٕ دوٚرن پینہٕ
تہٕ زانٛہہ آیہ نہٕ تنگ یہ سوچان سوچان پیٚیہ أمس نیٚندرٕ۔ نیٚندرِ منٛز چھ أمس
کُنُن کتھ ہاشہٕ باسان۔ أچھ مُژرِ یتھ چھُ یہ اکھ ناگس پیٹھ زنانہٕ تاہ آب بران
وُچھان۔ لٔڑکہ گو ویمِ وُچھتھ سیٹھا خوش۔ تکیازِ یمن ترٛین زنانن منٛز أمس
أمس پننہٕ خانہٕ دارنیہ تہٕ تِمس گو یٔژ کألی موکھس پیٹھ اَشِن ظأہر۔ یُس زنِ تِمن
زنانن ناگوار گو تہٕ ہیٚژکھ أمس بے یزتی کرٔنی۔ دوٚیمِس فقیر اَتہٕ کتہ چھکھ زان
ژٔٹے کیازِ ترٛووُتھ اشِن۔ لٔڑکہ دوٚپُکھ درجواب زِ میہ ترٛووُ تہٕ کٔنہ غرضہٕ بابت اَ
صرف یہ زِ میہ باسیو توٚہی گٔژھو آسنہٕ جان گرَن ہنٛز زنانہٕ۔ بہٕ چھُس اکھ مُسافرا

مہ سوچیو تہٕ ہیو نیو مہ پنُن گرٕ بہٕ کرٕ تتھ محنت موٗزوٗر تہٕ مہ بنہٕ ہے کھینہ بابت کینٛہہ تھا - یہ بوٗزتھ وُژھ اکھ زنانہ بٔییس کُن ۔ یوہ سہٕ زن یمو نزٕ تیوٗ منٛز جان پوشاکھ لاگتھ تہٕ اُہرٕ اُس باسان ۔ میون مول چھُ سیٹھا امیر تہٕ توہہ چھُو نوکرن ہنٛز سیٹھا ضروٗر تہٕ سوہ وُژھ اُمس جوان لڑکس کُن وونہ تہٕ سائٕتی یہ آبہٕ نوٗٹ تہٕ پکھ اُسہ پتہٕ پتہٕ ۔ اُمہ تل آبہٕ نوٗٹ تہٕ چھُ پکان یمن پتہٕ پتہٕ ۔ تہٕ دوت یہنٛد گرٕ ۔ یمو سُند یہ آبہٕ نوٗٹ اوسُس نہٕ سوہ بے اُمس اُمہ سنٛز خاندارن تہٕ یوہ سہٕ اُمہ لڑکن ٹھیک پاٹھو پرزناو ۔ مگر اُمہ پرٕزنو نہٕ یہ لڑکہ کینٛہہ تہٕ ۔ تکیاز اُمس اُس نہ سوہ سوٗر تھے روٗز منٛز یوہ سہٕ اُمس اُس ۔ اتہٕ پییہ نظر اُمہ ہنٛدس ماگس اُمس لڑکس پیٹھ تہٕ وونُن پننہٕ خاندارنہٕ کُن ہٕ زٕنتے کیاز اُسہ تھن یہ کوٗر آبس سوٗز منٛز نوکر ہیکہ نا آب اُنتھ ۔ سوہ وُژھس دہ جواب زٕ اُمہ وونُن بہٕ گژھہ پننہ نن وٕسن سیٹھو چکرس ۔" خاوٕر یتہٕ گوٗ جان اورٕ اوٗن اُمہ مہ ہنیوٗ سیتی وٕن ساتھ کرٕ پونسہ واتی ۔ یہ لڑکی وُژھس بُبا اُسہ چھُ نوکرن ہنٛز ضروٗر تھے ۔ اَدٕ یہ تہٕ بییہ کھین چینا دمہ ہوس ۔ یم چھ پیے کھتہ کران ۔ اکھ نوکر آو اکھ لفافہ ہیتھ تہٕ کرٕن مالکس حوالہٕ ۔ اُمہ سنٛز کور بییہ اَتھ تیٛہٕ پیٹھ نظر تہٕ ہیٛرن پرٕنی ۔ تکیاز یہ چیٹھ اُس اُمہ سنٛد ہیرن سوٗنس سوٗز منٛز ۔ چیٹھ پرٕان پرٕان پییہ یہ لڑکی بتھر تہٕ گیہ بے ہوش ددان ودان ۔ چیٹھ روٗز اُتی تھے تہٕ یم لگو لڑکی ہنٛدس گلہ گوٗشس تہٕ اُمہ لڑکن تیج یہ چیٹھ تہٕ ہیٛرن پننہ نہٕ جایہ پرٕنی ۔ یہ چیٹھ پرٕزناو اُمہ تہٕ اَتھ اوس یہ لیکھتھ زٕ میہ ہسا دیت پننس نیچوٕس گنہ وجہ ہس پیٹھ پرٕتھکھ ۔ اگر سہ زانہہ تور آو تہٕ تمس نسا گژھہ نہٕ گنہ قسمہ بہنہٕ جایے دنی ۔ نتہٕ

گرِٛژھ چانِٛی لۆڑکی تہٕ میٚہ نِشہِ محرُوم ۔ چیٖھٹھ ہُرِتھ ترٛووُن وۄشاہ تہٕ دوٚنُن اُمس
مالکس کُن تخمیر تخمیرُ وُچھ ساکُس صدمہٕ ووت ییٚمس لۆڑکی ۔ تۄکَن کوتاہ چھُ
دِل سَخ تہٕ ہیٚیرِن پیتھےَ پاٹھۍ ہمدردی ہنٛز کِتھ کرَ تہٕ ۔ ییٚمہ کِنی مالکس باسیو
زِ لۆڑکہٕ چھُ سیٹھا نیک تہٕ دوٚن نسَ اُزکہٕ بیٚیڑ چھِ ژئے ییٚتھے کامہِ زِ یہ لۆڑکی
گرِٛژھ خوش روزنی ۔ لۆڑکہٕ دوٚپھُس درجواب ۔ یۄتام میانِٛی کوشش آسہ بہٕ
تھاوَن یہ سیٹھا خوش تہٕ مالکِ کیٚنہٕ ہنٛز ۔ قدر کریس ۔ صرف گرِٛژھم پۄر بَتہٕ آسُن ۔
مالکِ کین دوٚن خاندارنہٕ زِ ییٚمہ رنو کسے گاہے ، کیٚنہہ زنہٕ پٹشادِ نی تہٕ یہ روزِ ییٚتھ
تہٕ پیٚتس کالس آیہ لۆڑکی تہٕ ہوشس منٛز ۔ دوہ چھِ اُمس لۆڑکس پیٚٹھ کامہِ زِ
جان جان کِتھ وُنی وُنی تھاوِسہٕ اُمس لۆڑکی خوش تہٕ بیوٗٹھ یہ باپارِی لۆڑکہٕ اُتی
نوکری کرَنہٕ ۔ یۄتام وارٕ وارٕ اُمس لۆڑکی ہِندِس دِلس منٛز پنٛنہٕ وارۄیک لول کم گوٚو
اُمہِ لۆڑکَن دیُٛت تہٕ اُمس لۆڑکی زانِہہ تہٕ یہ باس کہٕ بہٕ ما چھُس جون خاندار یہ نوٚلگ
بیہ شنٛونکھ پاٹھۍ اُمہِ پنٛنِس خدمتس ۔ یۄتام واریا کالا گوٚو ۔ اکہٕ دوہہ چھِ ییٚمَن
ہمسایہ گی منٛز اُکس کورِ خاندر آسان ۔ تہٕ ییٚمن سارِنے چھِ دعوت آسان ۔ اَمہِ لۆڑکی
کوٚر اِنکار کہٕ بہٕ ہیٚکہ نہٕ گرِٛژھتھ تہٕ کیا زِ میٚہ بیٚیہ اُتہ پنٛنہٕ خاندرٕچ سارِے ڈلیل
یاد ۔ یُس نہٕ میٚہ برداشت کرُن لایق چھُ ۔ یہ کِتھ بیٚیڑ اُمہِ پنٛنِ ماجہ تہٕ دوٚپنس ۔ چانِٛی
تہٕ چانِٛس نوکرِ ہنٛد باپتھ سوزِ نادو یوری سالہٕ تیٚہِچ ۔ رتم گیہٕ سارِی اَتھ دعوتس بیٚیڑ
تہٕ اُمس اُوری بَتہٕ سوزنہٕ ۔ بتہٕ کھیتھ چیٖتھ دوٚپھ لۆڑکی ہِندِ دِلہِ بیٚیڑ بدکوڑ
تہٕ یہ چھِ باپاری لۆڑکہٕ دوٚپھُس تہٕ چھک میٚہ مالکِ کیٚنہٕ ۔ بہٕ چھُس ییٚتہٕ حق نمک گومُت
بہٕ ہیٚکہ نہٕ اَمہِ قسمُچ کانہہ تہٕ بدحرکت کرِتھ تہٕ بیٚیہ یوسہ زنانہٕ بیٚیس مردس منٛز

حق نمک گمٕژ آسہٕ تِمَس شوٗبہٕ نہٕ بِیِّس مَردَس سٟتۍ یُتھ سَنگ تھاوُن۔ آخرکار
واتی ژٕ یلے یِنٕ حق تِمَس کیاہ جواب دِکھ ژٕ۔ لڑکی وُژٕ ھس درجواب زٕ زانن چھہ
ساسہٕ ئُدی بُتھو چندس بہٕ ہیکَن کُنہٕ تہٕ طریقہٕ سٕہ مُطمیٔن کٔرِتھ ژٕ، تہٕ ژٕاوتھ نہٕ برپیٚنزٕ
کینہہ یہٕ وٕنتھ وُژھہ تھوَد تہٕ ژٕھنِن پَلوَ ژٕ ژٕٹِھتھ تہٕ دِژِن کژٕ پکھہ۔ لوکو چھونا بوزان
نوکرہٕ آم تہٕ تمہٕ ہا ژٕ ڈٕ نَم پَلوَ تہٕ اُمہٕ کٔرہٕ میہٕ سٟتۍ بدسلوٗکی۔ قودرتی اُسی ہمسایگی منز
دارِیاہ لوٗکھ جماہ گٔمتۍ۔ تیم آیہٕ دوران دوران یِہنٛدِس مکانَس کُن۔ لَڑکس دِژٕ پِنہٕ رنس
جندٕ بہٕ کھچس تھَپ تہٕ ژوٗل مگر سٟتی آو آنگنس منز رَٹنہٕ۔ بہٕ ہیچھ رٕکنہٕ کرے یہٕ اُمی
کوٗشِش کہٕ یِم بوزَن میانۍ شوٗزٕ تہٕ پُزٕ کَتھ۔ مگر کانٛسہٕ بوٗزٕ نہٕ اُمی مُنٛد پُزٕر۔ اُمِس
دِتکھ چوب بیٚیہٕ ژٕچہٕ ہیٚس زٕچہٕ پچہٕ۔ کوٗرُکھ پُلیٚسَس حوالہٕ۔ تہٕ آو یہٕ بٲیٛرٕ لٔڑکہٕ
حوالاتس منز بند تھاونہٕ۔ اکہٕ دوہہٕ ہیچ اُمِس حوالاتس منز شیٚنخ بہٕ چھِہ تہٕ سوٗنچان
سوٗنچان بیٚیہٕ اُمِس ماجہٕ ہِندی لٔڑی یاد۔ اَمہٕ یِیمہٕ کھوٗتہٕ کُس مصیبت آسہٕ میہٕ یِیمہٕ
وَقتہٕ میہٕ یِم درکارِین تہٕ اُرِن لٔڑی دُجی برونٛہہ کُن۔ کوٗڈُن اکھ لوٗڈ ہیٚوتُن دَندس
تَل پھُٹرٕ ون۔ یٔژ کالُک بٲسِتھ ژٕھنُن ژٕاوِتھ مگر اُمی وُچھہ یہٕ نِیان ہیٚوٗتہٕ کوٗرٕ ن
صاف۔ اَتھہٕ کرس منز پیہٕ گاش۔ اُمی زون زٕ یِم چھہ میانہٕ ماجہٕ لال تہٕ جواہر تھاومٕتۍ
میانہٕ خاطرٕ تہٕ یہٕ گوٚ سٟٹھا خوش تہٕ اُمی سوٗنیچ پانہٕ بہٕ کیاہ چھس کَران۔ گوٚ ڈٕ نی گٔنٛزِہ
یِیمہٕ جیلہٕ منزٕ آزاد گژِھہ ہن۔ یہٕ گوٚ دوہہٕ ژٕٹلان تہٕ سارِنے گوٚ شک زٕ یہٕ ہا گوٚ پاگل تہٕ یہٕ
سوٗزُکھ پاگل خان۔ یہٕ چھُہ دوہہٕ نی بَڑٕ پریشان۔ اُمی دوٚن اَکس دارُوغس نِہ اگرِ
ژٕ میہٕ یِیتہٕ پِلہٕ ژٕاوکھ نہٕ بہٕ دِمے ژٕیٚلے یہٕ اکھ لال تہٕ اُمی ترٕوو یہٕ پِلہٕ بٲیٛرٕ لٔڑکس
پِچھِنہٕ پلوا کانٛسہٕ تہٕ اوٗر لانگِتھ۔ اُمی سوٗنیچ زٕ گوٚ ڈٕ نیتھ کُنَن بہٕ اکھ لال تہٕ ژٕ راو

أکِس لال کێنِن دٲرِس دُکانَس پیٹھ۔ دُکان دارَن بَدلوو لال تہٕ دِیتنَس کھوٚٹ
لال واپَس۔ لُڑکہٕ ووٚتھُس۔ ہے مےٚ ژےٚ اصل لال دِتےٚ۔ ژیہٕ کیاز دِیُتھ
اوٚرٕ بَدلے۔ آخرکار دِتکھ اَمِس چوب۔ دوٚیہِ ہَس ہَتا کھرٕ آ۔ ژےٚ کتیو گوٚسے یہ
لال پاؤدٕ تہٕ آتہٕ سُمے یہ وار یاہ لوٚکھ۔ اَمی ساتہٕ ہیوٚ پایرہی اَمو سُنُد پُرون یار بیٹھ
اَمو بیٚلہٕ یہٕ وُچھ تہٕ باپارِہ لُڑکَن پرٕزٕنوو یہٕ یار۔ مگر سُہ چھُس نہٕ کینٛہہ پرٕزٕ ناوان
آخرٕ ووٚتھُس لُڑکے۔ ژٕ زانکھ سٲ یہٕ گوس چون یار۔ تہٕ اَمی ژٕ آو نوو یہ بیٚلہٕ تہٕ دڑایہ۔
باپارِی لُڑکَن دِتس ہیم لال تہٕ دوٚپنس اَسہِ کرو یکہٕ وَٹہٕ کارٕ بار۔ ہیم گیہٕ کارٕ بار کران
تہٕ اَمو زٕ بحرٕ لچھ بَڈی رٕوٚہ ییہٕ تہٕ دڑاو نوکر چاکر ہیتھ گرٕ کُن۔ گوڈٕ نیتھ ووت بینہٕ
ہُندِ گرٕ۔ اَتہٕ چھس ہیم بُڈٕ عیزَت کران۔ نکیاز یہ چھُناوُنی کین ہارٕ وول۔ بینہٕ ماوِن
ژتمہٕ ہکھریمٕ ژوہِ چہ۔ ہمہٕ تمی دژٕ مٕژ آسس تہٕ امہ پتہٕ دڑاو ہوورٕ کُن تتہٕ ژٕ پھِن
زنانہٕ وغارٕ بڈٕ دُم دامہٕ سان اَمِس ژاران۔ تہٕ ووٚن نَس وَن ژےٚ کیاہ کورُتھ
یَنتھ وقتس نام۔ کو لےٚ وُژھس۔ بہٕ اَسِس چانہٕ بابت پان ماران۔ ژٕ وَن پنُن
حال تٕ کوٚت کوٚت ووتکھ تہٕ باپارِی لُڑکہ لوٚگ اَمِس سورُے حال وَنہٕ۔ بیٚلہٕ اَمی
اَمِس ووٚن کہ بہٕ ووتس اَکِس ناگہٕ پوٚکھرِس نِش تہٕ تتہٕ وُچھم کورٕ تارٕ۔ تہٕ تمو بیٚلہٕ
بہٕ تمہ ساری ذلیل وٕنی۔ اَمی سٕنزٕ کھہ لیہٕ ووٚنتھ اَرکھ پھیرٕ پھیرٕ۔ تہٕ ووٚن نَس
خاطرٕ یہ اوس مٕے نالے کھوٚٹ تہٕ دڑاو گرٕ کُن۔ باپارِی چھُ پےٚ لوٚبھت زٕ لُڑکن
چھُ کیاہ نام زہنتھ اوٚمت۔ سُہ دڑاو استقبال کرنہٕ اَمِس۔ تہٕ فرشہٕ فروش آو
کرنہٕ۔ اَمو دِیُت گوڈٕ نیتھ مٲلِس یہ اَکھ لچھ رٕوٚہ ییہٕ۔ یَتھ بیٹھ یہ گرٕ آیوو اُزل
کرنہٕ تہٕ بینہٕ رٕوٚہ ییہٕ دژن ماجہ اَتھہٕ۔ تہٕ ووٚنُن بینہٕ خاندارنہٕ زِمہٕ بچھتاو بنہٕ غلطی

پیٹھ۔ مئے گو مولوٗم زِ زنانہٕ چھےٚ نۆ تانٛ یِہ تانٛ پانَس رٕنش چھےٚ۔ خاطرٕ یمہٕ رٕٹھ روٗد پیہ
تہٕ پال پننہِ یِڈٕ تہٕ دِژنس سارٕیے روٗد بیہہ۔ یِم اُمہِ بابا پار کرِتھ زینہٕ مَرِ آسہٕ۔ اُمِس
گۆ دُنہِ یِتھۍ سورُے راز مولوٗم تہٕ دراو ملنگس ژھارنہٕ۔

●

راوی: شام لعل پردیسی کھربراری کونگام

---

# کوشُر سرگم

ترتیب

## شیخ عبدالعزیز

### حصہ اول

صفحات ۴۰۴ ● مول ۸.۸۴ روپیہ

### حصہ دوم

صفحات ۳۹۸ ● مول ۱۰.۵۰ روپیہ

### حصہ سوم

صفحات ۳۳۶ ● مول ۵.۶۰ روپیہ

# ٹھگَن تہٕ ٹھگے

پوٗز اُپُز زانہٕ خدا۔ مگر وَنَن وول ووستاد چھُ وَنان۔ اَکِس جایہٕ اوس
اَکھ ٹھگاہ روزان۔ تیمِس ٹھگ یِمو ٹھگَن تہٕ اوس پننہٕ واٮ۪نسہٕ منز بارٕ ژ ہیوٚ آمُت۔
اُمِس ٹھگَس اَندری ٹھکھ بیٚیہ گامن منز اٮ۪سی بیٚیہ تہٕ ٹھگ روزان۔ مگر تِم ساری اٮ۪سۍ اُمِس
ٹھگہٕ سُند ناو بوزِتھ کانپان۔ وق گُزرنس سیٹھا سیٹھا گیہ چالاک ٹھگَس سُمہٕ لوسان
منگہٕ زنزرُ ژاس تہٕ بُجرن ہوٗس پان۔ چالاک مگر بُڈ ٹھگَس اوس بیرف اَکھ غم سُہ
بہٕ زِ اٮ۪مۍ سُند ڈیمبہٕ زامُت کُنُ نیٚچوُ اوس نہٕ کُنہٕ کامہٕ ہُند۔ بُڈ ٹھگ اوس اَندری گلان
زمیانہٕ گُزرِنہٕ پیتہٕ کیا کرِ یہٕ میون نیٚچوُ آخر۔ پانسہٕ سیٹھا کوٚرُن سونچاہ زِ اگر نہٕ بہٕ پننِس
نیٚچوِس باٗنی پانہٕ ٹھگلہٕ ہنز تربیت دِمہٕ سۍ پتہٕ کُس ہیٚچھ ناوِ اٮ۪مِس۔ چھیکرس
اوٚنُن اَکہٕ دوہہٕ پنُن ساد نیٚچوُ ناد دِتھ تہٕ وو۪ننس۔ "گوٚبرا۔ بہٕ چھُس ووٚنی
آفتاب کوٚہی۔ لہٰذا چھُس دیان زِ ژٕ گوٚژھک کینژھا کرُن، یُتھ پنُن تہٕ پنٕنہٕ
گرٕ دتھ گُزارہٕ کرِتھ ہیکَکھ۔" ٹھگہٕ کٔنۍ لاگٕ ژھعہٕ بہٕ۔ "اٮ۪لۍ دوٚ پننس۔" بُباجانہٕ ژھوٚ
سیٹھا اَندہٕ نہٕ کینہہ۔ اَز چھےٚ ژٕ بہٕ امتحان۔ بہٕ نہٕ چھےٚ گانٕس منز داند۔ ژٕ گژھ یہٕ داند

ہیتھ بازر۔ اَکھ اَنی زٕہن داند واپس تہٕ بیٚیہ اَنی زٕ داند سُنٛد موٗل۔ ٹھگہٕ کٕنٛڑس یوٚدوے مولُومے اوس تہٕ زٕمہ کیا چھُ کرُن۔ مگر تیٚوت کرُٕتھ تہٕ کوٗڈُن گاہٕ اَندرٕ داند تہٕ دٕڑاو بازر کُن۔

چالاک ٹھگہٕ ہیٚندِس گامس دوٗرٕے یَہن اوس بیٚیس گامس منٛز ٹھگہٕ گرٛاہ روزان۔ یِم آسی سٮ۪تھ بارٕی۔ مگر چالاک ٹھگن اُس تِمن دوہ ہے بازی تاٲرمٕژ۔ یِم سٮ۪تہٕ وَسے ہٲرے اُسی وَتہٕ ہیچھٕ زاگے ہیتھ کوٗلہٕ ڈٕنٛدس کُن ہیتھ نسہ وَتہٕ یکوٕنس اُچھن سیکھ ژھنٛنس پٕژاران۔ یِموٚ ییٚلہٕ چالاک ٹھگہٕ سُنٛد ہیچھوٗ دٕرٕ داند ہیتھ پکان وُچھ، یِمَن نٕنیتہٕ ہیوٚ جِر بعہ کیٚہ۔ تیاری کٕرِکھ زٕ اَز ہہٕ رٕو اَسہ چالاک ٹھگس پٮ۪ن سورُے عداوت۔ توٚت تٲمچھ اوس۔ گرٛشمہٕ ہیتو اُس ٹھگہٕ کٕنٛڑس تہٕ اَمی ہٮ۪نٛدِس داندس چھیمب کھُژمژ تہٕ سٮ۪نہٕ ترٮ۪ش لٕمرٕ۔ یِیتھے یِم کوٗلہٕ نیشہٕ دٲتی دوہ شوٕپے لاگِ ترٮ۪ش چیٚنی۔ داندس چھُ صِفت زٕ یِیتھے یِہ ترٮ۪ش چیٚنی چھُ ہیوان یہٕ چھُ گرٛزمُت تہٕ کران۔ داند ییٚلہٕ ترٮ۪ش چیوان چیوان گرٛزمت کرُنہٕ لوٚگ۔ ٹھگ اَسی ڈٕچھن کھوٚچری زاگہٕ، زٕ یٮ۪ٹھ ٹھگ اوس نیٚکھے یَہن سُہ وُوٚتھ تہٕ آو ٹھگہٕ کٕنٛڑس نِش تہٕ دوٚپنس۔ "ہے ہے یہ داند کیٛتہٕ سٲے چھُتن اوٚنمُت، یِمس یِیڈٕ گوٚد چھُ۔ چھک نا وُچھان اَمس چھِنہٕ آبرٕ رٕژھ تہٕ یِیڈٕ اَندرٕ دران۔ اَسہٕ کِنہٕ چھُ ترٮ۪ش چوان تہٕ توٚنہٕ کِنہٕ چھس نہرٕ یتھ ژلان"۔ زٕ ہیو ٹھگن اُس تہٕ وُنہٕ کٲتھ تہٕ موہ کلاوٕمژ زٕ بیاکھ ٹھگ تہٕ یِیو وٲتتھ تہٕ تِمی تہٕ وٕنِس یِیٚیے کٲتھ یِیتھے پٲٹھی ییٚلہٕ سٮ۪تہٕ وٕے باوٕ اَکے کٲتھ ٹھگہٕ کٕنٛڑس وٕنی تمس آیہٕ پٕژھ۔ یوٚزُنے باسیوس یِہنٛد وَنُن۔ چھیکرس دوٚپنکھ اَدٕ سٲ چھوٗنی وٕنو

تۄہیہ دۄنی کیا کرِ بہٕ بَستہٕ وَے بأے وُچھس اَکی زیوٚ۔" ژا۔ژٕ کیا کرَکھ۔ یہ ہَسأ گوٚ داندیلہٕ تراوُن۔ یٔتھ گوٚ تہٕ کیا نکھ گرٕ۔ چأنس شرافتس پیٹھ چھُ اَسہٕ عار یوان۔ تہٕ اَتھ شرافتس قدر کرٕنی چھۓ ضروٗری" ہتموٚ دِتہٕ ٹھگہٕ کنٹس ٹھ پُہٕن یأرِم الاہ تہٕ دوٚ بہس۔" بہا یہ چھےٚ گرُی ٹھوٗل اَتھ گرٕتھ ژٕ تجھن دوہ پہاہ دیاوُن۔ یٔتہٕ گرٕتھ یہ کتہٕ کُلس لایُن۔ تہٕ اَمہٕ اَندرٕ نیر گرُی بچہ۔" ٹھگہٕ کوٚٹ بیٚلہٕ یأرِم اَل ہمیتھ گرٕ ووت۔ تہٕندِس مألس توٗر کتھ بۄزی یتھے سورُے فکرٕ مگر نیٚچوِس کتھ فکرِ تارنہٕ خأطرٕ دوٚ پنس زِ گرٕتھ دیاو اَتھ گرُی ٹھوٗلس پہاہ دِلوٚ نیرِ س گرُی بچہ۔ تہٕ پانہٕ لوٚگ وُڈٕ ٹھگ وَتھ ژھانڈنہٕ زِ ستن ٹھگہٕ باین کیتھ پأٹھی ہیمہ بہٕ انتقام۔

ژٕ تجھن دوہ پہن وُشنیرِس روزٕنہٕ سیتھ گیہٕ یأرِ کرمہٕ اَلہٕ بِرس۔ مگر ٹھگہٕ کوٚٹ رُدٕ اَتھ لالتھ للہٕ وِنی کران۔ اَکتہٕ جمہ دوہ ہیہ تجھن یہ اَل تہٕ لأین اَکس کھوہ کرٕ وِر۔ وِر کھوہ پرِس اندر اَس شأجی پیاہ شہٕ۔ یتھے وِرِ کھوہ پرِس ٹاس گوٚ اَمہٕ اندر ژوٗل شالہٕ بچہ۔ ٹھگہٕ کیٚتھو کرے یہ شالہٕ بچہ رٹنچ کوشش مگر کوٚت۔ دوان دوان گوٚ تہٕ دوٚ ٹن مألس۔" بہا گرُی ٹھوٗلہٕ منز کیا بادرٕ ایوو گرُی بچہ مگر سہ ژوٗل، مأل کوٗر چأرِس نیچوی پتہٕ ندِس وَننس پیٹھ یدٕ بٔرِتھ اَستاہ تہٕ دوٚ پنس "اَجیٚ سأ گرٕتھ بہٕ اَنن پانے سہ گرُی بچہ رٹِتھ۔"

کینٛہہ کالا گرٕتھ آو اَکھ خیال بُڈٕ ٹھگس دِماغس منز۔ ٹھگس اَس اَکھ خری زِنیا۔ تمی اَنہٕ رۄہ پین دٕ ہیہ مرِن ژو نیہ تہٕ یمہٕ دِژن پھلس سیتی خری نہٕ اَمہٕ پتہٕ لوڈُن خری نہٕ پٔلنہٕ تہٕ گوٚ ستن ٹھگن ہنڈ گرٕ کن روانہٕ۔ ٹھگو بیٚلہٕ پن وِشاد

ٹھگ گرِ کُن پوان وُچھ، تِمو زون زِ یہ چھُ داند ژھانڈنہِ آمُت۔ پوز بڈٕ ٹھگن
کمہٕ زٕ داندٕ ہشُنز کتھ ترٕ۔ تِمہٕ کھور یہِ ہیُور۔ مگر یہِ بیوٚتھ اَتہٕ دارِکُن تہٕ خرِ نٕ اٰسن
ژٕروٚنٹھۍ نظرِ ییتھ گنڈِتھ تھاوِتھ تھوٚ مژ۔ ٹھگو کرِ یوس سخ زور زِولہِ اَندرکُن بہہ
مگر اٰمی مونکھہ نہٕ ہرگز۔ دوٚ ینکھ مہ چھُ یمس خرٕ نہِ نظرِ روزن۔ بڈٕ ٹھگ اوس
چلما چوان زِ خرٕ نہٕ کڑ لید۔ بڈٕ ٹھگن تھوٚو چایہ پیالہِ پھترِتھ، ووٚتھ بوٚن۔ بوٚن
وُسِتھ لوٚگ یہ لیدٕ سارٕ نہٕ تہٕ اٰمہِ اَندرٕ تُجن ژوٚرنیہ پانسٕ داہ۔ ٹھگوٚ ییلہِ یہ لیدٕ اندرٕ ژوٚنیہ
تُلان وُچھ تِموٚ پرٕژھس۔ "ٹھگہ بَبا یہ کیا ساے کرامتاہ چھَے؟" "خوداہ ہشُنز یارِی تہٕ
بٔنیہ کیا۔ یارِی لگہا یمس خرٕ کرٕ۔ یہ چھم اکھ سوارِ لگان تہٕ بٔنیہ چھم دوہہ دِشس
خرچس سوٚمب پھٔٹہٕ ووٹ ژراوان۔" بُڈٕ ٹھگ دوٚ ٹھک درجواب۔ ٹھگن تِمبے یہ
اَچھ تہٕ دوٚ پہاس زِ اَسہِ عیال بارَن ییتھ کرنہٕ رحم تہٕ یہ پھٔٹہٕ واٰڈ خرِ نٕ دِتن پوٚرہٕ
ہمہٕ ماناں اوزٕ تہٕ یہ نہٕ مانان پوزٕ۔ آخرس کینہہ بڈٕ ٹھگن پھٔٹہٕ واٰڈ خرٕ نٕ ٹھگن
ساسس روپیس۔ سیتی دوٚ پنکھ نہٕ اٰمس خرٕ نہٕ گژھ حرف گور کھیوٚن دِیُن۔ گور
چھُ خرس موت۔ دوہا ہن دوہ ترِن ژراوِ خرٕ نہٕ ژوٚنیہ تہٕ پتہ گیہ مرِتھ۔ اَکِس یٔیس
زنشہ بوٚزِتھ توٚر ٹھگن فکرِ زِ اَسہ چھُ بڈٕ ٹھگن فند کوٚرمُت۔ سہ تہٕ وِہے کوٚر مشورٕ
تہٕ گے بڈٕ ٹھگس گرٕ۔ بڈٕ ٹھگن اوس ژروٚنٹھۍ سوٚ نجمُت تہٕ انتظام تھوٚومُت۔
یُتھے تِمہٕ ییم پوان وُچھہ سہ ژراوِ یمن ژروٚنٹھ۔ فرش فروشا کوٚرُن تہٕ دوٚ پنکھ اَز
چھوٕ تہٕ تہہ داریا ہہ کاٰلی میون گرٕ آمُت۔ لہٰذا ژراووٕ نہٕ بہٕ از راتس کینہہ۔ تِموٚ تہٕ
کوٚر پانہٕ واٰنی مشورٕ زِ وَلا اکھ کھموس پھوس تہٕ بٔنیہ ہموس جھٹن روپیہ ساس
واپس۔ پرٕژھ کُٹھ تھاوِتھ دوٚتھ پانہٕ بڈٕ ٹھگ بوٚن۔ اَکس کُٹھ اَندرمس

ھٕوُن رٕتہٕ نور بُرِتھ تہٕ یہ گوٗنڈُن زنانہٕ ہٕٹس۔ تِمس دوٗپُن زِ شامَن رٕٹے بہٕ کینٛہہ ہیتھ۔ ژٕ کرِہو زِ واپس شور بہٕ ووہ تھے شرٛاکھ ہیتھ تہٕ دِمے اُتھ رٕتہٕ نارِس چاک۔ یتھے رُتھ پشپُن ہٕنیہٕ ژٕ درٕ تِتھ پاٗٹھ پان دارِتھ زَن تہٕ ژٕ ہوکھ۔ پٔتہٕ کرِے بہٕ تالوس ٹھکِتھ نیہٕ سیتھو ٹوٗٹہ تہٕ ژٕ گژھو زِ ھٕوٗدٕ وٕتھت۔

شامَن ییلہٕ ٹھگہٕ بابے پرٛژھن بیتہٕ ہیتھ کھُرٛ۔ ٹھگ ووٗتھ اٗمِس کرِتھ کراٗوِتھ چھک ژٕ ووہ ہے راو ران ییتھ مازِس نہٕ چھُہ نوٗن تہٕ نہٕ تیل۔ اٗخرِینا ہیم ووہ ہے سون پرٛژھو لاز"۔ "ژٕ چھک میہٕ ووہ ہے شہٕن زاکان۔ ییلہٕ میہ تکان ٹھُپنہٕ نیٛلہٕ گرٕژھ بدل کینٛہہ انتظام کرُن۔" ٹھگہٕ بابہٕ ووٗنُس واپس۔

ٹھگَن خارٕ کھو تھے پانس شرارت طاقچہ پیٹھ وٕاٗجن شرٛاکھ تہٕ لاٗگُن زنانہٕ ہٕٹس۔ رُتس کھُتو فوار تہٕ زنانہٕ دِیُت پان دارِتھ۔ ستو ٹھگ بابو ژاٗو دہ زِ خوٗن ماکھَسہٕ منٛڑٕ۔ مگر بڈٕ ٹھگ دور بوکھ پیتہٕ تہٕ دوٗپنکھ۔ "ہے توٗہو کیا زِ ژٕلی پیہٕ نے چھنہٕ کانٛہہ کینٛہہ۔ بہٕ چھُس دوہہس یہ زنانہٕ دٔمہ لٔٹہ ماران تہٕ دٔمہ لٔٹہ زِندہٕ کران"۔ یہ بوٗزِتھ آے ٹھگ واپس۔ بڈٕ ٹھگَن وٕاٗج تالوٕ پیٹھ نے تہٕ کوٗرُن زنانہٕ نِشہ اُتھ توٗ توٗ۔ توٗ توٗ بوٗزِ ہو پتھے وُژھ زنانہٕ ھٕوٗد تہٕ لٔج ہیمن خدمت کرٕنہٕ۔

ٹھگَن گیہٕ ووہ ژھِٹہٕ وٕاٗٹہ خرِٛ مُشتھ تہٕ دوٗپکھ اسہٕ تہٕ چھُہ ووہ ہے زنانَن سیتھو نیابے گرٕژھان چھُنا صلاح یہٕ نے ہیمون مُلو۔ ہیمو کوٗر بڈٕ ٹھگس زارٕ پارٕ تہٕ مِنتھ تہٕ ہیٚژہہس یہ نے روہ پیٔس پانٛژن ہتن مُلو۔

گرٕ وٕاٗتِتھ کوٗر ہیمو گو ڈینٛگ تجربہٕ ماجہ پیٹھ۔ اٗنہٕ نیرِ ہے کیا۔ اٗکی دوٗپ بیٚنِس ژیہٕ توٗگے نہٕ بوٗتام وُچھان وُچھان ہیمو پننہٕ زنانہٕ مارِتھ ژھینہٕ۔ بیٚیلہٕ گنہٕ

کیہہ کانٛہہ نتیجہ دٔراو نہٕ یِمَن نوٚن فِکرِ زِ بڈٕ ٹھگَن ہیٚوت اَسہٕ انتقام۔ لہٰذا اکھترٕ یِم بیٚنیہِ بڈٕ ٹھگَس پیٚٹھ کاٗر کرٕنہٕ۔

بڈٕ ٹھگَس اٗس خبرٕے زِ مے کیا چھُ ووٚنمُت۔ یوٚتام ٹھگوٚ گرٕہ تجربہ کوٚر نوٚتام تھاوٚ اٗمۍ مزارَس بیہہٕ کُنہٕ ہِش قبرٕ تیار کرٕتھ تہٕ بیوٚٹھ اُتھۍ اندر۔ اَتھ قبرِ اندر تھووٗن نار دزٕوُن تہٕ بیٚنیہِ تھووُن سیٹھا تیز رٕنیک ہیوٗ پانَس نِشہٕ زٕنانہٕ دوٚپُن زِ یُتھۍ ٹھگہٕ بٲے یوٚت یِنہٕ۔ تِمَن دٕپۍ زِ سہٕ موٗد۔ جہنم گارُس چھُ ہیوٚ کیا قبرٕ دُزان۔ درجا تھا گرٕ ہہ توٚ قبرِ کرٕی توس ہِتھر ایٚتہٕ شیٚنہلہٕ ہے وٲرلنج۔

سکھرِتھ کرٕتھ بیٚنیہٕ ٹھگَس سِتھ بٲے بڈٕ ٹھگہٕ سُند گرٕواٗتی۔ تتہٕ ووٚنکھ تہٕنزِ زنانہٕ تی یہٕ تَس خاندارَن وٕنتھ اوس تھووٚمُت۔ سیتہٕ وَے دٕرایہٕ شرارت ہیٚمراونہٕ خاطرٕ ٹھگَس قبرٕ ہِتھر کرٕنہٕ۔

یُتھے بوٚڈ ٹھگ ہِتھر کرٕنہٕ بیوٚٹھ۔ بڈٕ ٹھگَن تھوٚس اٗمس بُنۍ کِنۍ رٕنیک تہٕ کُدٕی قسمٕ اَندرم۔ یہٕ ووٚتھ وٲے وٲے کران اٗکس کُن تہٕ بیوٚٹھ بیاکھ ٹھگ۔ سُتہٕ ووٚتھ کرٕ ٹکہٕ دِوان۔ تہٕ بیوٚٹھ ترٕیشِم بوٕے۔ پتھے پاٗٹھۍ ہیوٚت بڈٕ ٹھگَن سیتہٕ وِنۍ بایَن جانِ قبضن۔

●

راٗوی: موتی لال ساقی ماہنور بڈگام

# اِنصاف چھُ گاش

وَنَن وول وۄستادوَنان۔ اَکِس مُلکس اَکِس منز اوس اکھ بادشاہ

اَکھ۔ اَمِس اَسی تریٚہ نیٚچوِ۔ اَکھ نیٚچوٗ اوسُس پرانہٕ زنانہٕ ہُنٛد تہٕ بیٚیہ زٕ نیٚچوِ اَمِس

دوٚیمہِ زنانہٕ ہِنٛدی۔ گوڈنیچ زنانہٕ اَس یاوَن مَدٕ وُژھمٕژ تہٕ دوٚیمہِ اوس وُنہٕ تہٕ

جوانی ہُنٛد خمار یُتھِس پیٹھ گنٛدان۔ اَمہ معٕکھ اوس دوٚیمہِ زنانہٕ گرَس اندر زیادَے

بَہَن چلُن۔

بادشاہ ییٚلہِ بُڈ گوَ۔ اَمِ کوٚر ترٚیشوِ وِنٛی شُرِین امتحان ہیٚنکُ فاصلہٕ یُتھ

زَن سہٕ یہِ فاصلہٕ کرِ زِ بُرونٛہہ کُن کُس بَنہٕ بادشاہ۔ ترٚیشوَے نیٚچوِ اَنٛن بُلاوِتھ

تہٕ دِیُتنکھ اَکھ اَکھ ساس روٗپیہ۔ روٗپیہ دِتھ دوٚپنکھ زِ یُس اَکھاہ توٚہہِ ترٚیو

منٛزٕ روٗپین ہُنٛد دُرست استعمال کرِ، آینٛدٕ بَنہٕ سُے بادشاہ۔

روٗپیہ رٹِتھ دڑاے ترٚیشوَے نبر۔ یُس ماجہ گُنٕ اوس سہٕ دڑاو اکہٕ

وَنہٕ تہٕ باقے زٕ دڑاے بیٚیہ وَنہٕ۔

گُنٕ زوٚن شاہ زادٕ گو پکان پکان تہٕ ووت اَکِس جایہٕ۔ اَتہٕ وُچھُن

سرفا اکھ واریاہوو بچھوٕ رُوٗٹمُت ۔ تہٕ اَمِس یِہم حارتھی تیار۔ شاہ زادس آو عار تہٕ
دوٗپُن یِمَن بچَن ۔ "گوٗبریا کیا کوٗر نوٕ اَمہ بچارِہ سرفَن ۔ ژ آو یوٗن یلہ گرٛژھ بچھورینہٕ
وَتہٕ" شرٛ یو منٛز اوس اکھ شرٛاہ مینگہ ترگرٛوے پیٹھن ۔ سُہ آو شاہ زادس ترٛونٹھ
کُن تہٕ دوٗپنس ۔ "ژھرے کتھہ کیا چھک کران ۔ اَمہ سرفَن دِژ اَسہ کاوٗ ٹھوپھ تہٕ
سحمعن پیٚہ ۔ ہرگاہ ژیٚہ ہمدردی چھےٚ ۔ دِ کاوٗ ہُنْد قمت رۄپیس ترییٚہ ہتھ تہٕ اَسہ
تراوون سرف یلہ۔" شاہ زادن گَڈی چیند منٛز رۄپیس ترییٚہ ہتھ ۔ تیم دِتِن
اَمِس بچس تہٕ دژاو ۔ شرٛیو تہٕ ترٛوو سرف یلہ ۔ شاہ زادٕ آسہے وٕنہٕ جریہ جوراہ
پوٗکمُت ژتھمہ دِژ یوٗت نظر ۔ اَتہٕ دُچھُن سرف یانس پتہٕ پتہٕ پکان ۔ شاہ زادن
ییٚلہ سرفس مدے کرٕ اَمِس آیہ ژنو تہٕ دوٗپنس ۔ "جواناہ بہٕ چھُس چون شُکر گذار
ژیٚہ بچوو تھس بہٕ یِمَن ظالمن ہنْدِ پنجہٕ نِلہ ۔ بہٕ چھُس شاہ ئینْدراژُن نیچُو ۔ یوٗتامُت
تہٕ ژہٕ کُنہٕ بال بچہ لگکھ توٗ تامت روزٕ بہٕ ژئے سیتی۔" شاہ زادن تُل سرُف
تہٕ تھوُون چینْدس منٛز تہٕ دژاو برونْہہ کُن ۔ پیل داہ پنداہ پکتھ ووت اَکِس
جایہ اَتہٕ دُچھُن ہاراہ اکھ اَکِس زٕنس اَکِس پنجرس منٛز چھوٗرٕ چھوٗرٕ کران
شاہ زادن زوٗرٕ ہارٕ ہُنْد یہٕ چھوٗرٕ چھوٗرٕ تہٕ دوٗپُن اَمِس شخصس ۔ "کیا ما
کوٗرنے اَمہ بے زبان جانورن ۔ یلے ژاوٕہن پیتہٕ کڈِتھ پکھن واش تہٕ ژیٚہ تہٕ
اوسے اَجر۔" بوزن وأل ژاوٕنس اَسِنہٕ ہنا تہٕ دوٗپنس ییٚژ ہمدردی یلہ چھےٚ
میہ چھُہ رۄپیہ ہتس یہٕ ہارٕ مُلہ ہیٚنژ منٛز ۔ دِ تہٕ رۄپیہ ہتھ تہٕ بہٕ ژاون ہار یلہ۔"
کتھ کرنہٕ ورأے ترٛوو شاہ زادن چیندس اَتھہ ۔ رۄپیہ ہتھ دِتُن اَمِس شخصس
ہارٕ گیہ یلہ تہٕ شاہ زادٕ دژاو برونْہہ کُن ۔ کینْہہ کالا گرٛژھت باسیوو اَمِس چھیکِس

پیٹھ بار ہیو۔ ہیورکُن تیجُن نظر تہٕ ہاروُ وچھن پھٹکس پیٹھ بیہِتھ۔ وۄنی اُمِس
ہاہ سرفہٕ سینٛدی پاٹھۍ شاہ زادِ ہِشِس بیاکھ سیٹھا بوج۔

شاہ زادِ پوٚک بێیہِ میل وُہہ مَر تہٕ ووت اَکِس شہرس منٛز۔ بازرس
پکان۔ اَتہٕ وُچھن پلسہٕ وٲلی جوراہ برارِ اَکِس گنٛڈِتھ یکہٕ ناوان۔ تہٕ یمن پتہٕ
پتہٕ ہُنٛڈاہ اکھ خوٚن ہاران دوران۔

شاہ زادس گوٚ زَرِ زَرِ پلسہٕ والین دوٚپن۔ "یہ نہٕ زبونی جانور کیاز
چھوان عذابس تھوٚومت" پلسہٕ والیو کرٛ ژھوپہٕ۔ مگر بجہ آیہٕ زبان تہٕ وَژہٕ
"گوٚبہٕ کیا وَنے۔ یہ برار چھہٕ ہیانہٕ زندگی ہِشِس سٟتھ۔ میہ چھِنہٕ اولاداہ وولاداہ کُنہہ
ییٛہے برار اُمِس جوٚنٛیہٕ دِتھ شکار کران۔ میہ تہٕ اُمِس کھیاوان تہٕ پانس تہٕ اُمِس
کھیوان۔ بدقسمتی کنٛز گیۍ یہ برار کہتہ تام پاٹھۍ محلہ خانہٕ۔ تتہٕ کھیون جوٚنٛیہٕ دِتھ
بادشاہ صابُن طوطہٕ۔ اُمِس برارِ ہنٛدِس نوقصانس پیٹھ چھُ میہ روپیہ ہتھ
جُرمانہٕ گومت۔ ہرگاہ جُرمانہٕ ادا سپدِ نہٕ۔ تیلہ چھُ اُمِس برارِ پھاسہٕ لگُن۔ چونکہ میہ
چھِنہٕ روپیہ ہتھ اَمہٕ موجوٗب چھہٕ اُمِس نِوان وُنی کین پھاسہٕ دِنہٕ خاطرٕ" یہ وَنان
وَنان ژٕج بجہ وَدَن باکھ نیرِتھ۔ شاہ زادَن کوٚڈ چندہٕ روپیہ ہتھ۔ برار گیہٕ آزاد
شاہ زادِ دِژاو بروٚنہہ کُن۔ برار گیہٕ تہٕ وۄنی بجہ سیٟتی کینہہ۔ بَلکہ ڈرایہٕ سعہ تہٕ
اُمی سے پتہٕ پتہٕ۔

بێیہِ میل وُہہ مَر یا ترٛہہ مَر یکیتھ ووت شاہ زادِ اَکِس جایہ۔ اَتہٕ وُچھن
زُنی ژوہہ ہِشِس اَکِس ڈانگوٚ سیتی ماران۔ اُمِس آو اِنصاف دوٚپنکھ: "ہے
اُمہ ہوٚنی بچارِی کُمہ گوناہ چھہٕ کرِمُت" یمہ اُمی ژوہہ شوٚرے زُنی شرار تہٕ ہتھو۔

دزان دزان ووٚتھ اَکھ زوٚن۔ "ہمدردی کیا چھک ہاوان۔ ژھاوِج اٲسم روٗہ پیٚیہ ٲکِس سوٗیے کرُن نا گھانٛز۔ ہمدردی یوٚدوے چھکھ دِتہٕ ژھاوجہٕ ہُند معوٗل تہٕ اٲسہ تراوون ہوٚن یِلہٕ۔" شاہ زادس اوس ووٚنی چندس وُشنیر سوٗر یومُت۔ چندس یہٕ کینژھا اوسُس سُہ دِتُن یمَن تہٕ ہوٚن کر نووٗن آزاد۔ اٲمس یِیلہِ چندٕ خالی گوٚ تہٕ پھیوٗر گرٕ کُن واپس۔ یہٕ اوس پننہِ جایہِ خوش زِ کینہہ نَے تہٕ تو تہٕ بچٲوو میہ ژوٚہن جاندارَن ہُند جان۔ یوٚت نظر دِژن ہوٚن وُچھن پانس پتہٕ پتہٕ چلان۔

گرٕ ڈرامتس تہٕ اوس شہزادس واریاہ کال گومُت۔ لہٰذا ہیٚنٛز اٲحِریم ژوٚر جاندار ہیٚتھ گرٕ کُن وَتھ۔

گرٕ یِیلہِ ووت۔ ہُم زٕ بأے تہٕ اُسہِ راش ہیٚتھ واپس وٲتی مِتی۔ اَتہٕ یِیلہِ یِژھ گاٹرُچ۔ زیٹھ شہزادِ کوٚ پھکو۔ شاہ زادِ پننِس جان کامہِ پھیش دِنس مَنز روٗز چلن ہار بادشاہ پنٕنزِ دوٚیِم زنانہِ زیادَے پیش پیش۔ بادشہَن کوٚر شاہ زادٕ مٲج ہیٚتھ محلہٕ خانہٕ اَندرٕ بیٚیرِ محبار۔ حکمِ حاکم تہٕ مرگِ مفاجات۔ دوہشوٗرے ماجہ پنٕتھر ڈرٲے ژوٗر جاندار ہیٚتھ محلہٕ خانہٕ نیٚبرٕ۔ تہٕ شہرس اَندکُن کوٚر کھ اٲکِس گرس اٲکِس مَنز ٹھکانہٕ۔ شاہ زادٕ سُند مصیبت وُچھت آیہ سَرفس بٔنیہ اکہِ لٹہِ زیو۔ شاہ زادس دوٚپُن۔ "ووٚنتھ میہ واتناوِ گرٕ۔ وُچھو خودا کیا کرِ۔" ماجہ دلاسا مدار اوٚ کٔرتھ تُل شاہ زادن سَرُف، تہٕ ڈراو سَرفہٕ سُند پیہ پیہ۔ اٲکِس جایہِ وٲتِتھ آو ناگاہ۔ سَرفن دوٚپنس کرَ ساٹھہراو۔ سَرُف ووٚتھ ناگس مَنز تہٕ شاہ زادس دوٚپُن ناگہ بٔنٛھِس بیٚہِتھ پرٲرُن۔ سَرُف تہٕ اوس پننہِ جایہِ شاہ زادَے۔ سُہ یِیلہِ گرٕ بأژن اندر ووت، تِمَن آیہ تہٕ پژھے۔ یِمَن اوس اٲمس ژھانڈان طُفان

زِ مٔتے کوٗرٕ کھ ژٕیہٕ سیٚمتھ کھاندر۔ یہِ گوٚ نکاح پوٚٹ یِتھ کرتہٕ دسخط۔ سرایا گو مجبوٗر۔
اُمہِ حُسنَن تھوٚوُس نہٕ تاب۔ مگر دل چھُس قرارہٕ۔ مانان چھُسنہٕ کینٛہہ۔ ہُمہِ دوٚپُس
اَچھا کھیوان چیوان کیا زِ چھکنہٕ۔ اُمہِ دوٚپُس کھینے چھُمنہٕ یوان۔ خبر کیا چھُم گوٚمتِ
دِلکش گٔیہٕ اُمِس کتھہ بابتھ کرناوِنس منٛز کامیاب تہٕ ووٚن ہیٚوتنس بیاکھ علاج کرُن۔
یِمہِ ساتہٕ غذا کھینک موقہٕ واتان چھُ۔ یہِ چھِ اوٚک نفرُن غذا اَنہٕ ناوان تہٕ اُمہِ
سِے بونٛٹھہٕ کنہٕ بہِتھ عاشا کرِتھ کھیوان۔ فاقہٕ فقرٕ انسان کیٚتِس کالس کرِ تاب۔
کینٛہہ دوہ پییلہٕ گے۔ اُمہِ ووٚن دلکشہٕ۔ ژٕیہٕ چھےٚ ناعار یوان بہٕ فاقہٕ تہٕ ژٕ کھیوان
چیوان۔ ہُمہِ ووٚنُس ٹھاکھ کمۍ کوٚرُے۔ کھیوان آستہٕ، اٰخر وانِنوُن کھینس
چینس پیٹھ تہٕ ہمہٕ ہمہٕ اوٚتُن یوٚت لٔیہٕ زِ اُمِس گٔیہٕ سبزا پرٕی کشتھ۔ اُمِس
رِگندنس منٛز رٕوٚدُسنہٕ کینٛہہ یاد۔ تہٕ نکاح پٔترِس پیٹھ دسخط کرِتھ کوٚرُن خاندر تسلیم۔
اَکہِ دوہ ہاہرٕ دٔرا‌ے دوہ شوٗرے باژ سالَس تہٕ وُتھ باغ۔ اَتہٕ چھِ پھیرنا تھورنا کران
اَکھ اَکہِ ادہٕ بیاکھ بٔیِیہٕ اندہٕ۔ سرایا کھوٚت اَکِس بالادرِ پیٹھ تہٕ بوٚیِٹھ۔ دِلکش
دٔرایہِ بٔیِیس بالا درِ کنُن۔ سراین وُچھ اَتہٕ قرآن شریف۔ یہِ مُژ روٗوُن۔ دوہ نِ پرِ
ہَس تہٕ اَتہٕ دٔراو ساتھ نامہٕ یُس سبزا پرٕی دِیتمُت اوسُس۔ اُمِس پیوٚ سورُے
یاد تہٕ لوٚگ وَدنہٕ۔ منٛزٕ سے چھُس اَسنہٕ ہنا تہٕ یوان۔ دِلکشہِ پییِہٕ نظر تہٕ آیہٕ
اوٚتَن۔ یہِ حال وُچھت گٔیہٕ حاران۔ وجہ چھُس پرٕژھان۔ تہٕ یہِ چھُسنہٕ کینٛہہ
وَنان۔ پرٕژھا گٔیہٕ۔ سرایا ووٚتھ تہٕ دٔراو بٔیِیتھ کنُن۔ دِلکشہ زون یہِ اوس قرآن
شریف پران۔ کینٛہہ ما آسہِس سنیومُت۔ بُتہٕ وُچھہا کُس آیہٕ سنیو اُمِس یوٚت
اَمہِ منٛز روو قرآن شریف تہٕ بٔیِیس ساتھ نامس پیٹھ نظر۔ سوٗرُے توٚرُس فکرِ

اَمہٕ کوٗرٕ سرایس آو۔ سہٕ ییلہٕ آو۔ دوٚہس وَنسأے پیٚہ کیا۔ سبزا پری کوٚسہٕ گیہ۔ سراین
ونیوٗنس نہٕ کیٛشہ۔ مگر ییٚلہٕ اَمہٕ مجبوٗر کوٗر۔ تَس پیٚہ سوٗرٕ سے وَنٛن۔ اوٚتان اَسہٕ سَتھ
ریٚتھ گٔیہ۔ دلکشہٕ چھُ وَدُن تہٕ یوان تہٕ اَسُن تہٕ۔ سرایا چھُس پرٛژھان۔ وودان اَکے
چھکھ تہٕ اَسان کیازِ چھکھ۔ اَسان اَکے چھکھ تہٕ وَدان کیازِ چھکھ۔ پیٚہ چھُس دِیان
وَدُن چھُم یوان چانہٕ جوانی پیٹھ۔ آدم زادس پری سیٚتھ وعدٕ۔ اَپُز اَکے گوٚے گُنہٕ
دوہہ اِیی۔ سنگ بارانا کری تہٕ ماری۔ اَمان چھَس چانہٕ لاپرواہی پیٹھ۔ وعدٕ
تَس سیٚتھ کرِتھ ژھینو تَھن سوٚہ مُشراوِتھ تہٕ مےٚ سیٚتھ کوٗرٕ رُتھ۔ دِیان چھُس اَمہٕ
شُرٕ نے نیرِ وہوٚن کیٛشہ۔ وہوٚن ونتہٕ وہٕ ژٕ کیا کرو۔ صلاح مشورا چھہ کران۔ بتہٕ پیٚہ
چھُس دِیان۔ ژیرِ سے گوٚ بیچارا گوٚ۔ ژٕ شَکھر۔ ژیر گرٛژھن چھُ جان نہٕ گرٛژھنہٕ خوتہٕ
اُمس اوس اوٚت تام موٗل گُذریومُت۔ بتہٕ پانے اوس پادشاہ۔ اُمہٕ سِندی مالی تہٕ
اُمس کتاں پری ہِندِ خاطرٕ تلیا تال گرٛژھنچ کوٚشش کرمٕژ۔ مگر کامیاب اوسنہٕ
گومُت۔ لہٰذا وِتُس امیرٕ وزیرو مشورٕ زِمأ گرٛژھ۔ پیٚہ کتھ مانہٕ ہَکھ۔ دوٚہنچ وعدے
چھُم تہٕ کیاہ کرٕ۔ موخصر سکھر یوو۔ فوجہٕ لشکراہ تُمن سیٚتھ بٔلیہ پننیٛ نہٕ دوہٕ باے
گرِ بھوٗن وُنہٕتھ وارٕ گرٛژھ روزُن۔ پننہٕ جایہٕ یُس بہنوٗن تَس دوٚن نہٕ
یوٚتان تہٕ پیٚہ۔ نٕ گرٛژھ یوٗر کأنسہٕ پننہٕ دِیُن تہٕ نہٕ گرٛژھ کأنسہٕ فیرنہٕ دِیُن۔ دلکشہٕ
ہشرٕ حیالاکی ہُنٛد اوس بڑٕ بیچے۔ دِلکشہٕ ییٚلہٕ روٗخصت ہیٛنہٕ گوٚ۔ اُمس دِژن واجہٕ
ہَن کڈِتھ تہٕ بٔلیہ اکھ لال۔ دوٚہنس یُس اولاد ژیہٕ زیوی۔ تَس گرٛژھ پیٚہ واجہٕ اَتھس
لاگنو تہٕ پیٚہ لال مَرٛژھ گنڈُن۔ تاکہ پیٚہ ہیٚکن پَتہٕ پرٛچھأنتھ۔ اَچھا بہہ خوداَیس حوالہٕ
تہٕ وُنہٕتھ دِژاو۔ اُمس گۓ نٕ ژور دوہ گمِتس تہٕ دلکشہٕ لوٗگ پَتہٕ نٕ اُمہٕ کیاہ حُکُم چھُ

ھئوومُت مدُوٚپھ اَچھا۔ گومُت بیہِتھ چھس یہِ پیپٹھ پرٛٔھ نہٕ۔ اَمہِ اَنہٕ نوو چندِ ہِنا
اَکھ اُکھی لاجن داریاہ رنٛگہٕ دٔجہ۔ مَتاہ ترٛووُن پریشان۔ لُٔرا تٔمۍ اُکھس کیتھ
تہٕ لوکُن موٚت۔ اَمہِ پتہٕ دژایہ گرٕ۔ ڈیڈِ بیہِتھ وٲژ۔ ڈیڈی وان چھسنہٕ ژاوان۔ دٔپان
چھس نہ چھُ کانٛسہِ نیرنس حکمُ تہٕ نہ اَژنس۔ یہِ وُژھکھ۔ ہتہ بامُتِس کیاہ حکمس
سیتہٕ۔ مُتُو سپنٛدِ باپت چھا حکمُ آسان۔ حکمُ گیہٕ ژوٗرن بدماشن ہنٛدِ باپت۔
ڈیڈِ ہٕوا تُو زون یہِ موٚت زِ چھُر آسہِ ہا گنہِ بنٛد گومُت۔ ووٚن کیاہ گو۔ مُنادی بوٗزِتھ
تہٕ ترٛووُکھ۔ یہِ ییٚلہِ نیبر دژایہ۔ اَکھ تیز رفتار گرٛاہ ہیوٚتُن کرانس بیہِتھ۔ کھژ اَرس
تہٕ دژایہ۔ کینہہ دوہ گیہٕ پکان پکان تہٕ ژٕٹن ہمہ۔ نزدیک ییٚلہِ واٲژ۔ گرِ بیہِتھ وُژھ
پھٔھر یہِ ترٛووُن ییٚلہِ۔ موٚت لاگی سِتھے چھہٕ تہٕ گیہٕ فوجس منز۔ یمن چھہ پرٛٔژھان
کتہٕ اَمہِ کوٚت گرٕژھو۔ یمو ووٚنس اُسو چھہ دژامتۍ تلپانال۔ بادشاہس چھُ پٲدا
ژامُت۔ دٔپان بہ ہسا گرٕژھن سبزاپری زینن۔ ووٚن کرِ تہٕ دایہ خارا۔ اَمس
گوٚژھ دل پھرُن یہِ گوٚژھ یہِ خیال تژاوُن نتہٕ خبر کیتاہ مرو۔ خبر پھرِ وا تہٕ تورِ
رکنہٕ یہِ ۰ اَمہِ وُچھ سٲری مویدٕس۔ کینہہ نہ راضی۔ سٲری بیٚے دِل۔ شام سپٕن
ییٚلہِ ساروی آرام تژاوُن ہیوٚت یہِ گیہٕ شہزادِ نِش ہمس نزدیک تہٕ تژایہ اندر شہزادٕ
کرٕس پرٛٔژھ گاگرانہٕ ژکس چھک تہٕ کتہِ چھُک روزان۔ یہِ چھس ونان مُتحہ پاٹھو
سون ٹھکانہٕ گودُنی باسورُے۔ اَسہِ کیاہ گنہِ جایہ سیتہٕ۔ شہزادن اَنہٕ نوٗوس آیا شاپا
کھینا چینا تہٕ دوٚپنس۔ ووٚن روز راتس ییٚتہٕ۔ بیٚیس نِمس منز تژاو نوونس بستر
تہٕ دوٚپنس ووہ بتہ ژاو آرام۔ یہِ چھس دٔپان۔ ییٚترِ ژٕ ہتہٕ تتہٕ مٔتہٕ۔ بہ گرٕژھنہٕ الگ
نِمس منز۔ غذا کھیوان کھیوان اُمس پادشہَن اُمس واٲج وُچھمژ تہٕ پرِ نا گومژ

مگر وٲنۍ مُت اوسنس نہٕ کینْہہ۔ پادشاہ گو مجبور تہٕ دوٚپنس اَچھا تۄہۍ وِیٚتی آرام پیٚتھ
منز ییٚلہِ تۄہۍ اَے پکو ہیٚتھ کڈِتھ۔ مُتو ییٚلہِ پکو گٔڈ۔ پادشاہس گو لال مُرژھ پیٚٹھ نظر
یہٕ گو تۄہِنٛ تۄہہ ہَن۔ دوٚپنس میٚہ وَنِتہٕ ژٕ یہ بیہ سہ یہ دٲج اَکھس لٲگِتھ چھے تہٕ یہ
لال مُرژھ گنڈِتھ چھے یہ کتہٕ چھے اَو نمت۔ مُتو وۄنُس اَکِس شہرس منز ہمٲ
اُس دیدھ سٲئا اَکھ تمی دِتم یہ۔ تمہٕ وۄنُم زِ میٚہ چھُ خانہ دار گومُت تلپا تال۔ تہٕ ژٕ
کرتہٕ دایہ خاطرا۔ سُہ گو ژُھ وار، کار، واپس پھیرُن۔ تہٕ ژٕ تی نم یہ چیز نیاز۔ پادشاہس
کھوٚت سخ شرارت زِ وُچھ سٲ کاژاہ بیوقوف چھ یہ۔ تس اُسہ وۄہ فِ سیمۍ چیز
دِتی۔ ہیم کمہ خاطرا اسہ میٚہ تس دِتی، متو تہٕ وُچھ کس دِتن۔ آرام تۄہۍ وُکھ۔ خیمہ ہُن
کرنو وُکھ بند۔ تہٕ مُتو وٲن شہزادس۔ ژٕ یہ کیا چھے گومُت۔ ژٕ کیا زِ نہٕ میٚہ پرز
ناوان۔ بہ چھس نادِلکش۔ سُہ گو حٲران۔ دوٚپنس ژٕ کِیتھ کنہ یور۔ اَمہ وۄنُس
دوہن کھتن ہند رٔدم اِشکال۔ اَکھ یہ زِ یہ وُچھ ہا ژٕ یہ یُس یہ فوج سیتی چھے یہ
چھُ یہ وفادار۔ بیٚیہ یہ زِ یُس یہ حکم ژٕ یہ تھوٚومُت اوسے زِ نہٕ گژھ میٚہ پَتہٕ
یور اَژُن کانْہہ تہٕ نہٕ نیرُن۔ اَمیُک مطلب کیا گو۔ ژٕ یہ اُسے ناسپھ پیٚٹھ پۄژھ۔
یہ دِتے ہاوِتھ زِ تس تگیا نیرُن یُس نیرُن اسہ تس تگیا نیرُن کینہ نہٕ۔ فوجہ منز
چھے تہٕ اَکھ نفر تہٕ سوہ دِلہ سیتی پکان۔ ہمو منز چھے نہٕ کانْہہ وفادار۔ یُس نہٕ فوجی
دِتہٕ اَسہ سُہ کتہٕ گژھ کامیاب۔ سُہ گو فکرن۔ دوٚپنس اچھا وۄن ونِتہٕ دوہ
کیاہ کرو۔ یہ وۄژھس صبحن بیٚلہِ برونہہ کن نیرو۔ ژٕ دِرکھ تہٕ دِیکھ یُس یُس بنہ
خوشی ایوہ سے تۄہۍ رکھ اپور۔ کینْہہ زور ظُلم چھُنہٕ۔ باقیس چھُٹی۔ بہ دِموہ
سارِنے مٲفی۔ دِہے زِ دِی اگر وفادار آسہ نے تم چھی ساسہ نوہ تہٕ بہتر۔ یُسے

سیٚتھ آسی تہٕ ییٚے۔ راتھا گٕڈ ٹھٕکھ۔ صُبحَن ییلہٕ سکھر ییہٕ پادشہَن کوٚر ییی۔ اَکھ رسپہ
تہٕ چھٕنہٕ یم کِہ اپہٕ ترٚان۔ صرف دڑاے زٕ دوہ دٕ بٲے۔ پادشہَس ہیوٚ بٹھ۔ فوجَس
کوٚرن چھٕٹی۔ دوہ دٕ ہٲے زٕ تکھنہٕ سیٚتھ تہٕ دڑاو۔ دِلکشہٕ ہیوٚتُن روخصت۔ سوہ
کٔرن واپَس تہٕ دڑاو۔ دلکش کٔرِ فوجَس۔ دوٚ پنکھہ موکہٕ لاوی موہا۔ اَنہو وون
میون ہَدیہٕ۔ اُمی تہٕ سوہ میروو مال جاداد اسیٚٹھا۔ تہٕ آیہٕ گرٕ کُن واپَس۔ یہٕ تھاوتون
شہرس منز واتنَس سیٚتھ۔ ہُیاٚرِی چھُ بادشاہ دوہ دٕ بایَن سیٚتھ یکان یکان گژھان۔
کینژھہ کالا گوٚ گرٕہو تہٕ تھٕکو۔ داپہٕ وانہ تہٕ رٕوٚدُ کھینہٕ۔ ییٚلہٕ ییم نیم جان گیٚے۔ یمو تراوی
ییم وَتے تہٕ لگو پاٚدلی پکنہٕ۔ یکان یکان واتی اَکِس جاییہٕ۔ اَتہٕ وُچھکھ اَکھ ناگہٕ ہنا
اَکِس کُلِس تَل۔ شام اوس سَپدَنس تیار۔ دوٚپکھ راتھا کٕڈو اَتی۔ ترٚیشاویشا چٕیکھ
تہٕ بیٚہٹھو۔ شہزادہٕ ووٚتھ دوہ دٕ بایَن زٕ توٚہی تراوِیو آرام بہٕ روزٕ حالَس ہُشار۔
یمو موٚنہٕ ہٕس نہٕ تہٕ دوٚپہَس تہٕ بنیا۔ ژٕ روزٕ کھ ہُشار تہٕ آسی کرو آرام۔ ژیے کر
آرام اَسی روزَو ہُشار۔ موہ خصرنہٕ مٲزٕ روٚدکھ۔ شہزادن ترٚوو آرام۔ جانہ وَر
جورا آے ییم بیٚہٹھی اَتھ کُلِس پیٚٹھ تہٕ لگی کتھہ کرنہٕ۔ اَکھ چھُ دپان بییس
وَن سا ژٕیہٕ کیا صِفت چھے۔ یہٕ چھُس دپان بہٕ ہسا وَنہٕ ہیٚے۔ مگر کانہہ گوژھہٕ
بوزان آسُن۔ تَس وانہٕ فٲیدٕ۔ آسی ما گژھو زُوہ۔ یہٕ ووٚتھُس یارٕ۔ ہا یتھہ
بیاباَنس منز کُس سا آسہٕ بوزان۔ ژٕ وَن یتھے خوف پاٚٹھو۔ دوٚپُنَس اگر ہسا یتھے
کانہہ مارِ تہٕ میون کلہٕ ٹھوٚل کھییہٕ سُہ ہسا بنہٕ پادشاہ۔ ووٚن وَنتہٕ ژٕیہٕ کیا
صِفت چھے۔ یہٕ ووٚتھُس۔ اگر میہ کانہہ مارِ تہٕ میون کلہٕ ٹھوٚل کھییہٕ سُہ ہسا
بنہٕ وزیر۔ دوہ دٕ بٲے چھ بوہ نہٕ کنہٕ بوزان۔ ییم چھُ تلان تیر تہٕ لایان۔ دوہ شوٚیے

جانہٕ وَر چھہٕ پَتھَرٕ پیوان۔ ییم چھہٕ نار اوار زالان تہٕ یِمَن جانہ واٲنٕ شیران تہٕ سنبالان، بُزان تہٕ کھیوان۔ خبر اچھِ کھنہٕ کمِ کُس ہیوٗ کھیو۔ شہزادٕ چھہٕ شوٗنگِتھ اٲتھی منٛز چھُہٕ کڈان واو تہٕ یِمَن دمہ شوٗنی زنوان تُلِتھ۔ ییم چھہ اَکِس بیابانَس منٛز یِوان۔ صُبح چھُہٕ پھعلان شہزادٕ چھُہٕ ہُشار گژھان۔ اوکُن یوکُن چھُہٕ نظرٕ دِوان۔ دوٚدٕ بأے چھینہٕ گٔنی۔ یہٕ تھاوتَن ہُشار گژھنَس سیتۍ۔ ہُپأرۍ چھُہٕ بیابانَس منٛز شہزادٕنٕ ہوش یِوان۔ ییم چھہٕ اَچھ مُژران۔ اوکُن یوکُن نظرٕ دِوان۔ دوٗرٕ چھہٕ اَکھ بُستیا نظرٕ گژھان۔ ییم چھہٕ وٕتھان تہٕ نیران اَتھ بُستی کُن۔ اوٚتہٕ یِیلہٕ واتان چھہٕ۔ اَتہٕ چھہٕ وُچھان لُکن ہِشہٕ ایکاے اَکِس طرفَس کُن گژھان۔ ییم تہٕ چھہٕ رَلان یِمَن سیتۍ۔ تہٕ واتان واتان چھہٕ عید گاہَس منٛز واتان۔ اَتھ شہرَس اوس بادشاہ موٗت تہٕ اَمہٕ دۄہہ اوس یِمَن بادشاہ بناوُن۔ لُکھ چھہٕ پَتھرٕ بِہان۔ ییم تہٕ چھہٕ تماشہٕ گیرن سیتۍ بِہان۔ اَتہٕ اوس رِواج زٕ سورُے اہلِ شہر اوس عید گاہَس منٛز سمان یِیلہٕ زَن پادشاہ بناوُن آسہ ہا۔ پَتہٕ اوس ہوٗس تہٕ باز یِوان یلہٕ ترٛاونہٕ۔ یُس شخصَس ہوٗس سجدٕ کرِہا تہٕ بازٕ نیٚٹھَس بِہہ ہا، سُہ اوس پادشاہ بَنان۔ اَتہٕ یِیلہٕ ساری سمے یہٕ تہٕ بِیٹھۍ۔ ہوٗس تہٕ باز ترٛووکھ یِیلہٕ ہوٗس آو وُچھان داچھان تہٕ ووت اوٚتَن۔ اَتہٕ نمیو اَمِس زنٛگَس ہوٗس دۄہ ناٲیس۔ یہٕ نیوٗکھ اَتھَن بیہٕتھ تُلِتھ تہٕ بنوٗکھ پادشاہ۔ اَمی بنوو بیاکھ ہیوٗ بوے وزیر تہٕ لگی پادشاہی کرنہٕ۔ ہُتہٕ یِیلہٕ شہزادٕ ہُشار گو تہٕ دۄہ دۄہ بأے وُچھن نہٕ گٔنی۔ سُہ چھہٕ وُدان بڑٕھان۔ دوٚپُن اَمہٕ خبر چھُہ خۄدٕے یار۔ وۄہٕن کیاہ نیرِ ہے اَچھتاو منٛزٕ۔ یہٕ چھُہٕ وۄتھان۔ توکل کران تہٕ نیران۔ دٕیان ہُتھ ساتھ نامُس ہُساٲ اَسی

وۄں اَکھ وٕزِی تہٕ کینٛہہ رٕچھ گمژھو۔ یِمَن ڈیڈِی وانَن، چِھنَن تہٕ دیوٚن چھُکٕنی اُس کرٕنہٕ آمٕژ۔ تیمہِ اُسہِ بٔلیہ یِنہ پِنِنہٕ جایہٕ آمٕتہٕ۔ یہٕ چھُہ گوڈنچہ ڈیڈٕر نزدیک وانان۔ اَتہٕ چھُہ اَکِس جایہِ اَکِس کُلِس تَل اَکھ ناگہٕ ہِنا وُچھان۔ تریشہِ ویشہٕ چِھنِن اَتھا بُتھا چھٕوٚلِن تہٕ نِماز ادٕژن۔ پَتہٕ بٕیوٚکھ اَتھہٕ ناگہٕ دٔندٕرِس بیٹھٕ۔ کھوٚوٕ تراوٕن آبِس مٕنٛز نہٕ دِتِن ڈایِچھ۔ اَتھہٕ مٕنٛز بٔتیِیس نیٚنٛدٕر۔ اَتھہٕ گوڈنچہ ڈیڈٕر بیٹھٕ اوس ڈیڈِی وان اَکھ جن۔ سُہ آو اَوتن تریش چینہٕ۔ اَتہٕ وُچھُن آدم زاد۔ خوش گوٚ زِ اَز کیا بنیوو شِکار۔ ہٕٹہٕ تَلہٕ دِتُنس دام تہٕ نیوٚنس رٔٹتھ چیتھ تہٕ گوٚ۔

ہُتہٕ بٔلیہ سبزا اَپُری تسلی گو زِ سُہ نا آو نہٕ کُنہٕ۔ سہٕ اُس پُری یِن اپارٕ بیپارِی وُچھنہٕ دا چھنہٕ سوزان۔ زِ کانٛہہ منوشا ما چھُہ یوٚکُن پکان۔ اُمِس اَکِسہِ پُرِی یہٕ وَنان نہٕ اَکھ منوشا چھُہ یوٚکُن پکان۔ از کیا ووت فلٲنی جایہٕ۔ وۄں کیا چھُہ فلٲنی جایہٕ کُن پکان۔ اُمِس اُمِس رایہ سُے چھُہ۔ وۄں اوسہٕ ہٕس وۄنمُت زِ فلٲنی ناگس بیٹھ کیا ووت۔ دۄن ترین دۄہن وٲژِس نہٕ کینٛہہ شیٚچھا۔ پَتہٕ وۄنہٕس زِ فلٲنی ناگس بیٹھ چھُہ سُہ منوش شوٚنگتھ۔ دۄہن تارِن چھُس اِی وَنان۔ یہٕ چھُہ دُپان نیٚنٛدٕرٕ اَے تہٕ بیٚیِش کٲژا۔ تریٚیمہ دۄہہ بٔلیہ بسیہ بیقرار گیہٕ۔ دوٚہ پنٛژھہ بُکوٚ مہٕ ہٲرِیوٚن۔ اوٚتن بٔلیہ وٲتٕ۔ اَتہٕ پرزٕنووٚن سرایا۔ ڈولہٕ اوٚن چھُس مگر یہٕ چھُنہٕ ہُشارٕ گژھان کینٛہہ۔ اُمِس چھُہ وُچھان تہٕ یہ موٗدمُت۔ پانا جانا چھُہ ماران۔ وٕدٕنا بٔرژھنا چھُہ کران۔ بٔلیہ ژھیٚنٛتھ بیٚیہٕ۔ وِسو کوٗرہِس تسلیا وۄں کیا ہیٚر اَمہٕ مٕنٛز۔ پُرِی مَن دِتُن حُکم زِ کوہِ قافہٕ بیٹھ اَنو ژٕندَن دار۔ تمہٕ بنٲوِو صنٛدوق تاکہ کیٛوٚم لگہِس نہٕ تہٕ لاش تہٕ دۄہ دۄرٕنہٕ۔ بٔیہ چھُہ میانِس

کٔتھِس منٛز فلأنی جایہِ حضن خلیل رحمانہٕ سُند جاے مُبارک۔ تِمہٕ منٛز بتہٕ
اٰنو اُڈٕ ہن حُکم حاکم تہٕ مرگِ مفاجات۔ فورن آو ژندن وار اُنہٕ۔ اُکھ آو
صوٗندوٗق بناونہٕ۔ جائیہِ اُڈٕہن تہٕ واٗژ۔ غسہ سلاوہ سلا دِتھٕس یہِ جاپہٕ ھٔن
وُبجٕ نس کفنہٕ بدل، بوٗرُن اُکھہ صوٗندوٗقس۔ ھانڈ دِتُنس۔ قُلفہٕ ہن کرُنس تہٕ
تھوٗون اُکھ کُلس الوٗند۔ پانہٕ گیٖیہ گرٕ تہٕ کوٗرُنس فاتے واتے۔ سارے سُلطنٛژ
کھیوٗن چیوٗن تہٕ دوٗ ہیٚنکھ پُرکھ اٰم کھٕڈ دوٗ ہے اُزٕ یو اِوان۔ بہٕ آسہٕ اُمِس کچھ وار
کران۔ پچھہ وارِ دوہ ہہ چھ یہ گمہ ڈکھ اُکھہ صوٗندوٗقس نظرا دِنہٕ گژھان تہٕ پتہٕ گرٕ
پیٚتھ اُمِس فلتے کران۔ کینٛہہ کالا پتہٕ لیہ گو۔ اَمہٕ لوگ اُمِس پچھہ وار بدل
ژٕتجہم کرُن۔ تہٕ دوٗ ہیٚنکھ ژتجہ ژتجہہ دوٗ ہم اُزٕ یو دوہ ہس یوان۔ آخر پتہٕ لیہ دردچہٕ
رگہٕ چھلنہٕ ہشہٕ آیہ۔ دوہ ہس چھس صرف وہروٗ دُسے کران۔ تہٕ یمن دوٗ ہن
زِ دوہ ہس اُزٕ یو برابر وہرِ بیہ یوان۔ مگر گوہ ڈُ چھ ناگُس پیٚٹھ نظرِ گژھان تہٕ پتہٕ
توٗرِ پیٚتھ نیاز کران۔ یہ تھاوتُن اُتی اُکھی سِتہ۔

دُپان اُکھ مُلکس منٛز اوس جنگلا اُکھ تہٕ اُکھ منٛز اوس اُکھ قلندرا
روزان۔ طالب اُکھ اوسُس سیتہ۔ اُتی اوس یادِ خودا کران۔ اُکھ دوہ ھا
منیوو اُکھ جنگلس آو سیلاب تہٕ ساری نالہٕ، آرٕ، کوہ لہٕ تہٕ ناگ گے برباد۔ آبا
وابا روٗد نہٕ کُنہٕ۔ یہ فقیر دوٗ لھ اُمِس طالبس زِسے دِتہٕ آبہٕ ہاردا اُنتھ۔ اُمو
تیج ناٗر تہٕ دڑاو۔ ادرِ یور پھیوٗر۔ آبا چھُنہٕ کُنہٕ۔ یکان گو۔ سفراہ کوٗرُن زیوٗٹھ
تہٕ دوت اُکھ ناگُس پیٚٹھ۔ اَتہٕ دُچھُن کُلس صوٗندوٗق اویزان۔ ناگ منٛھس
دوٗپُن اُزٕ یوٗم خزانہٕ۔ صوٗندوٗق دولُن پیٚتھ۔ قُلف پھٹرونس۔ اُکھ منٛز چھ لاش

وُچھان ۔ ہُمکی تہٕ بَکو گو ۔ بُچھ پیہھ ٹُلنس پلو ۔ نازنین صوٚرتھاو چھِنہٕ تہٕ دوٚگ
دُدہٕ ۔ دَپان چھُ خوداے ہیم صوٚرژ تہٕ چھادر دُنیا تہٕ پتو موتہٕ ہُمزۍ گژھان ۔ دِلس
گوس خیال زِ گژھہ تاپہ زِندہٕ ۔ مگر دَپان چھُ بہٕ کیاہ کرس ۔ بہتر چھُ پیرس
وَنُن ۔ آبہٕ نارا ہۍرن ۔ صوٚندوٚقس دِتُن ٹھانڈ تہٕ ژھُنن بییہ اُتھ کُلس الونڈ
تہٕ گو قلندرس نِش ۔ سُہ دوٚپُھس ۔ کیا بیوٚت کال چھا لاگان ۔ دوٚپنس جعفر
شاہ لابن کتہٕ چھُ آب تھوٚوٚمت ۔ ییٚمہ حفص پیو سیٹھا دور گژھن ۔ تتی
اوٚنُم آب ۔ مگر بُچھ چھلنہ بوٚنہٕ ٹھ بوزنہٕ حفص گوہ ڈٕ اَکھ کتھ ۔ میٚہ سیٹھ کرٕ تہٕ حفص
وعدٕ ۔ ژٕ اوسکھ ہمیشہ وَنان ۔ کینژھا منگ بہٕ دِمے ۔ میہ ما موٚنگ ژے زانتھہ ۔
از حفص چھُم کینہہ منگُن ۔ دَپان چھُس وَن ۔ دوٚپنس گوہ ڈٕ کر حفص وعدہے میلینا
آخر کوٚرُن مجبور تہٕ ہیوٚتنس وعدٕ ۔ دوٚپنس اَد حفص چھَل وُن مُچھ ادٕ وَنے
بُچھا وُتھا چھوٚلُن نمازاہ پٔرن ۔ دوٚپنس اَچھا منگ ووہ کیاہ گژھی ۔ یہ
دوٚپُھس موٚردٕ حفص چھے زندٕ کرُن ۔ قلندر گو ہیوٚلا ۔ دَپان چھُس ۔ کیا بُچھک
وَنان بہٕ موٚردٕ زندٕ کرُن چھا سہلے ۔ پیٚرِ عبادتھ کرٕتھ چھُم صرف اَکھ موٚردٕ
زندٕ کرنک طاقت حاصل یٔژمٕت ۔ یہ ژھنا از موکہٕ لاوتھ تہٕ اَمہٕ نِشہٕ تہٕ بییہ
لوٚتیتھ ۔ مگر وعدٕ اوس دِتھ گومت ۔ دوٚپنس کیا کرَے وعدٕ چھُس گومت دِتھ ۔
اَچھا تو تہٕ وُچھون ۔ پکھ ہیٚے ہا ۔ اوسے زِندٕ کرُن لایق تہٕ کرون ۔ اد سنے تہٕ
تیلہٕ کیا! وُتھی تہٕ دزاے ۔ اوٚتت ییلہٕ واتی ۔ طالبن ووَل صوٚندوٚق پتھر تہٕ
کُھلنس ٹھانڈ ۔ لاشس تیٚژن بُچھ پیہھ پلوٚہن تہٕ ہوونس ۔ دَپان قلندرس تہٕ
روٚدنہٕ یہ شکل وُچھت ہوش تہٕ پیتہٕ ہسا گوٚگ وُدنہٕ ۔ دوٚپنس یہ ہاچھُم زِندٕ

کرُن لایق۔ تکیا زِ یہ چھُ عاشق مگر نامُراد عاشق وِ نہٕ چھُسنہٕ مُراد ژرامُت۔ قلندرن
کوٚڈ اُمی شند دوٚ چھُن اَتھہٕ نہبر تہٕ روٚٹنس اَتھس منٛز۔ دوٚ پنس ژرسا
دِتھ ووہ تھہ ساٗخو دایہ پِنٛدِ حکمہٕ۔ شہزادن مُژ راوِ اُچھ۔ اَنٛہار یا کرُن تہٕ دوٚ پنکھ
ہے ہے توہہ کیا کوٚرو یہ خاب اوشس وُچھان تہٕ توہہ کیا زِ کوٚر ووس ہشار
پہموو وۆنہس۔ ہتا یارٕ ژے موٚنت اوسکھ۔ ژٕ کیا وَنان۔ پرٛژھ گاٗرا کرُہس
زِ ژٕ کُس چھُک۔ کتہِ آکھ تہٕ کوٚت گژھکھ۔ دوٚ پنکھ بہٕ چھُس فلاٗنی شہرُک
شہزادٕ۔ تلپا تال اوشس ژرامُت۔ دوہ دہ باٗے اُسم سیٚتھ۔ ژتم ژٕ ظلم تراٗوِ تھہ۔
پتہٕ اوشس گنٛن زوٚن پکان۔ یوٚتت واٗتت تراوِ یم ارام پتہٕ چھُسنہٕ خبر کیا سپُن
دوٚ پہس تلپا تال کیا زِ گژھک۔ دوٚ پنک سبز اپری چھُم زینہٕ یم چھس اَسان
اَشنا گرِتھ ووٚنہس۔ تلپا تال چھُ اَمی سامانہٕ گژھان۔ اَزیک تاں کُس وٗت
تور۔ کمہ کمہ سامانہٕ ہیٚکو تہٕ گکھ تور واٗتتھ تہٕ ژٕ واتکھ اِتھ کنُہ۔ یہ چھُک دپان ھے
چھُ وعدٕ کوٚرمُت۔ مرِتے گژھنس چھُم نہٕ علاج۔ قلندر ووٚتھس زانکھے صلاح مہٕ
گژھ، یوٚت سفر کوٚرمُت چھی۔ پیتھ پیتھ ہتھ حِصہٕ چھی وِ نہٕ باقے۔ سنتو ڈیڈ یو
منٛز چھُکھے نہٕ وِ نہٕ اکھ تہٕ زِ یہ منٛز۔ شہزادن موٗنس نہٕ حرف کوٚرنس زار پار زِ دعاسے
غاٗر کر۔ قلندر تہٕ آو مُژ رِ تہٕ۔ اُمی دِتی اُمس ترٛے چیز۔ اکھ پنٛنہٕ ژھوپٕ ہَن۔ پنٛنہٕ
واجہٕ ہَن تہٕ پنٛنہٕ دوہ ڈِہشر کلاہ۔ دوٚ پنس یہ کلاہ لاٗگتھ وُچھہکھ ژٕ ساٗری تہٕ
ژیٛہ وُچھی نہٕ کانٛہہ۔ یہ واجہٕ ہَن یمہ ساتہٕ تہٕ نارس ہاوِ ہَن۔ ییمتس اگر کینہہ مُشکل
آسی اَمُت۔ دوٗرِ گژھ ژھوپٕ ہنہِ سیٚتھ یتھ کوٗہس یا سمندرس، ژری یاوس
اِشارٕ کران آسکھ۔ سہ دِیی وُتھ۔ شہزادن رٗٹی یم ترٛے چیز تہٕ ہیوٚتنکھ رخصت

ہُمہ تہٕ گے پننہٕ جایہِ واپس۔ شہزادۍ گو پکان پکان۔ ژھون ڈیڈپن دراو۔ اوّت تان آیس نہٕ کینٛہہ سختی۔ پانٛژ شہ ڈیڈ پیپھ اُس اکھ زنانا۔ یہ اُس دیون۔ اُمی پُیچھ یہ شہزادۍ ژھچہ اَمہ کرِ شادی نہٕ از لوّگ شکارا۔ سیتی سوٗچُن یہ گژھنہٕ اَکس وندٕ گوچہ ٹل نہٕ۔ میہ کیا اَنٛدِ اُمی سِنٛدِ سیتی۔ بہتر گوَ یہ گرِنیٛن۔ تتہِ چھُم کورِ ہَن تہٕ سوے آسیس گنٛدان کران۔ اُمی کوٗر نہٕ اُس کینٛہہ۔ نیوٗن سیوٗدُے گرِ تہٕ ووٗنُن کورِ نِ نُہٹ از اوٗنے گنٛدُن رُیٛت یہ چیز۔ نتے کھیہَن تہٕ کھیٛن۔ دیو کورِ لوّگ یہ خوش دوٗپنس ناے بہ ہیے آمس گنٛدان۔ یہ وُژھس آدم زادنے چھِنہ وفادار۔ بہتر چھے کھیٛن۔ کورِ مونُس نہٕ کینٛہہ دوٗپنس نہ بہ ہتھاون گنٛدنہٕ باپتھے موج وُژھس اچھا تو تہٕ پزنہٕ یہ اَمہ شکلہِ ہتھاوُن۔ دریٛمے تہٕ اَدۍ۔ اُمی تیٖ پننہٕ داوِ ہنا۔ اَدۍ درِژن چھِنہ کہٕ ہنا تہٕ ترووُنس ناگی۔ اُمس دزایہ کلہٕ بیون کُن ڈُورِ تہٕ کلس کھُر۔ دھوں گوَ دھوہا دھوہا۔ اُمی سِنٛزٕ کوٗر چھہ اُمس گنٛدان۔ وقتاہ گوَ۔ دیان بُہہ وڑی گے۔ اُنتھی مَنٛز چھےٚ سبزا پری اَکہ دوہہ ناگس پیپھ نظراہ دِنہٕ گژھان تہٕ تتہِ نہٕ لاشی وُچھان۔ یہ چھِہ یان ماران۔ اُخر یہ زانٛنتھ یہ سُہ آسہ کانٛسہ بلایہِ کھیوٗمُت۔ چھہ طانٛہ ہیوان تہٕ دلس تسلیا دِتھ گرٕ یوان۔

اَکہ دوہہ چھےٚ دیوٕنی پننہٕ کورِ وَنان زٕ گرہے روٗزِ دوارۍ۔ میہ ہیے چھُم از سبزا پری ہُنٛد ڈوٗنہٕ گژھُن۔ تس ہیے چھُ اَزُکستان وہرِ وود۔ کھوٗر چھُ بوزان۔ دیان چھُس موجی بتہٕ پیمہٕ ہا۔ دیوٗنہٕ دوٗپُس ہتا کھر یا آیا بلاے نہٕ کو توٗ یکھ۔ پُزِتا نسس چھا چھک تُکناوُن۔ شونگو مرو۔ دیو نہٕ ہتھاوِ پننی پلوٗ الاَنٛدی تہٕ ترووُن آرام۔ کھوٗر دوٗتھ رات کیٛت تہٕ ژاس چنٛدس مَنٛز۔ صُبحَن پیلہٕ دیون وُژھ۔

اُمِس اوس ژیرے پہن گوشت۔ پلوٚ ژرانوِن جَل جَل نالہِ تہٕ وٚڈییہِ۔ پرستانس منز

ییلہِ واتژ۔ پلوٚ ہیٚتن کڈنی۔ مُہ وٚوٚنُس موجی واہ وارٕ کڈ۔ یہ وٚرژھس۔ ہیٚو

اَیا بلاے۔ ژٕ کیتھا کٕنی یور۔ کھوٚر وٚوٚنُس۔ ییٚمہ ساتہٕ ژٕ دُرایکھ۔ میہ کرییمے

دامانس ٹھپ زِ میٚتہ نتہٕ۔ ژٕ وٚڈے یکھ پیٚتھے کٕنی۔ یوٚتانی یور واتی۔ دوٚہن لگایہِ

رِبیہِ موخصر دِژنس لٕژ ہلی ہنا۔ دوٚپنس روٚزِو یٚتہ ہیر پاوِس تَل۔ اگر کینٛہہ پرژھی

ڈٕیٚزہس بہٕ چھُس خلانی دیوتہٕ سیٚتی۔ شام ہیٚلہِ ووت۔ دیوتہٕ آنٛز اُمِس اوٚتے

بَتہٕ ہمِن۔ دوٚپنس ژٕ روٚزہ زِ راتس ییٚتی میہ چھُے کام۔ راتس اُمِس سبزا پری

غم دفا می ہنٛدِ بابت نغمہِ لاگناوان۔ سرایس ییٚتہِ ٹوٚپی یاد۔ یہ لاجن کلس تہٕ ژاو

اُتھ کٔھٹِس منز۔ سازندری ہنٛد سامانہٕ سیٚتی اُمی سازی طاقچ بَرہ بَرہ۔ یہ کھوتت

اکس طاقچس پیٚٹھ تہٕ بیوٚٹھ۔ سازندرو ییٚلہ تار وائنہِ ہیٚتر اُمی تہٕ تیٚج سارنا اکھ

تہٕ لاجن وانِن۔ وُچھس ما کانٛہہ۔ ٹوٚپی چھُس دِتھ۔ سبزا پری چھ سازندرن

وَنان۔ ساز کرِو بند۔ وُچھہٕ سوٚدرہٕ چھُس دیان کیازِ۔ دیان چھُک میہ چھ سرایتھ

سارن وائنہِ کنٕ گژھان۔ بیٚتیہ چھ وایان۔ بیٚتیہ چھ آواز بیوٚن نیران۔ بیٚتیہ

چھ بند کرناوان۔ موخصر گیہ راتھ اَتھو سیٚتی۔ ہُتم دیان یہ چھ ڈجرژ۔ صُبحس

ییٚلہِ مجلس موہ کہلے یہ یٚتہ وٚوٚتھ تہٕ آو بیوٚٹھ اَتھی ہیرہٕ پاوِس تَل۔ سازی گیہ رخصت

دیوتہٕ تہٕ ژٔدو یہ چھنٛدس تہٕ آیہ گرٕ واپس۔ کوٚر روٚٹھس زِ ژٕ کیازِ نیوٚتھن یہ

سیٚتی بہٕ ژراوِس ییٚتہ کٕنی زٕنی۔ دوٚپنس ہیٚتے تیھے اوس پانے آمُت ہیٚچھنے

نیوٚتہٕ۔ موخصر منٛہ وٕلہِ تہٕ چھ دوہا دوہا کڈان۔ نور ییٚتھ گیہ۔ ڈاہہ ریٚتہٕ پیٚٹھ

ڈوگ سرایا ٹوٚپی دِتھ کٕنہ غائب گژھنہِ۔ دیوکور اُمس اُمِس سیٚتی بیٚخ لے گژھ

سه چھہٕ پریشان گژھان۔ یتہٕ ییٚلہٕ یہٕ نوٚن نیران چھہٕ۔ هه چھس دپان کوٚت
اوسکھہٕ گومت۔ یہٕ چھس دپان یہ چھہٕ اکھ وظیفہ۔ دپان چھس میٚنتہٕ ونتہٕ۔ یہ چھس
دپان اگر پننہٕ شکلہٕ منز آسہ ہا تیٚلہٕ ہیکہٕ ہا ہے ؤنتھ۔ هه چھم ماجہ مجبوٗر کران زِ یہ
اَمتن پننہٕ شکلہٕ منز۔ مگر مأج چھسنہٕ مانان۔ دوہ ہا دوہ ہا گو کھرٕ لأج یہ جادٕ تنگ
اَمنِکہٕ نتہٕ ہا همہٕ تہٕ ہمیشہ مأج تنگ کرٕنی۔ مه خصر ییٚلہٕ یمہ ریتھ دوت تہٕ اَمہ پننہٕ مأج
جادٕسے تنگ کرٕ۔ اَمہ تٕل اَمس شاف تہٕ یہ گوٚ تتھے یتھ اوس۔ اما پوٚز یہ اوس
سے دوہ یمہٕ دوہ دپونہٕ سبزا پری ہنٛد ڈونہٕ گژھن اوس۔ شامن ییٚلہٕ شوٚنگو
دوٚ پنکھہ دوہ رکوزہ وارٕ چھبحن گژھو وٕ یہٕ وہروٲدس بیٹھ۔ ییٚنٛدر ییٚلہٕ پیٚکھ
کھوٚر دوٚلتھ بنیہٕ رسے ژاو چندس منز۔ چھبحن ژھن دپونہٕ چھیرن نأگی تہٕ ڈرایہٕ۔
ییٚلہٕ پرستان واٲژ تہٕ پتھر وٚژھ۔ شہزادٕ ڈراو وارٕ وارٕ چشنہٕ منز نیبر۔ دژن ٹوٗپی
تہٕ چھہ پھیران۔ یئہے ٹوٗپی دِتھ دوٚلتھ نیتہٕ کھینہٕ ورٕ تہٕ اَکس ثرامہ۔ بنہٕ وتہٕ کھیون
شامن گوٚ گیوٚن مجلسہٕ منز۔ کھوٚت طاقچس اَکس پیٹھ تہٕ ہاہرٕ ن ساوٚن وایخ۔
پرٕی یہٕ ییٚلہٕ ساوٚن بوٚز۔ اَمس کوٚرٕن توس تہٕ دِتن قسم زِ ژٕ نیر نوٚن ژکس چھکہ
اَمہٕ تیچ ٹوٗپی تہٕ دوٚلتھ بوٚن۔ کرٕنکھہ سلاما۔ سبزا پری چھہ حأران گژھان۔ تس
کنتھ پیہٕ ہا پرٕژھ۔ دپان چھس ژٕ اَے موٚدمت اوسکھہٕ۔ یہٕ کیا؟ ژٕ وَن پوٚز ژ
چھکھہٕ سرایا۔ دپان چھس اَمہ اَے۔ تمس چھینہٕ پرٕژھ لوان۔ یتہٕ چھہ اتمس کالس
بڈ پمش۔ دپان چھس اگر ژٕ سرایا چھک۔ ژٕ ڈال سے اَتھ۔ اگر بہٕ ژٕ تہٕ چھے گیس
پرژھ اَسس۔ ژٕ تہٕ چھے جوان۔ تیٚلہٕ چھک پزٕ سرایا۔ نتہٕ تہٕ کینہہ۔ یہ گوٚ حأران
زِ بہٕ کُس بزرگ چھس۔ ہال کیا چھم؟ خدایس کوٚرٕن رجوع زِ خدایا۔ اتیو

مُصیبتو منز کوڈنس ۔ ووٚن ووتسُ مُرادس ۔ اَز منٛز چھ اوی زٕ ہم نہٕ کینٛہہ ۔ اَنقا
ڈولنس ۔ خوداین شُند کرُن یہ گیہ ترٛشہے پرٛژھ جواٗنی منز اٗمس ۔ شادیا کرٕکھ ۔
اَتھو منز آو گاش ۔ اَمہ وونس ۔ اچھا ژٕ یہ چھےٚ سخ محنت تجرُبہ ۔ کینٛہہ دوہ کر
ارام پتہٕ پرو نکاح ۔ یہ وونٹھس توٚہہ کیتہٕ گژھ چھو نکاح کران ۔ سہ وٚژھس
آدم زادٕ شُند تہٕ ژٕ کرِ یہ ہنٛد نکاح چھنہٕ سہل سہل سپدان ۔ ووٚن اگر سپدِ
تیٚلہِ چھُ سہ آدم زاد زالنہٕ پوان ۔ اگر سہ زنٛدے دزاو تہٕ چھس ژٕ کرِ یہ سیٹھا
نکاح پوان پرٕنہٕ ۔ اگر دزاو نہٕ تیٚلہِ کیا ۔ حُکُم آو دینہٕ زٕ دار این نیار کرٕنہٕ ۔ پرٛیتھ
قسمک زٕینُن اوس اَنُن ۔ اَتھ تہٕ لوگ واریاہ کال ۔ خوداین شُند کرُن ۔ اَمِس
سبزا پری اُمس اَکھ واے تس گو سرایا سخ توٗرٹھ ۔ سہ چھ دپان ۔ یہ گوژھِ نہٕ دزُن
اَمِس چھُ سخ پھیران تہٕ چھُ وَدان ۔ موختصر چھہ سوچان زٕ اَمِس ییٚلہِ پچھنک
طریقہ ہاوُن ۔ یہ اُمس پراٗنی بڈٕ تہٕ سورُے اوسُس پتا ۔ دوٚپنس سرایا ژٕ ہادزکھ
مےٚ ہا چھُ چون پھیران ۔ ووٚن ہا کرٕمو زٕ ژٕ اَکھ کام ۔ مےٚ تھےٚ زنس میٹھ تھاوُنے
تہٕ پرٛژھنےٚ ون سُ کینٛہہ ماگژھی ژٕ وُنی زٕ یکھ آ ۔ مےٚ دی توٚ گیو اَنھتھ ۔ بیٚیتھ
ہا سےٚ تہٕ ؤلی ؤلی دزٕ ہا ۔ ژٕ ہا منٛتھو زٕ گیو سارِی سے پانس ۔ تمہٕ سیٹھا نادزکھ نہٕ کینٛہہ ۔
ای سپُن ۔ ییٚلہِ زالُن ہیوٗتُکھ ۔ اَمو اَنہٕ نوو گیو تہٕ موٚتھُن سارِی سے پانس ۔ پتہٕ
بوزُکھ زٕنی کمرس منز تہٕ دِتھس نار ۔ زٕینُن سہ کیہ لیوو دُزٕتھ تہٕ یہ دزاو گوہ لاب ہیوٗ
یہمو دوٚپ یہ چھُ گُستاں بُزرگے تہٕ کوژ ہتھو خاندر ۔ واراہ کالا چھ اُٹھ ۔ اَکھ دوہ ہا
چھُ سپدان ۔ سرایا چھُ سبزا پری وَنان ۔ زٕ یہ گژھ ہا ووٚن پننہٕ نس مُلکس ۔ پتہٕ
چھُ اٗصی سپدان ۔ فوجہ لشکرا چھُ تیار کران ۔ بہہ شتھ زانٛپا نہٕ چھ یوٗرنہٕ پوان، تہٕ

وِیسہ سوٗدر ہیہتہ چھ نیران۔ دولتھا پہ اَتہٕ اَمس اَمہِ منٛز تہٕ چھ کینٛہہ تلنہٕ یوان۔
دارِیاہ کالا چھ پکان۔ زمینس پیٹھ ییلہِ کھسان چھ۔ بُتھہِ چھُ اکھ جنگل یوان۔
اَمہِ منٛزی چھ پکان پکان گژھان۔ تہٕ اَتھ منٛز چھکھ اَکس جایہ راتھ لگان۔
خیمہ خرگاہ چھ دِوان تہٕ قیام کران۔ شامن چھ چکہٕ ہنا کرنہٕ نیران۔ سازِ سروٗدا
چھکھ کنَن گژھان۔ سبزا پری چھس ڈیشان۔ بہٕ دِمے نظر یہ کیاہ دلیل بہ چھ۔
سرایا چھس ڈیشان۔ چون یزٕ نہٕ گژھن بہٕ گژھہ پانسے۔ نیران چھُ۔ اوٗکن یہن چھُ
واتان اَتہٕ چھُ خیمہ خرگاہ وُچھان۔ نزدیک چھکھ گژھان تہٕ بہر دَرن چھُ پرژھہ
گاگرا کران۔ پیم چھس ڈیشان۔ اَسہِ چھنہٕ خبر اَسہ کوٗت چھُ گژھن۔ پادشاہ
چھُ سیٹھاہ تھپہ تسٕی پرژھہ۔ نوان چھس پادشاہَس نش۔ توٗت ییلہِ واتان چھُ۔
پادشاہ چھُ کھوٗد وُبھِت اَمس استقبال کران۔ تہٕ اَمس نالہٕ مَتہٕ رٹان۔ یہ
چھنہٕ پرزٕنہٕ نادان کینٛہہ۔ مگر سُہ چھس پرزٕ نادان۔ یہ چھُس پرژھان توٗہی کم
چھیوٗ۔ سُہ چھُس ڈیشان۔ تہٕ کیاز چھکھ نہٕ مہ پرزٕنہٕ نادان۔ بہٕ چھُس ناچون دوہ دہٕ
بوے۔ سرایس اوس اَوہند دٕیکھے زادٕ دَتہٕ ژالم تراوِتھ۔ یہ روٗٹھ۔ کتھا باتھا
چھکھنہٕ کینٛہہ کران۔ ڈیشان چھکھ تہٕ مہ دِیت وہ مہ دغا۔ نہٕ وٕتنیوٗم کینٛہہ نہٕ
داتوہ کینٛہہ۔ ہُم چھ وَدان تہٕ وَنان چھس ہوٗرن رشیدا۔ ڈیشان چھس اَسہِ چھنہٕ
خطا۔ یہ اوس خوہ دایس کرن۔ تتھہ جنگلس منٛز ییلہِ ژیٹھ آرام تراویتھ تہٕ اَسہ
اَسہ ہُشار۔ جاینہ وَر جورا آسے تہٕ بیہھی گلس پیٹھ۔ تم اَسہ یِتھ کنہٕ کتھہٕ کران۔
اَسہِ دوٗپ خبر یوٗز کیا اَیژ کیا۔ توٗرے کھیوٗ کھنہٕ ژٕ نتہٕ کھیاوٕ ہوتھ ژہے۔ پتہٕ
کوٗرن داوہٕ طفانا تہٕ اَسہ نِہن وُڈاوِتھ۔ تہٕ تراوِن شہر سمانس منٛز۔ تتہٕ ہمسایہ

اوسکھ اُمی دوہہ پادشاہ بناوُن تہٕ اُسی تہٕ گےٚ تماشہٕ وُچھنہٕ۔ تتہٕ بنیوو یہٕ بوے
پادشاہ تہٕ پتہٕ بنوٗوس بےٚ اُمی وزیر۔ اُزیک تاں اُسی انتظام سنبالان۔ ووٗن ہیساےٚ
اُسی ڈرامتی ژیٚپے ژھانڈنہٕ۔ فوج لشکر چھُ سیٹھاہ تلمت۔ یپیٚتہٕ لجٕ راتھ تہٕ دیٚت
ٹھکانہٕ۔ ووٗن ونتہٕ ژٕ پنٕنی دلیلا۔ اُمی تہٕ دوٗنوٚنکھ سورُے قصہٕ۔ تُمن تہٕ گےٚ
اُمی سندِس فوجس نِش تہٕ رٕلے یہٕ ووٗن دوشوےٚ فوج۔ ووٗن چھ ساڑی پکان۔
کینہہ دوہ گےٚ تہٕ واتی اکس بیابانس منز۔ اتہٕ اوٚن چھ ہمُن اکھ دوہ تہٕ اکھ
راتھ لگان۔ خیمہ خرگاہ چھ دوان تہٕ راتھ کیٚت چھک پیٚتھے کنہٕ سازاہ سرُودا
کنن گژھان۔ وُچھنہٕ چھ نیران۔ فوجہ کشوٗنا چھ وُچھان۔ سرایا چھ فوجس
پرٚژھان۔ ہیم چھس دپان۔ اَسہٕ چھنہٕ خبر۔ گژھ پادشاہس پرٚژھ۔ پادشاہس
چھُ پرٚژھنہٕ گژھان۔ یہٕ چھُ وُچھان یہٕ اکھ جوان لڑکہ ہنا اکھ۔ سُہ چھس
بڈٕ تھنڈ جواب دِوان۔ دپان چھس ہتا یارٕ گژھ پانس۔ ژیٚہ کیاہ اَسہٕ سیتی۔ یہٕ
چھس یورٕ کیا ہتان وَنان۔ سُہ اوٚرٕ کیا ہتان۔ موخصر چھ لڑاے ووتھان۔
ہمن دوشوٗنی چھُ دٔب لگان۔ دپان دٔب ہیساے لجکھ ستن دوہن تہٕ ستن
راژن۔ نہٕ چھُ اکھ ہیوان نہٕ بیاکھ۔ سرایا چھُ سخ تنگ پوان۔ اَمہٕ دوہہ چھس
مولہٕ ہتہٕ منگان۔ دپان چھس از راتس کڈٕ ہتھک۔ پگاہ کرو بیٚیہ دٔب نیران
چھُ۔ نیمانہٕ چھُ پران تہٕ راتس خوداہس کُن رجوع کران۔ زِ خدایا اَزیک
تان منٕز چھو ہتھس نہٕ کینہہ۔ از تہٕ متہٕ منٕز چھاوتم۔ خُدایَن ہتھوٗس دُعا
مستجاب۔ چھُنیکن پیٚلہٕ پٕتیہ دٔب لجٕ۔ یہٕ چھُ پاشا کرٕ ہتہ اُمس تُلان تہٕ پتھر
لایان۔ کھسان چھس سینس پیٚٹھ تہٕ ہیوان خنجر لٔہ دوٗن۔ یہٕ چھس دپان

مردی چھنہٕ شُرِین سیتۍ دَب کرٕنۍ تہٕ شُرۍ مارٕنۍ۔ میانِس بابہٕ چھا بُس اگر خبر لگی۔ سوٗرُے مُشراوی۔ اَمۍ پٔژھس زیٚہ گٔس چھُے بابہٕ۔ دوٚہنس تَس چھُ ناو سرایا۔ سرایس گیہٕ ہیٚیر بعدان دِہٕنَ۔ دوٚہنس زیٚہ کیلپ چھُے ثبوت زٕ ژھ چھک سرایُن نیٚچو۔ اَمۍ گَڈٕ واجہٕ ہَن تہٕ ہاونس نہٕ بیٚیہٕ گٔڈٕن مُرٕشہ تہٕ ہوونس لال۔ دوٚہنس مول چھُم گومُت تلپاتال سبزا پٔری زینیہٕ۔ بٔہ چھُس تیٚشرٕ بیٚیس زنانہٕ دِلکشہ اَتھ۔ دوٚل چھُس ہارٕلس نِش دٕرامُت۔ سرایَن پرٕزُنوو لال تہٕ تہٕ واۍج تہٕ۔ میٚیہٕ پیٚیٹھ دوٚچھُس بوٗن۔ تِمَن کھوٚہٕ مُترٕ تہٕ کرٔان چھُس میٚٹھو۔ دِیان چھُس بیٚ چھُس سرایا تُلان چھُس تہٕ انان چھُس پننِس خیمس منٛزٕ تَتہٕ چھِ سبزا پٔری سورُے قِصہٕ وَنان۔ سبزا پٔری تہٕ چھِ اُمِس میٚٹھو کرٔان۔ سُمان چھِ تریٚشُوَے فوج۔ کیٚنہہ کالا پتہٕ چھِ پننِس شہرَس واتان۔ اَتہٕ چھِ شادیانا کرٔان۔ تہٕ کیٚنہہ رٕن دوہَن چھُ یہ دوہ دِبایَن پننِس مُلکس سوزان۔ دِیان چھِک تَتہٕ آسُنہٕ خرابی گمرٕ۔ ڈالہٕ والہٕ چھِک واریاہ دِوان تہٕ روخصت کرٔان۔ پانہٕ چھُ شاہ جمشیدٕ قہرِ پاٹھۍ راجا تاجا کرٔان۔ تِم گےٚ تۆتٕ گٔی تہٕ اَسۍ آے یوٚتَن۔

●

راوی :- محمد رمضان مشعل سلطان پوری بارہمولہ

# شاہ پری

پیٚہ اوس اَکھ پادشاہ۔ واریاہ مٕس کالُس تام بنیوو نہٕ اُمِس اولاد اکیٚشہ۔
اَخرس پیر فقیر ژٕٹی ییٚتہٕ تیتہٕ زاو بہٕ دُہرِ اُمِس نیچو۔ باٚژن دۄن اَکھ اُمن
اُچھن گاش۔ مگر تقدیرُک کھُر آو ییتہٕ زِ بادشاہ زادِ پییہ دۄد چھ چھوان۔ تسُند
چھ واُنیج مُلہِ نوان گڑھتھ۔ دۄن ترین دۄہہ ماجِین ییٚلہِ یوٚہہ حالا سیدیو۔
بادشاہ گو سخ پریشان۔ حکیم تہٕ ڈاکٹر۔ پیر تہٕ فقیر داناتہٕ لُقمان ساری پیٚییہ پتھر
کانہہ یلاجا کانہہ چارا چھُنہٕ بنان۔ اَخر کوٚر بادشاہَن وزیرَن ہٕنٛدِس مشورس
پیٚٹھ ییٚنہٕ نِس تمام سُلطنتس منٛز ایلان زِ یُس اَکھا شہزادِ سٕنٛد دۄد
چینک یلاج یا اَتھ مُتعلق کانہہ خاطر خاہ طریقہٕ ہاوِ۔ تمِس دِمہ بہٕ نِصف پادشاہی
تہٕ بیشمار مال و دولتھ۔ حکیم ڈاکٹر تہٕ دانا چھ طریقہٕ علاج سوچان۔ مگر گُنہ نتیجس
پیٹھ چھنہٕ واتان۔ اَتھ دوران چھ کھوٚرا اَکھ اَکِس گُلِس تل بہتھ آسان
اَتھ گُلس پیٹھ چھ وُڈان سۄد تہٕ بہٕ دیٚتھ بہان۔ سۄد چھ بہ دِ کُن
دہ ثقان۔ تلے بوڈِ کینٛژ شاہ دلیلا دِنہٕ ہیکھ۔ ہاے کیاہ ونے بہ دۄژھس

چھکھ رنے بوزان ۔ یمہ مُلکہ کِس بادشاہَس چھُ بہہ وہرِ یہٕ ینٛچوٗ زامٕت۔ سُہ
ییٚسے دوہ دِچھوان چھُ تَسُے چھہ واٚرِنج مُلکہ نوان گَڈِتھ۔ ییلاجا وِیلاجا چھُکِنہٕ کُنہِ
بنان ۔ سۄدٕ ثروو یہ بوٚزِتھ دوہ شاہٕ وۄن نس ۔ بۄدی آخر اُلتھ ییلاج چھُہ کیا
بوٚدِ دوٚ پنس ۔ بوزان چھکھ رنے خلائی جایہ چھُ ناگاہ اُکھ ۔ جُمعہ دوہ ہہ بیٚشنس چھ
اُلتھ ناگَس بیٚھتھ پرستانہٕ کِس بادشاہ سِنٛزِ سۭتھ کوٗرِ مَرَان کرٕہٕ وسان ۔ یِمَن
ستَن بینہٕ ہُن منٛز چھہ شاہ پرِی سرٛنی ، کاٚنسِ تہٕ اَنہٕ ہٕرش ۔ اُمُ سُنٛدُے دوہ
چھُ بادشاہ زادَس دوا ۔ کھوٚرچھہ گُلِس تَل کَن دِتھ یہ سوٚرُے بوزان ۔ مگر یہ کیتھ
کنِین ہیٚکہ مُسید بتھ ۔ شاہ پرِی کیتھ کنِن ییہ یدس ؟ سۄدٕ وژھ بیٚیہ بوٚدِ کَن ۔
بوٚدِ دوٚن نَس تھاوِکِن ۔ پرِی ین چھہ ناگَس بیٚھتھ مقرر وقتَس بیٚھتھ ژوٚرِ پاٚٹھ
زاگہ بہٕن ۔ یِتھِے یِمہ جایہ کرِتھ سرٛانَس منٛز مشغول گژھن ۔ یِمَن گژھن جایہ
ژوٚر ییتھ تھاوِنہٕ ۔ سرٛان مۄکلتھ ییٚلہ یِمہ جامن ہنٛدِ خاطر پریشان گژھن ۔ یان
ہاوِنہٕ برونٛہہ گژھن یمَن حضرت سلیمان صاحبنہٕ واجہ ہنٛدس قسمن بیٚھتھ یہ شرط
تھاوِتھ جامہٕ واپس دِنی زِ یمن یہ منگِنہٕ ییہ تہٕ گژھن یم دِنی تہٕ وادٕ پورہ کرِنی
تہٕ آخرس بیٚھتھ گژھ ہیکہ شاہ پرِی منگِنہٕ یِنِز ۔

کھوٚرِیس رِن یہ سوٚرُے بوزان اوس کوٚر سیٚٹھاہ خوش ۔ دوٚپُن بختَن
کرٛئم اَز مئیٚ یاوری ۔ ٹِکان تہٕ دوران ووت بادشاہ مجلِس منٛز ۔ بادشاہس نش
واٚتِتھ سلاما بند کٔرِتھ کوٚرُن عرض بادشاہ سلامت اگر بہ بادشاہ زادِ نِس
دوہ دِچھنس ییلاج ژھانڈِتھ کرِ تہٕ وُنے سِیتہ وعدٕ پورہ ۔ بادشاہ تہٕ وزیر چھ
[illegible] بیٚھتھ [illegible] " [illegible] تہٕ [illegible]

ٹیر۔" مگر کھوٗر وۄنُھکھ بادشاہ سلامت اگر نہٕ ہمہِ جلد از جلد بلاج ژھونڈتوٚ ہیٚر
چھُہ میہ کلہٕ ژٹنس اختیار۔ آخر دِژ تس بادشاہن اجازت تہٕ وعدٕ تہٕ
دِژِن تس۔

جمعہ دوہ ہیہ چھُہ کھوٗر ٹھلے اُتھ ناگس پیٹھ ژھایہ ہوٗل پاٗٹھی زاگہٕ
بِہان۔ کِھالہٕ پِیٚشنس چھ ستہٕ وَرے پری بٔیِنہٕ ناگس پیٹھ وَسان۔ جامہٕ
کُڈِتھ چھ بٔٹھس پیٹھ ترٛاوان۔ تہٕ پانہٕ ناگس منٛز وَسان۔ کھوٗر چھُہ برونٛٹھے
زاگہٕ آسان۔ ییہ چھُہ لوٗت پاٗٹھی ییم ساریٚ جامہٕ پانس نش تۄرِ تھاوِنس منٛز
کامیاب گژھان۔ پٔری ییہ ییٚلہٕ شرا ناشرٛا نا موہ کلاوان چھ بٔٹھس پیٹھ یتھ جامہٕ
غائب گژھِہ نس پیٹھ چھ نالہ زاری تہٕ افسوس کران۔ اوریہ یور چھ ساریٚ ییے
وُچھان مگر کُنہٕ نہٕ چھُنہٕ جامن ہُند پے لگان۔ ژھاۓ نڈی ژھانڈی چھکھ نمٕ ژھینان
شاہ پری چھ آمہٕ ساتہٕ وَدان وَدان وَنان ــ

جن چھکھو دیو چھکھو کُنہٕ اِنسانٕے
پریٚشیے کر نِشکھ دیوانے تامیہ ہاے

شاہ پری ییٚلہٕ واریاہ پھیرِ وَنان رُوز۔ کھوٗر کوٚر نکھہ واپس صدا۔ دوٚپنکھ
نہٕ چھُس جن تہٕ نہٕ دیو بہٕ، چھُس اکھ اِنسان۔ ییہ بہٕ وَنہٕ ہا موا اگر تہٕ تُہہ مانو بہٕ کرٕ توٚہ ہیٚر
جامہٕ پنہِنٛو حوالہٕ۔ دوٚپ یہ ہَس وَن کیاہ گژھی۔ دوٚپنکھ ہا یو حضرت سلیمان علیہ السلام ہنٛز
واچہ ہُند قسم۔ پٔری یو ہو قسم تہٕ کھرُتھ ہاوی نکھہ جامہٕ۔ جامہٕ لاگِتھ وۄن ہَس
وَن کیاہ چھیٚ چون حاجَتھ۔ دوٚپنکھ یتھ کنہٕ چھ تہ ہیہ منٛز میہ شاہ پری بکار۔ ییمہ
شہزادہ بادشازادس دوا چھُہ۔ ساریے بینہٕ گیہ بہٕ بوزِتھ سخت پریشان۔ مگر چونکہ

وادٕ اوشکھ دِیتمُت۔ اَدٕ کینہٕ ہیچھ نہٕ پس وپیش کرِتھ وادٕ مُطابق چھ شاہ پری کُھرِس سیٖتی نیران۔ بیٚنین چھ رۄ حصتھ کرن وِزِ وَنان ؎

دیٚدہِ تاٗے بابس نی زیوم سلاما
شاہ پری گیٚیہ عربستانس تاٗے ہاے

پرٕ یہٕ چھ پننہِ وَتہٕ نیران۔ تہٕ کھوٗرنہٕ شاہ پری پننہِ وَتہٕ۔ شاہ پری چھ اَسمانٕ وُڈان تہٕ کھوٗر زمینی پکان۔ وَتہٕ وَتہٕ چھس وَنان ؎

ژٕ پکھ بوٗنی تاٗے بہہ اَسمانٕ
شاہ پری گیٚیہ عربستانٕ تاٗے ہاے

ترٛن دۄہن دۄہس راتس پکان پکان چھ آخر بادشاہ مُحلس منز واتان۔ شاہ پری چھ اَسمانہٕ پیٚٹھ رخت بدلاوِتھ زمینس پیٹھ وِن پکان۔ بادشاہ سِندِس صحن مُحلس منز واتتھ چھ وَنان ؎

پوتر آنگنس دۄہ پھیری تو زِہی یے
یوت ہا داٗرٕ پانہٕ شاہ پری سے تاٗے ہاے

آخر چھ واتان اَتھ کُٹھِس منز بیٚیتہِ شہزادٕ چھُ آسان۔ شہزادس چھ کھونہٕ منز زٕٹھتھ بب اٗسس ژٲوان۔ شہزادٕ چھُ گُنٛدِ رکہ دۄد چیوان تہٕ اٗچھ چھس مُژرنہٕ یوان۔ شاہ پری چھس بڑٕ لول بران تہٕ وَنان ؎

دۄد چتو دامہٕ اَڈٕ کلے
دۄد مٲج لگِہ یو ہیانہٕ دوٗرٕ پھلے

بیٚنہِ چھس وَنان ؎

اکھ ستہٕ وُرشے بیٚیہٕ اَنِہرِ شے

دوٚہ دکیٚنھٕ آسے تانے تامِہ ہلے

بہر حال شہزادٕ چھُہ دوٚہ کھوٚہ تہٕ دوٚہ برٕژن ہیوان۔ یِہ تانی دوٚہ دُس سیٚتھ رٕ چھس روزان تہٕ تانی پیوٚشاہ پری تہٕ اَتہٕ روزٕن۔ بادشاہ زادٕ چھُہ دوٚہ نی باہ وُہرٕ واتان۔ تہٕ شاہ پری چھہ بادشہَس روٚخصتھ ہیوان۔ تہٕ پنُن وطن تہٕ پنٕنۍ گرٕ کُن نیرٕن ہیوان۔ مگر روٚخصتہٕ بروٚنٹھ چھہ شہزادس سیٚٹھاہ لول تہٕ معٕ حبتھ ہاگران۔ بیٚیہٕ چھس اَکِہ دوٚہ یہٕ وُہرِ پرستانچ داوتھ تہٕ دِوان۔ پرستان گژھنہٕ بچہ وَتہٕ ہندٕ نشان باوان چھس وَنان زِ وَتہٕ پٮ۪ٹھ ستھ جایہٕ سٕتھ پرٕی چھِہ کیٚہ ڈالِنہٕ۔ تِم آسن ناچ نغمہ تہٕ ہرٕ کہ ونان ژٕ بہٕ کُن پکان۔ یِمن ہندِ خاطرٕ دِیٚت نس سٕتھ کنہٕ پھٕلہٕ۔ دوٚہ پنس ستن جایہٕ چھکہٕ زٕ یِم سٕتھ پھٕلہٕ تہٕ پرٕ تِرٕ گژھن غائب۔ پرٕ یِو پتہٕ ییٚی اَکس بونہٕ تَلِس دیوٕ سفید۔ یٮ۪تھٕ سہٕ ژِ یہٕ وُچھِس سہٕ لاگی ماٚنگر۔ سہٕ اَنی ماز کبابہٕ شراب۔ نہٕ کھیٚیہٕ زٕ ماز نہٕ چیٚیہٕ زِ شراب۔ البتہ دِیہٕ زٕ نیٚس شانہٕ دوٚگ دوٚگ تہٕ بیٚیہٕ زنگن معٕ لٹھٕ ٹھَپہٕ ہیٚن۔ تِمِس بیٚیہٕ نیٚنزٕ ژٕ کٕرٕ نیٚس کلہٕ مِثرٕ وال اَکھ سہٕ ژالی زِ نارٕس مِثرٕ۔ اَمی ساتہٕ مرِ دیوٕ سفید تہٕ اُمِہ سٕنٛدٕ سورٕے فوج۔ بیٚیہٕ گژھ سورٕے طِلسم ختم۔ تہٕ پانس نیرِ زِ بروٚنہہ۔ بیٚیہٕ دِزٕنس اَکھ واٚجہ تہٕ بیٚیہٕ رُمال۔ دوٚہ پنس یٮ۪تھٕ پرستان شہرٕ چھہ ڈیڈٕ اَڈٕ کھ ڈیڈٕ واتِہٕ ہاوِ یہٕ زٕ نِشانہٕ خاطرٕ آدٕ دِنے تِم اندر اَژٕنہٕ۔ یہٕ سورٕے حال وَنِتھ چھہ شاہ پری روٚخصتھ ہیٚتھ پرستان کُن وُڈٕ تراوان۔

شاہ پری تراوٕ تن آکھ نوٚق۔ بیٚیکہٕ طرفہٕ چھُہ شہزادٕ دوٚہ کھوٚہ تہٕ دوٚہ

بالیغ گژھان۔ یُتھے یہ پنداہ وُہرُ ووت۔ اَمِس پیو دوہ ماجہ نِش گژھنک خیال
چنانچہ اُمی کرٕ پرستان گژھنچ تیاٲری تہٕ ماٲلِس ماجہ نِش ہیوتُن اتھ سلسلس
منز اجازتھ۔ آخر چھُ اکہ دوہ یہ گرٕ کین باُژن ماٲلِس ماجہ روخصتھ ہیتھ پرستانچ
وَتہ نیران۔ وَتہ وَتہ چھُ یہ رتھے کنہ عمل کران۔ یتھ کنن اَمِس پننہ دوہ ماجہ
شاہ پری آسان چھُ کرن ووٚنمُت۔ برابر ستن جاین چھ اَمِس پرین ہشر سَتھ
جمازٕ سمکھان۔ یہ چھُ کنہ پھلوا استیمال کرِتھ یمن پانس نِش دوٗر کران تہٕ بروٚنہہ
بروٚنہہ پکان۔ اَمہ پتہٕ چھُس دیو سفید سمکھان۔ تمِس تہٕ چھُ تمے ژھلہٕ ماران یتھ
کنن شاہ پری بوومُت آسان چھُس۔ ووٚں چھُ اَمِس پرستان کُن پکنہٕ
خاطرٕ وَتہٕ صاف گژھان۔ تہٕ آخر چھُ ترٚیہ ریتہ راتس دوہس پکِتھ پرستانچ
ڈیڈِ تل واتان۔ اَتہٕ چھُس ڈیڈیٚ وان یم زٕن سَتھ ہتھ دیو سَتھ سَتھ کلہٕ کرِتھ
آسان چھِ پژٕ گاٗر کران۔ شہزادٕ چھُکھ بےٚ پتاہ وٚنتھ واٚج تہٕ رُمال بطورِ
نِشان ہادان۔ واٚج تہٕ رُمال وُچھِتھ چھُس دیو اندر ژاٗوان۔

بہرحال واریاہ ہیو ڈیڈیو اژِتھ چھُ آخرس ییتھ شہزادٕ شاہ پری
نِش واتان۔ شہزادٕ وُچھِتھ چھَپتہٕ پرٕ یہ پژھا کینژہ پوان۔ نالہٕ مَتہٕ رٹِتھ
کوٚرنس ییٹھِ وارا۔ کھٹہٕ تہٕ کوہ کرُ۔ دوہ تہٕ شراب قسمہ قسمہ نیامژ تھاونس کھینس
واریاہ دایہ لاجہ نس خدمتس۔ شہزادس چھُ واریاہ خاطر پوان کرنہ۔ دوہ ن ژٕ
وٚریٚ ین رٹِتھ چھُ شاہ پری اَمِس پتہٕ دوہ ہبُنہ سیتہٕ کھاندر تہٕ کران۔ یس ن
لال ہال پری ناو آسان چھُ۔ کھاندرٕ پتے چھُ شہزادس پننہ اصل گروک لول
پوان۔ شاہ پری روخصتھ ہیتھ چھُ پننہ زنانہٕ لال ہال پری سیتہٕ گژھان

شاہ پرؠ ماجِہ چھےٚ لال مال پرؠ اَکھ دوہ دِ ماجہِ تہٕ سیٚتھ دِوان۔ اُمِس دوہ دِ ماجہِ چھےٚ
پننیو اَکھ ماج تہٕ سیٚتھ آسان۔ یِتھہ کنِن چھُ شہزادٕ، تَمۍ سیٚتھ زنانہٕ دوہ دِ ماج تہٕ
تَمۍ سیٚتھ کوٗر تہٕ واریاہ نوکر چاکر ہیتھ ہِنٛز گرِ واتان۔ یِیِتھہ پننہٕ نِس گرٕس منٛز بسنہٕ
لگان چھِہ۔ لال مال یوٚسہٕ زَن ووہ واٗرِ گرٕس منٛز واتان چھُہ چھ کینٛہ ش کالس
سیٹھا جان پاٹھۍ پننہٕ نِس خانداٗنس سیٚتھ لسان بسان۔ مگر اُتھی دوران
کرٕ دوہ دِ ماجہِ کام۔ تَمۍ ہیٚیژ شہزادٕس لال مالہِ ہنٛز نفرت کرٕنۍ۔ پننہٕ کور سجادِ تھ
ژٕ سو شہزادٕس تمبلاونہٕ۔ دوہ کھمہ تہٕ دوہ ہہ بگر یو شہزادٕ تمِس ہیٚیژن لال
مال پرؠ ہنٛز سخ نفرتھ کرٕ ہو۔ یُتے یوت نہٕ کینٛہہ بلکہ سہ لوٗگ لال مالہِ الگ
ژرا ؤتھ دوہ دِ ماجہ ہنٛز۔ کور یوٚسہٕ زَن کوٚرۍ کوٗر اُس سیٚتھ ننہٕ وانہٕ جور مارنہٕ۔ گوٗرِ
کور اوٗن شہزادٕ پوٗر پاٹھۍ پننہٕ نِس زالس منٛز تہٕ دوٚپنس لال مال چھےٚ دیون گنہٕ
تہٕ ساتہٕ کھیٚیی یہ۔ دُپان شہزادٕس روٗز نہٕ ووہ اَکھ ذرٕ تہٕ لال مال پرؠ
ہنٛز ماے۔ لال مال ژھوٗکھ اُکس بند کمرس منٛز بند۔ تالہ وٚس کوٗرکھ وٗل اَکھ تہٕ
اُمے وٚلہِ منٛز ہوٚ امِسں اُکس پیالس منٛز رٕز کرٕ تھ بتہٕ ییٚچھ ہِنٛ اَکھ کھینہٕ وقتن
وِز ژراوان۔

اُتھ نظر بند کمرس منٛز اُمِس دوہ لال مال واریا کالہِ پیچھٹ گلان گلان
آمژ۔ اَکہ دوہہ ڈُٹھ شاہ پرؠ بیٚیِنہٕ ہیتھ ناگس پیچھٹ شرانس۔ شران کرٕ تھ میوٚکھ
لال مالہِ نِش پننُک خیال۔ یُتھے اوٚت واٗتژ۔ اَتہٕ وُچھکھ لال مال زندان کمرس
منٛز ہیٚتھ چھےٚ مرٕ تہٕ شمعکو پاٹھۍ گلان گلان آمژ۔ یہ حال ڈیشتھ چھ شاہ پرؠ
اُچھو کِنہ خوٗن ہاران۔ لال مالہِ نِش سوٗرے قصہٕ بوٗزِتھ چھ خبر کھوان۔ پیم

سارییٚے بێنیہٕ چھہٕ اُٹھ کمرس سیٹھاوٕدُنا کران ۔ شاہزادٕ چھہ اَمہٕ وِزِ گوٗری کورِ نِش ہیٚرِ وٕسِس کمرٕس منٛز سوزٕ وایان آسان ۔ شاہ پری وَدان وَدان ویدا کھ دِوان سہ

بوٗن کنٛ وستو ہیو شہزادو ہُیو شہزادو

لال مالہ کرٕ ٹھمو کانٛز بیماری تاٗے ہاے

یہ سوز وایُن چھُہ میانٮ۪س شہزادُن

لال مالہ کرٕ ٹھمو کانٛز بیماری تاٗے ہاٗے

اُٹھو وَدنس منٛز چھہ گوٗری کورِ تہٕ ژیہہ دِوان سہ

گوٗری کورِ دیٚت مے کُمبل پیراہنہٕ وارا

خاصہ تنہٕ ہیمہٕ لاگنے تاٗے ہاٗے

گوٗری کورِ دیٚت مے پُلیہ ہُرکہ وارا

گُکلہٕ پنجن ہیمہٕ لاگنے تاٗے ہاٗے

شہزادٕ پیٚلہٕ یہ سوزٕ بوزان چھُہ ۔ سوزٕ اُتی ژاٗوِتھ چھہ برٕ فسرِتھ شاہ پری نِش وَسان ۔ شاہ پری ماٗنی ہیتھ چھہٕ سیٹھاہ اوٗش ہاران ۔ شہزادس چھُہ گوٗری کورِ ہُنٛد مکہٕ سورٕے فکرٕ ترٛان ۔ گوٗری کورِ چھُہ مس پوان کاسنہٕ تہٕ تس پوان ژٹنہٕ ۔ اَتہٕ اور چھہ شہزادٕ تہٕ لال مال پری بێیہ اَکہٕ خوشحال زندگی ہُنٛد آغاز کران ۔

●

راوی سعد الدین سعدی کریری

# بدنیتھ چھہ آخر ذلیل گژھان

بادشاہ اکھ اوس۔ اُمہِ سےٚ اُسہِ ترٛیہ نیچِوی۔ بادشاہ ییلہِ موٚد زِ بٹھو
ہاوکرٲٹ بادشاہی۔ منٛزِم رٲژ و زٕ ہٹس سیتہ ترٲٹ تہٕ کوٗنس ژھنکھ گٕراٹھ کینٛہ
تِمۍ پانس سیتہ بڈ مٲج تہٕ لوٗگ اُکس پہرِ منز دوہ گُزارنہٕ۔ پانہٕ اوس دوہَس منٛز زوٗر
کشمکھ کرِتھ پوٚشنہ ڈانگ زینان تہٕ مٲج اُمیس لگہٕ ہٲنٛز ییر کتہٕ ووٗڈی کرِتھ گروک
اوزکہٕ پٲدٕ کران۔ یتھہ پاٹھو دوہ نوٚے اچھ پیٚتھر خوشحال دوہ دُنیا گُزاران۔

مگر دوہی ہیہ طرفہٕ، آدہ زِ ہٹین باین بادشاہی زوال تہٕ جلدے گے تِمہ
فتوٗسی۔ فاقن ہیچھ واٲرکھ نو بتھ۔ مگر تِمہ پیٚتہٕ تہٕ ژٕلکھ نہٕ پننٛہ بدنیتی۔ کوٗنس
بوے تہٕ مٲج وچھکھ رِتی دوہ گذاران۔ یہٕ آکھ نہٕ خوش۔ پننٛد بیرٕ نکالنہٕ خاطر
ہیٚیرکھ کوٗشش کرٕنی۔

اکہٕ دوہ ہیہ ییلہٕ لوگٹ بوے موزوٗرِ گومُت اوس تہٕ بڈٕ مٲج اُمیس
گرِ ییٚندرِ کتان۔ دوہ یوٗ باوٕ زون موقہٕ غنیمتھ تہٕ بڈٕ ژھنکھ پننہٕ گرِ مارِتھ تہٕ
بوہیر منز بٔرِتھ۔ لوگٹ ہیوٗ بوے ییلہٕ موزوٗر ہیچھ شامس گرِ واپس ووت اتہ

وُچھنہٕ مٲج مارِہٕش۔ وَدُنا بَہٕ ژھنا کٔرِتھ تِہٕنٛزِ جٕنٛہنٛس اَتھ بۄہارِ منٛز یِہ مٲج نکھس پیٹھ
تہٕ دٔراو اَکِس شہرس کُن۔ اَتھ شہرس منٛز واتنہٕ تھاوِن یِہ بۄہارِ یتھ منٛز معہرزہٕ
مٲج اَسِس اَکِس کھوجہٕ شُدِس وانس پیٹھ تہٕ پانہٕ دٔراو اورکُن یورکُن تھکھ
کڈنہٕ۔ یپارہِ رکھ بٔیلہِ کھوجہٕ وانس پیٹھ آو۔ تیمۍ وُچھ کٔمۍ تام مُسافرن بۄہارِ
اَمس وانس پیٹھ کھاجِ ہِش۔ اَمۍ نیٚج لَنھ تہٕ گٔرٹِن اَتھ بۄہارِ۔ بۄہارِ آیہِ واہ
پیٹھ بوٚن لاینہٕ۔ ہُنٛدِ نیٚچوٗبُس ژھانہٕ رۄزِتھ یِہ وُچھان اوس آو جلد
لاران تہٕ وۄران مٲج ہا مٲرنم۔ مٲج ہا مٲرنم۔ لکھ گٔے جماہ۔ بۄہارِ کھوجِکھ۔ اَتھ
منٛز وُچھکھ یُزِ پاٹھۍ اَکھ موہرِ بٔڈ۔ ہُنٛدِ ہٕنٛدِ نیٚچو دوٚپنکھ یِہ اوس سُن
یلاج کرناوِنہٕ یکہ ناوان۔ چنانچہ اَتہٕ کوٚر وار یاہو زِٹھوی یِہ فاصلہ زِ کھوجہٕ گٔژھہٕ ہُنٛدِ
ہٕنٛدِس نقدی ماوضہٕ ادا کرُن۔ کھوجن دِژ اَکھ موہرِ ٹھیلی بطور ماوضہٕ تہٕ مسلہ
آو حل کرنہٕ۔ ہُنٛدِ ہٕنٛدِ نیٚچوٗ دٔراو موہرِ ٹھیلہِ ہیتھ مکہرِ شانہٕ پنُن گرِ کُن۔ گرِ
واتِتھ کوٚرُن دوٚہ مِہ دوہہ پانس کھانٛدر۔ تہٕ وہ زُلگو دوہ نوٚے بٲرٕ خوش
خوشال زندگی گُزارنہٕ۔

اَمۍ شدِ یو بایہ بٔیلہِ اَمۍ شُند دوہہ کھوہ تہٕ دوہ آباد گٔژھن وُچھ
ہیمہٕ آے دوہ شوٚے اَمس پرٛژھنہٕ زِژنیہ کیتھ کنن کٔرِتھ یِہ دولتھ حاصل۔
دوٚپنکھ چھُونا بوزان اَکِس شہرس منٛز چھِہ موہرزن سَخ باو۔ تو بہٕ بٔیلہِ مٚۓ مٲج
مٲروٲن سٚۓ بٔرسعہ بوٚہار تہٕ نیٚم اَتھ شہرس منٛز کُنٛنہٕ۔ اتہٕ آیہ مٚۓ موہرزہٕ ماچہ
اَکھ موہرِ ٹھیلی یتمہٕ سیتۍ مٚۓ گُزار نیوو۔ دوہ یوٚ بایہ بٔیلہِ بوٗز۔ دوٚپکھ اَسے
دَتھ لیجۍ اَتھ۔ گرِ گٔژھہٕ وُسٚے مٲر زِٹھوٗ ہیوی بأرے پنٛنۍ زنانہٕ۔ تہٕ دٔرا اَتھ شہرس

کُن۔ اوّت وأتِھ کوٗرِ کھ معہ رِدھا۔ معہ رِدھا۔ موٗ رِدھا۔ لوٗکو بیٚلہِ پھٔرِ ہم یاٗھٹو
یِمَن بوٗ ہارِ مَنٛز موٗ رَنہ وُچھ۔ یِم مٔتے بہِ ننٛہ شنگاہ یمَن چوٗبَن تہِ لِٹہِ کھوہ کھر
کرٕتھ ژرٛاأوِ کھ بٔلہِ۔

گرِ وأتِھ گو یِمَن وہوں زیٛادٕے کینٛسِس بأے ٹشند شراٗدتھ کالہِ
کالٕے ژوٗوٕ ہَس اَکھ داند ماٗرِتھ۔ سُہ بیٚلہِ کالہِ چینٛس گرٛووت تہِ وُچھن
داند ماٗرِتھ۔ چھُنھس تُلن داندٕ ہنشند کلہِ تہِ یہِ ہیٚتھ ڈرٛاو اُکس شہرس کُن
وَتہِ گوس پکان پکان اکس جایہِ شام۔ اَتہِ آس بوٗ نیاہ اکھ۔ اَتھی بیہِتھ کھوٚت
داندِ ٹشند کلہِ دالہِ ہیٚتھ راتھ گزارنہِ۔ نصِف راتَس بأگی وأتی اَتھ بوٗنہِ تَل
ژوٗرن ہنٛز اکھ بڈ جماتھ سَن بأگرٛاونہِ۔ اَمِس گو ژوٗر وُچھتھ ہیٚتھ شاہ
پیٚتھ کُن تہِ بروٗنہِ ہم بروٗنہِ کُن۔ یہِ لرزیوو ییٚت ژ اَتھ منٛز ہیوس کلہِ دالہِ
بوٗن۔ ژوٗرن گیہِ چھلہِ چھانگر۔ تِم ژٕلی یہِ سأری سَن کُلِس تَل ژرٛاأوِتھ۔ کاشا
پھوٚل یہِ ووٚتھ کُلہِ بیہِتھ بوٗن۔ نظراہ کرِن اور یور۔ وُچھان چھُ سوٗن
چانٛدی، لال جواہر بیشمار پیہِتھ۔ لٹھیلہِ ہَن کرِن تہِ یہِ سأرٕے دولتھ کرِن
جمع۔ نکھس بیہِتھ تلتھ ہیٚرِن گرِ کُن وُتھ۔ گرِ وأتِھ لوٗگ چھل وَل کرٕنہِ۔
بایِن بیٚلہِ توٚر فکرِ ز یہِ ہا چھُ دوہ کھوٕنہِ دوہ ہا چھبان تہِ پھولان
بیٚلیہِ اَکہِ رِفرآس تہِ بوے لاگتھ پرٛژھ ہَس یہِ دولتھ کِتھ کنٕن کرِتھ حاصل
دوٚپنکھ نوہ ہا توٚ گونہِ۔ مے ہَساٗ موٗر داند تہِ تمیٚ ٹشند کلہِ کِنتھ آیِم واریاہ
دولتھ بدس۔ یِم گے گرٕ تہِ ژھنٛکھ گنٛیٚ داند مأرِتھ تہِ اَمی سٕنٛز کلہِ ہیٚتھ
ڈرٛاے کِنٛنہِ۔ اَمہِ پھیرِ تہِ پیٚکھ وَزٕے وزٕے چوب لَگن ہندٕ ہو دٔس۔

ییٚلہٕ یِمَن بٲیِس مُقابلہٕ کینٛہہ چوٗل۔ ووٚن نیٚوٗکھ فاصلہٕ زٕ رٕیہ ژھنوون جایہٕ نِشہِ مٲرِتھ۔ اَکھ سٲزِش کرِتھ دِیتُکھ کینٛژس بٲیِس داروے بےٚ ہوشی۔ رٲتی راتس بوٗزُکھ اَکس بِہارَس منٛز۔ صُبحٲے وُتھتھ تُلُکھ نکھس پیٹھ دوٗیِمِکھ کُنہِ جایہِ پھاٹہِ ووٚن آبس۔ یِکان یِکان ییٚلہٕ اَکِس جایہ ٹھکِتھ وٲتی۔ اَتہٕ اوس گوٗرا اَکھ کھیٚوُل ہیٚتھ اُمی بےٚ کوٗرُکھ حوالہ۔ دوٚپ ہُس یوٚت تام اَسی بَتہٕ کھیٚتھ یِمَو۔ یِمِس تھاوِتھ نظر۔ یہ چھُ اَسہٕ بیمار بوٚوے تہٕ یہ چھُ فلانی شہرِکِس ہسپتالس منٛز یلاجہ کھاطرٕ نیٚون۔ گوٗری ییٚلہٕ موٚن نکھہٕ تہٕ یِم گےٚ بَتہٕ کھیٚنہٕ۔ اَتھو دوران آو بہارَس منٛز اَمِس ہوش۔ اَمی کوٚر گوٗرِس سوال زٕ بےٚ کراتہٕ بہارَس منٛز نیبر۔ بہٕ چھُس نہٕ بیمار یِم چھِم زورٕ یلاج کرٕنہٕ نوان۔ گوٗری ییٚلہٕ یہ بوٗز دوٗپُن چھُنا صلاح سہ شوٚدٕ چھُ پرٕنیہ ساتہٕ بیمار آسان۔ اَمی پَنٛنِ بَدلہٕ روزٕ بےٚ بہارَس منٛز تہٕ مُفتس منٛز بنیم یلاج۔ بہار گنڈ مُرِتھ کوٚڈُن یِہ نیبر۔ تِمی پَنٛنی پلو لاگِن پانَس یُتہٕ پنٛنی تس تہٕ ژاو بسم اللہ کرِتھ بہار منٛز۔ ہِمی کوٚرنس گوٗل بہار بند تہٕ کھیٚوُل ہیٚتھ ڈراو گرٕ کُن۔

ہُپاڑی کینٛہہ آے ہِمہٕ تہٕ تُلُکھ گوٗر نکھس۔ یِکہٕ ناوان یِکہٕ ناوان ہیٚوٗتُکھ اَکِس جایہ آبس پھاٹہِ وُن۔ گوٗری نیٚنجو کرٕ بکھ۔ مہٕ مَتہٕ مٲری تو۔ بےٚ مَتہٕ مٲری تو مگر ہُم کتہٕ مانہٕ ہٲنس۔ پاشا کرِتھ لوٚکھ دِژی یاوس منٛز ہاگ تہٕ دوٚپ ہُس ازگا لو چون بیسرٕ ٹے۔

گرٕ کُن یِکان یِکان اَسیٚ ہٕ ویٚسران کُنہٕ۔ لُوکَٹ ہیٚوٚ بوے ووٚت کھیٚوُل ہیٚتھ گرٕ۔ وُڑی یِس تام ژورسہ تکو پنُن بادشاہ۔

راوی سعدالدین سعدی کرہری

# اَکِس باہمت شہزادُ سُند کارنامہ

دَپان اَکِس بادشہس اَسی ترٚیہ نیٚچوی۔ بادشہہ اوس دوہہ کھوتہٕ دوہہ زَردان تہٕ شُشِس گژھان۔ یہمَو نیٚچو وُچھ وۄنہِس اَکہ دوہہ تَہٕ۔ بابہٕ اژکیا زِ چُھکھ دوہہ کھوتہٕ دوہہ زَردان تہٕ شُشِس گژھان۔ مٲلۍ وۄننکھ۔ گوٚبرو اسہِ چھِہ پیٚہ بتھ راتھ درواژٕ رکِنہٕ اکھ سَتھ کلہٕ کٔرِتھ بلایا یوان۔ یوسہٕ راتس قیامتھ کران چھیم۔ اَوے چھُس بہٕ شُشِس گژھان۔ زٕ ٹھو نیٚچو دوٚپنس۔ اَدِ سا ئہٕ تہٕ از روزے بہٕ زاگہٕ تمِس بلایہ۔ ییٚلہِ راتھ وٲتھ یہ بیوٚٹھ زاگہٕ تہٕ اَمِس پٮ۪ٹھ سِینٹی نیٚندر۔ بلاے آیہ پننہٕ موقہٕ تہٕ گیہٕ بادشہس قیامتھا کرِتھ۔ زیٚٹھ شہزادٕ گو صُبحٲے بیدار تہٕ پرژھن بادشاہس اَزما آیےٚ ییٚ سہ بلاے بادشہن وۄننس، از راتس گرٚم برابر یہن وُری یِتھ ہِشر قیامتھ۔ شہزادن ہُند مُنزِم بوے وۄٹھ تہٕ وۄننکھ از روزٕ بہٕ زاگہ تمِس بلایہ۔ اَمس تہٕ پٮ۪ٹھ زِ ٹھس باگے سِندی پا ٹھ اَمہٕ وقتہٕ نیٚندر۔ صُبحٲے بیدار گژھِتھ پرژھن بادشہس اَزما آیےٚ یہ سہ بلاے۔ بادشہن وۄننس واپس۔ اَز یہسا کرِ نم ژٕ دۄہن وُری یِتھ ہِشر قیامتھ یہ

بہ ازِتھ کھوت لو کتِس شہزادس شرارتھ تہٕ دوپنکھ ازگیہ میانی واری۔ پتھ

شام گو امی شہزادن ژاٹ پننہٕ اتھ کس تہٕ امس کرِن ڈگ۔ ڈگ آسنکہ

سببہٕ آیہ تہٕ امس بلکل نیندرٕ۔ شہزادٕ روٗد اتھی دروازس اندری کنی تلوار

ہیتھ ژھایہ ہول یمہٕ دروازٕ کنہ تہٕ بلاے امس یوان۔ بلا تہٕ ییلہ منٛز وق

ووت۔ یہ واتھ اتھ دروازس نش۔ پتھ امی اکھ کلہٕ دروازٕ اندر ژون شہزادن

کوڈنس تلوارِ دب تہٕ ژوٹنس کلہٕ۔ پتھ پاٹھی ییلہ شیٚنے کلہٕ ژٹنس۔ بلاے

آیہ تنگ تہٕ ژاج واپس مگر شہزادٕ روٗد امس پتے لاران۔ بلاے واتھ

اکس گرٛتھہ ژنڈس نش تہٕ گیہ امے گرٛتھہ زنڈٕ نش غائب۔

شہزادن تھوو اتھ گرٛتھہ ژنڈس نشانہٕ تہٕ گو واپس گر۔ صبحٕے

پرژھن بادشاہس۔ ازہ کرٕنے ژٹے تمہ بلا یہ سختی۔ بادشاہن ووننس بڈٕ

خوشی سان ازکرٕ سے پننہ وانسہ ہشرٕ نیندرٕ۔ شہزادن ووٗن پننین باین

تہٕ مارلس یہ راز تہٕ تلِن بأے پانس سیتھ تہٕ وونکھ یوتانی نہ بہٕ سوہ بلاے

مارن تووتانی نیہ یمہ تہٕ بہٕ واپس۔ مو خصر وانہٕ ناون اتھ گرٛتھہ زنڈس

نش۔ گرٛتھہ زنڈٕ تلن اکہٕ اندٕ تھود تہٕ اتہٕ دچھن اکھ وہ گہٕ، بیارہ یہ بلاے

یوان گرٛتھان امس۔ امہ ووٗن باین دٕ خوسأ اورکس وسہ یمو کورس نکار۔

کینژھس شہزادس اس بڈٕ ہیمتھ۔ امہ ووٗن پننین باین تو ہی روزو

یتھی جایہ تہٕ بہٕ وسہ بلاے ژھانڈنہ۔ بأے کرناون واہ اقرار زِ تمہ مادن

دوکھ دغا۔ آخر گو ناڈ امی کینژھی شہزادن پان۔ تہٕ ووتھ امہ وہ گہٕ کنی۔ بایو

کرٕہس اتھ رزٕ ہیرہ کنہ تھب۔ ییلہ شہزادٕ امہ جاہ کس اندس ییتھ ووت

اُمی وُچھ اَتہٕ اَکھ باغا۔ اَتھ باغَس کوٚ پھیران پھیران تہٕ اَکس جایہِ وُچھن یہِ
بلاے زُلف ترٛاوِتھ تہٕ اَمِس ترٛیہِ حسین خوتونہ اَتھ کلَس پھَش پھَش دِوان
یمو خوتونو بیلہِ یہِ شہزادہٕ وُچھ یمو ہیوت اَمِس دوٗری اَتھو سیتہٕ ہاوُن
پتھ روز، شہزادہٕ اوس باہمت یہِ پھیوٗر نہ باز بلکہ ووت یمَن برونٛہہ کنہِ
تیمہِ یہِ اوٚنت ووت بلاے گیہِ ہشیار، تہٕ وٚژھ تھوٚد، مختصر ملوکھ دَب۔ وَنٛن
والی شُندُوَنُن چھُ زِنتَن دوہَن تہٕ سَتَن راتَن چھہ یِم دَب کران۔ تہٕ آخرس
کوٚر شہزادَن اَمِس اَتھ کلَس تلوارِ ہُند دَب۔ اَمِس گوٚو یہِ کلہٕ جُدا تہٕ آیہِ پھتھر
ماس کرِتھ لاینہٕ۔ شہزادہٕ بیوٚٹھ دَم سَنبالنہٕ۔ یمو خوتونو دِژ ہَس ترٛیش
وغائرہ تہٕ یہِ آو بییہِ ہوشس۔ مختصر تجُن یمہٕ خوتونہٕ سیتہٕ تہٕ ووت تتھ جایہِ
ییتیتھ یہِ رُزاَس۔ یمو خوتونو ووٚن اَمِس گوڈٕ کھَس ژٕ پانہٕ تہٕ پتہٕ کھسو
اَسی۔ اَمی مون نہٕ کینْہہ۔ خوتونو کرِ ہَس سیٹھاہ زِ یِم باَے کرنے پیٚنے وفائی۔
تیمہِ کینٛہ کھَس ژٕ گوڈٕ پانہٕ۔ مگر شہزادَن ووٚن تیمَن زِ ہیٚنے چھہ یِم جگری باَے بیہ
دِن نہٕ یِم ہرگز دغا۔ آخر دوٚپ نَہَس، یمو خوتونو "اگر ژٕ یمو بایو ہیوٚر کھور مکھ
نہٕ، یوٚت چھی پِوان سفید کنٛڈ تہٕ کرٛہُن کنٛڈ۔ یِم چھہ ملوان ٹھول۔ ژٕ ترٛاوِ زِ
سفید کٹس وۄہٕٹ پیٹھ شہٕ۔ کھاری ژٕ تیٚے ہیوٚر، اگر کرٛہنس کٹس وۄتھ
ترٛاوکھ سہٕ والی تل پاتال۔ بییہِ دِتی ہَس ترٛتیٚے چیز ترٛییو خوتونو۔ اَکی سعہٕ نہٕ شُرز
کوتر جوٚری۔ دوٚیمہِ سعہٕ نہٕ سِنٛز ترٛاَری جوٚری تہٕ ترٛییمہِ دِژ نَس سعہٕ نہٕ شُرز
گاڈٕ جوٚری۔ اَمی تیٚژھنکھ یمَن کیاہ چھُم کرُن۔ یمو ووٚنہَس وایس اگر ژٕے
یمو بایو دغا دِیت ہیٚے۔ ژٕے پیٚنے تیلہِ یمہٕ کُنہٕ جایہِ بکار۔ مختصر گنٛجُن یِم

خوتونہِ اَکہِ اَکہِ رزٕ تہٕ بأے رۆدی ہیٚر رزٕ لمان۔ یوٚتانْ ہیمہٕ خوتونہٕ ترٚٹے گٔم جیکھ
ییٚلہٕ وون اُمِس شہزادِ پشرٕ دأرِی وأتٕ ہمُن گیہٕ نیت بد۔ اَکھ اُکِس چھ وَنان
زٕ یُمہِ ییٚہٕ اُمِس پرٕژھ بلایہ وُچھ مارنَس کینہہ سہ کیاہ وُچھ پہٕتہٕ اَسہ۔ بہتر چھ
خوتونہٕ ترٚٹے چھ دوون کرو پانَس سیٚتی نِکاح تہٕ اُکِس کرو مألِس سیٚتی نکاح۔ ہیوٚ
کرٔ یُمہِ مَصلحتھ۔ رٔز ژٲوِکھ اُتی تہٕ گے پانَس ہیم خوتونہٕ ترٚٹے ہیٚتھ۔ گٔرٕ
وٚٲنکھ مألِس اورٕکھ یور نوستار، دوٚیہَس ہیم آنہٕ اَسہٕ زہنہٕتھ تہٕ بیٚییہ مأر
سوہ بلاے تہٕ۔

بچار لوکٕٹ شہزادٕ چھ ژاران۔ بأے لَمَنٕ رزٕ تہٕ ب تہٕ کھَیہٕ ہیٚور
وارِہِس کالَس ژاأرِتھ ییٚلہٕ تسَلی گوس، دوٚیُن تہم اُسی پَنٕے دغاباز۔ یہ اوس
یی سوچان زِ سفید کنٹھ تہٕ کرٕ وہُن کنٹھ پیٚیے وأتھتھ تہٕ ملوٕکھ ٹھول شہزادس
بیٚییہ خونوانَن ہشرٕ کتھ یاد تہٕ ہیٚرٕن سفید کٹَس بیہٕٹھ ووٕٹھ ژاوِنی۔ خوداہہ
شند مُقشہٕ اُمی ہیشاأیہ سفید کٹس بیہٕٹھ ووٕٹھ ژاوِنی۔ یہ آو کرٕ ہنس کٹس
بیہٕٹھ لاینہٕ... ہُمی دُمُن مشرٕ تلپاتال ژُھن وألِتھ بیہٕٹھ موٚیوس گو تہٕ
بیوٕٹھ اُکِس گُلِس تَل۔

دیان اَتھ گُلِس بیہٕٹھ اوس آگرٕ بیچھینہٕ ہُنْد اول۔ اُمِس آگُ پچھنہ
اُس پرٕپھتھ رینہٕ اَکھ بلاے اَکھ اَکھ بچہ جیوٚرِی کھیوان۔ اوٚتانْ آسنَس کاہ
جورہ کھے مرٕنہٕ۔ شہزادٕ چھ بہِتھ۔ اُمہٕ گُلہٕ بیہٕٹھ تَل ہیموٚ بچو کرٕنکہ ناد، شہزادس
بیٚییہ نظر تہٕ اَتہٕ وُچھن اَکھ بلاے کھسان اَتھ گُلِس۔ اُمی کٔڈٕ پننی تلوار تہٕ
ژاوِنس گنہٕ کرٕتھ تہٕ بیوٕٹھ پانَس اَتھی گُلِس تَل۔ ییٚلہٕ آگرٕ بچھی واپس آیہٕ

تِمو وۆنُس تور جواب۔

کمہِ شُنٛد بخت چُھکھ ژٕ۔ گرٕ پیسہ پرٛژھنَس۔

بہٕ کیاہ چھُس چانِس بأے شُنٛد بخت۔

میانِس بأے شُنٛد! ژٕ کیاہ چُھکھ وُنی کیس پیٚتھ کران؟

بہٕ کیاہ اوسُس یمَن بانَن راچھی، زٕ کانٛہہ وۄپر مانیہ یِمَن۔

گرٛیس گو اَتھ شُنٛد سُنٛد یہ جواب بوٗزِتھ حأران تہٕ دِلی آس پنٕنہِ بدبختی
ہُنٛد خیال تہٕ اَمِس کوٚرُن آرٕ برٕتہٕ بیٚیہ سوال۔

ہے بابا! دوٚپہے ہسا ژٕ یہٕ ما چھُکھ خبر میون بخت کتہٕ چھُ؟

چون بخت۔ تمی ژوو اوس اَسِن کھنگالہٕ تہٕ اَمہِ پتہٕ دِتُن دماہ
تہٕ وۆنُنَس چون بخت کیاہ چھُ سمندرِ اپارٕ شونگِتھ۔

سمندرِ اپارٕ شونگِتھ۔ گرٕ پیسہ دوٚہرو اوٚہُنٛد وَنُن تہٕ مایوسی سان
پرٛژھُن اَمِس۔ ہے بابا۔ تور واتُن چھا میانہِ خأطرٕ ممکن۔

کیازِ نہٕ ییٚلہِ انسان ہِمَتھ کرِ۔ کوہ ییٚہ کتھ چھ ناممکن۔

●

دوٚہو میہ دوہہ ہہ سُگھنس ذراد زمیندار پنُن نیٚندر بخت وِزناونہٕ۔
نیہہ ٹِس تہٕ کرہ چھٹِس سَفرِس پیٹھ۔ خوفناک تہٕ گنیو جنگو منز پکان پکان ووت
سُہ اَکِس جایہ اَتہٕ وچھ اَمی اَکھ سیہہ۔ ہوٚکھمت تہٕ بیمار۔ اَمِس سیہس
اَمِس نہٕ کانٛہہ صوٗرتھا رُوز ہرٕ۔ تہٕ پانَس نکھہ انسان وُچھِتھ گو سُہ بڈٕ خوش
تہٕ اَمِس پرٛژھُن۔ ہے بابا یہٕ کوت چھکھ گژھان۔

درجواب دوٚپھُس یِہ انسان۔ مےٚ کیاہ۔ بخت پوٚز ناوٕنۍ گژھن۔

بخت۔ سیٚٹھاہ دوٚہرو اوٚہنٛد ۔ بڈٕ حاکرانۍ سان۔ اَمہ پتہٕ

پرژھن انسانس کیازِ۔ ژیہٕ کمہٕ دوٚنے تہٕ انسانن وٕنۍ اَمِس سائرے دلیل

پٕ سیٹھہ گوٚ یہٕ دلیل بوٗزِتھ بڈٕ خوش تہٕ اَمِس کوٚرُن سوال۔ ہے

بابا۔ ییٚلہِ ژٕ نوٚت وانکھ میانہِ طرفہٕ پرژھتس زِ مےٚ کیازِ چھُ یُتھ کالہ پیٹھ

کلس دود۔ اگر ژٕ میانِس سوالس جواب اَنکھ بہٕ روزٕ چھون سخ مشکوٗر۔

انسانن دوٚننس اَدٕ مےٚ کیاہ حرج چھُ۔ بہٕ پرژھہٕ ہس۔ تہٕ اَمہ پتہٕ

دژاو انسانن بیٚیہ بروٗنٛہہ پننس منزلس کُن۔

بیٚیہ واریاہ بروٗنٛہہ پکتھ ڈیٹھ تمۍ اکس کُلس تل دَم۔ یہ کُل

اوس اَکہِ اَندٕ ہوٚکھمُت تہٕ بیٚیہ رژھ اَس اَتھ سبز۔ اَمہ کُلہٕ پرژھ اَمِس

انسانس۔

ہے بابا۔ سیٹھا وَق گژھتھ وُچھ مےٚ ازِ ییٚاڑ آدم پکان ژیٚیے

کوٚت سائے چھے گژھن۔

اِنسانن باوتس سہٕ سائرے دلیل۔ یہ تشند مقصداوس۔ یہ بوٗزِتھ

کوٚر کُلہٕ انسانس سوال۔

ہے دوس۔ تہٕ ژٕ کرکھ نامیانۍ تہٕ اَکھ کام۔

خبر کیاہ!

وَنِ جوراہ کیا سأگے۔ مےٚ گوٚ جوانی منز دوہ دُر ظاہِر۔ کینہہ چھُم

نہٕ فکرِ تران زِ یہٕ اوٚڈ پاسہٕ کیازِ گومُت روٗزِتھ۔ یوٚدوے ژٕ بختس پرژھکھ

زِ یِتھ کیاہ یلاج چھُہ بہٕ کیاسہٕ کرٕ ہے ژٕ یِہ دعاے خاٗر۔

اَدٕ میٚہ چھُنہٕ کانٛہہ حرجہٕ۔ میٚہ چھُہ اوٚتانی تہٕ اَکی سیٚہن سوال کورٕ مُت۔

بہٕ پرٕژھس چون تہٕ۔

آمہٕ پتہٕ دژاو انسان پننِس مَنٛز لس کُن۔ تہٕ واتان واتان ووت شہ

اٚنچھ سمندرکس بٔٹھس پیٚٹھ یتھ ووٚنی تٔس اپور اوس ترُن۔ مگر اپور

ترنک ساماںٕ اوسُس نہٕ کینٛہہ۔ دپان یہ انسان رُوٚد دوٚن دوٚہن تہٕ دوٚن

راژَن اَتی بٔٹھس پیٚٹھ پژارنہٕ زٕ گژھہٕ کنہ مایِہ کانٛہہ ناو وغارٕ یتھ مَنٛز یہ اپور

ترٕ ہے۔ مگر زٕ دوہہ گژھتھ آو نہٕ تٔس گژھہ کانٛہہ ہٕشٕ وغارٕ نظر۔ دوٚن اوس

شہ بڈٕ غم گیُن گژھتھ سوچان زِ بہٕ کیاہ کرٕ ووٚنی زٕ تس گیہ سمندرٕ مَنٛزٕ

آواز کنن۔

ہے انسانہٕ ژٕ کیاہ چھکھ اَنہٕ تس کران۔

شہ گو حاٗران تہٕ آبس کُن سٕنہٕ ووٚنی نظراہ دِتھ ہُرے یہ تٔس ہیٚبہٕ

حاٗراٗنی زِ یہ اَس اکھ بٔڈ بارٕ گاڈ آبس مَنٛز نیٚنہ سوت یہتھ۔

انسانَن ووٚن گاڑ پننِ مقصد تہٕ یہ گاڈ گیہ اوٚہنٛدہ ہمتھ تہٕ حوصلہٕ

وُچھِتھ بڈٕ خوش۔ آمہ پتہٕ وُژھ اَمس کُن ہے بہادُر انسانہٕ بہٕ تارٕ کھ تہٕ

پننہٕ نین ثانَن پیٚٹھ یتھ سمندرس اپور۔ مگر اکھ شرط چھےٚ۔ کیاہ شرط۔ انسانن

پرٕژھ گاڈ۔

شرط چھُہ یہ زِ ترٕ ےٚ ریتھ گژھےٚ کینٛہہ کھنس تہٕ ووٚنی چھس

بہٕ مرنہٕ مرٕ۔ مگر فکر چھُم نہٕ تران زمےٚ کیاہ گوٚمت چھُہ۔ صرف چھُم ۂٹس گنڈ ہیو

یتھ دوٚرے ژٕ میانِس اَتھ مرضس علاج اَنکھ بہٕ تارِتھ ژٕ یورِ یتہٕ تہٕ اورٕ تہٕ
دِمے تار۔ ئیلہِ کیہ پٔرارے بہٕ ژٕ تے اپارِ مہ سۭے بچٕھس پیٹھ۔ یوٗتانی ژٕ واپس
پھیر کھ۔

انسانن کوٚر گاڑِ وعدٕ زِ بہٕ اَنہٕ چنوٗر دوٚر تہٕ ہندِس مرضس علاج۔ یتہٕ اَمہٕ
پتہٕ تور سہ گاڑِ پننِس شانس پیٹھ اَپور۔ تہٕ اپارِ بیٹھ گاڑس پرارِنہٕ۔
انسان کھوٚت بچٕھس تہٕ وعدِ اوس تس منزلِ مقصوٗد تہٕ ووٚت
تہٕ سہ اوس اورٕ یورہ ژٕ دوان تہٕ ہرکن مٲدانن پھیران۔ وار یہن ووٚتن
رُود سہ پیٹھے پٲلٹھ پننِس بچٕھس ژھانڈان۔ مگر تس اوس نہٕ کُنہٕ کینٛہہ
درینٛٹھ گژھان۔ سہ بیوٚٹھ تھکِتھ ژھینِتھ اَکِس جایہ۔ تہٕ اَمِس پیٚیہ
نٔیندرٕ۔ اَمہ وُچھ خاب اَتھ منز۔ آو تس سُے شخص۔ یُس اَمہ کھٕس منز وُچھمُت
اوس۔ گمہ پیس تس آسے اُتھ عکلہٕ تہٕ یہ دٕیی زِ تہٕ وَدان وَدان ووٚنُن اَمِس
ہے بابا۔ اگر ژٕ یہ مے ووٚنتھ۔ میون بچٕھ چھُ سمندر اَپارِ شوٗنگِتھ تہٕ بہٕ آسس
یوٚت منزلہٕ ژٕ بیٹھتھ۔ کِنہٕ چھُ پیٚیتھ۔ اُتھو ژٕ یہ کیازِ ووٚنتھ اَپرٕ۔ مے کیا اوسُے
ژٕ تے کوٚرمُت۔

بچٕھتن ژٕدو گر پیس شُد بیانہٕ بوٗزِتھ اَسن کھنگالہٕ۔ تہٕ ووٚن تس
عکلہ مہ برژٕ۔ بہٕ وَنہٕ نہٕ زاہ تہٕ اَپُزٕ۔ مےٚ اُسے ژٕ یہ آزمایش کرٕنی۔ تتھ منز
دراکھ ژٕ کامیاب۔ وَن سا وعدِ کیاہ چھُ چون حکم؟
میون حُکُم۔ مگر بہٕ کیازِ وَنے ژٕ یہ بہٕ وَنہٕ پننِس بچٕھس۔ ژٕ چھکھ
میانِس بٲے شُند بخت۔

ژٕ کوناہ سیۆد تہٕ ساد ٹھکھ۔ بہٕ چھس نکنت۔ پرٕ چھہ جاندارٕ شُند
سارٕ نے زُوَن زاٹن ہُند۔ کیاہ جاٮِس بٲے شُند کیاہ چون۔ ژٕ وَن جَل
کیاہ چھُے وَنُن۔ مےٚ چھہ واربار کام۔ کرٕ جَل کُس کُس سوال چھےٚ تسےٚ زون۔
گرٕ پتھ ووٚن مکنتس۔ تہٕ نیتھ پننہٕ بدبختہٕ ہُند سوال گژھ زٕ گنڈٕتھ
جناب مےٚ چھُ بوے۔

بہٕ زانہٕ ژٕ وَن پننُ کیاہ چھُے وَنُن۔

مےٚ مۆت ییٚژ کالہٕ پیٹھ غریبی تلان۔ بہٕ گومژھس بٲے سِنٛدٕ کھوتہٕ
بوڈ موہنیو بنُن۔ مےٚ کرٕ تہٕ دستگیری۔

بیٚیہ ماگرژھی کینہہ۔ بیٚیہ ما چھُے کانہہ سوال کرُن۔

اوہ جناب۔ مےٚ چھہ وتہٕ وتہٕ سائلَن ہندہٕ سوال بوزٕی متھ۔ تِمَن
گوژھ مےٚ جواب دیُن۔ کم سوال وَن جل پہن۔

گوڈٕ نیک سوال چھُ جناب سہٕ ہَس اَکی شُند۔ تس چھُ ییٚژ کالہ
پیٹھ کلہ دود کران۔ سہ گوژھ تس ژلُن۔

اَچھا ژلُن گژھ سہٕ! تیلہٕ وَنی زہٕ س۔ ڈٖیو زیس کانہہ بیقلہ
انسانہٕ سِنٛدی کاڈی گژھن کھیمہ۔ بس تس چھُ یہی دوا۔

مہربٲنی جناب۔ تہٕ دویُم سوال جناب چھُ اکس گگُ شُند۔ اتھ کلس
جناب چھُ جوانی منزٕ دوہ درژامُت۔ اکھ پاس جناب چھُ اُمس کُلس ہونٛس کھوت۔
اَدٕ کیاہ گژھ ہیس ہعہ کھ نتہٕ ادٕ کیاہ۔ آخر سہتھ خزانہٕ چھس
مولنہٕ منز میٚنٛہ آمتی۔

سنتھ خزانہ۔ گرپسہ تس ژٕ جی کریچھ ہش نیرِتھ۔

اوٚ اوٚ سنتھ خزانہ۔ ییم خزانہ گژھِہ سی کاشہ خوش نصیب کڈُن

تہٕ گل گژِھ پانے ٹھیک۔

بہتر جناب ، بہٕ ونس۔

بیٚیہ ہا چھےٚ کانٛہہ سوال۔

اوٚ جناب بیٚیہ اَکھ سوال چھُ بیہ وُنہ کرون۔ سُہ چھُ اَکس گاڈٕ

ہُنْد۔ بیٚمہ میٚے تار دِیُتٕ تہٕ بہٕ دوتُس تہٕ ہیرتس۔ جناب اُمس گاڈٕ چھُ

ہٕٹس پیٹھ خبر کیاہ گنڈ ہیوٚ گومُت۔ یہ چھُنہٕ ہیٚکان کھیٚتھ چیٚتھ

اُمس گوژھ تیٚتھ علاج وَنُن یِتھ یہ ٹھیک گژھِ۔

گاڈٕ ہُنْد علاج ہسا چھُ یہ زِ اُمس چھُ ہٕٹس پیٹھ اَکھ قیمتی

لال بنْد گومُت۔ یوٚتانی سُہ درو کہ سیٚتی لال کھاٚلتھ اُنہٕ۔ تو تانی بنہٕ

اُمس کھینہ۔ یہ چھُ اَکھ قیمتی لال۔ یُتھ تہٕ کُنہ جور نیرِ۔

گرپسی بوٚزسارِنے سوالن ہُنْد جواب تہٕ بختس پرژھن بیٚیہ

اَکہ لٹہ۔

اَچھا جناب سایلن ہُنْد جواب بوٚزی میٚے۔ میٚے کیاہ چھُ تٕہی وَنان

بختن تو گرپسو تُنْد یہ سوال بوٚزِتھ اَسُن کھنکالیہ تہٕ تمہ پتہٕ ووٚن تس

زِ یہ کیاہ پرواے چھےٚ وۄنی بہٕ چھُس وۄنی ژٕ تے سیٚتی۔ چانی سارِی

مُشکل گےٚ وۄنی حل۔ وۄنی ییٚمہ وِز ژٕتے میانی ہنووار تہٕ موکھوس سپدی

بہٕ اسہ ژٕتے سیٚتی۔ بس اَیہ پتہٕ گوٚ بخت گرپسو سٕتی زٕو اَچھو تلہ گاٹب تہٕ

تہٕ شہ گوٚ اُتھی سیتؠ نیندرِ ہنز ہُشار تہٕ یہ خاب اوس تسُند خاطرٕ اکھ حقیقت
نہٕ شہ ڈراو اَمی ساتہٕ واپس گرِ کُن ۔ تہٕ سایلن ہنٛدی جواب آسی تس زِ یوٗ
پئتس پیٹھ ۔ سہ ووت سمندرٕ بٔٹھس پیٹھ تہٕ گاڈٕ آسِ تس یہن ہنٛدِس تٔندرس
زَن پرٛاران ۔ یُتھے تمہ وُچھ انسان اوٚد اَسان اَسان یکان تمہٕ پرٛژھ تس ۔
کیا سۄ آمیا نس سوالس اوٚن یتھ کانٛہ جواب ۔

جواب اوٚن ہنٛے مگر ۔ بہٕ وَنے ژیہٕ اپور تٔرِ یتھ چانہِ سوالک جواب ۔ گاڈٕ
کوٗر آمی سُنٛد یہ شرط کنہِ ہلہ بکار منظوٗر تہٕ اَمس دِتُن تار ۔ اپاری مس بٔٹھس
پیٹھ وا تِتھ ووٚن انسانن گاڈٕ تہنٛزٕ بیمارِ ہُنٛد یلاج ۔ گاڈٕ ہیٚتُس اَمی ساتہٕ
درٛوہ لُدا انیخ ۔ تہٕ وارِیاہ کوشش کرٕنہٕ پتہٕ آو تس سیٹھاہ قیمتی تہٕ موہ لُل لال
ؤتھِت تہٕ اَمہ کوٗر اَمس انسانس زارٕ پارٕ زِ یہ قیمتی لال نِتہٕ ژٕ پانس سیتؠ
مگر انسانن ووٚپ نس بہٕ یکہٕ نا وٕ تہٕ یہ ووہ لہ بور پانس سیتؠ ۔ ہیٚتہ کنتہ لگہٕ ہے
ہتے چھُ نختن یقین دیتمُت زِ شہ چھُ دوہ نی ہتے سیتؠ ۔ اَمہ پتہٕ ڈراو یہ انسان
یہ موہ لُل لال اَتی ترٛاو یتھ گرٕ کُن ۔ بخت اوس دوٗرِ روزتھ اُہنزٕ بدبختی
پیٹھ ٹھاہ ٹھاہ کرٕتھ اَسان ۔

یکان یکان ووت انسان تتھ ہوٗکھ ہیتس کُلس نِش یُس ہند
سوال تمی نختس کوٗرمُت اوس ۔

کُلہ کوٗر انسانس دوٗرِ خارٕ پاٹھٕ تہٕ پننہٕ بیمارِ ہُنٛد یلاج پرٛژھن
انسانن ووٚن کُلس تہنٛزٕ بیمارِ ہُنٛد علاج ۔ تہٕ گُل گو یہ بوزتھ سخ حٲران ۔ زِ
تس چھہ سیٹھاہ خزانہٕ موٗلن منز ہیٚنہٕ آمُت ۔ کُلہ کوٗر انسانس سوال زِ شہ

گَڈِتھ تَن ہیم سَتھ خزانہٕ تہٕ تِہنٛدِ سٲری مُشکل گژھن حل۔ مگر انسانَن وونٛن گٔژھ زٕ بختن چھُ تَس ہمیشہ سِیتی آسُنک وعدٕ کوٚرمُت۔ لہاذا چھِہ تَس ہیم خزانہ بکار۔ یہ ووہ لہ بور پکہ ناوُن چھُ ہیا نٕ کھٲ تہٕ حماقت۔ بختن نزوو دوٗر روٗزِتھ اُمِس انسانہٕ سِنٛز بدبختی پیچھٕ یوٚہ سیٛہ تَس نال وٲلِتھ اُمِس ٹھٕٹھہ ٹھٕٹھہ کران اُسُن تہٕ انسان دژاو گرٕ کُن تیز تیز قدمو تہٕ ووٚہنی اوس تَس حرف اَکھ سٲئِلہٕ ہُنٛد سوال باقے روٚدمُت۔ شُتہٕ اوس بڈٕ بیتابی سان انسانَس پرٲن یِمہٕ وِزِ انسان سیٛہس نِش ووت سیٛہہ اوس بیٚپیہِ ہن کَرِ۔ ورنہٕ لاغر گومُت۔ تِمہٕ پرٛزِھ انسانَس۔ دوستاہ میون سوال چھُیہ سا یاد پے۔

انسانَن ووٚننس بڈٕ فخرٕ سان۔ اوٚ اوٚہ مےٚ چھُ چانِس سوالُک جواب اوٚنمُت۔

خبر کیاہ۔ سیٛہن پرٛزھ بڈٕ بےٚتابی سان۔

ژےٚ کیا سا ٲسی چھےٚ کلہ دادٕ بس کانٛسہ بیقل انسانہٕ سِنٛز مینگٕ (کاڈٕ بی) دوا۔ یوٚ تانی ژےٚ ہیم کاڈٕ بی کھیکھ۔ توٚ تانی کیا سا ژٕلی تہٕ ژےٚ کلہ دود۔

"کانٛسہ بیقلہٕ سِنٛدی کاڈٕ بی"

سیٛہہ گو گوٚہ تَن ہیوٚ زٕ بیقلہٕ سِنٛدی کاڈٕ بی کتہٕ بنَن قَس۔ گوٚہ دُنیتھ چھُنہٕ اَمہ وَرٕ کانٛہہ انساناہ پکان۔ دوٚیم بیقل۔ تَس گیہ بڈٕ فکرٕ ہِش اَگادٕ تہٕ اُتھو مشرٕ ہیوٚت انسانَن سیٛہس روٚخصت تہٕ ہیوٚتُن بٕرٕ وٕتھ کُن قدم دِیُن سیٛہس پیوٚ کیٛاہ تانی خیال۔ تمہٕ ووٚن انسانَس۔ ہے دوستا۔ ژےٚ کیاہ جلدی پیچھےٚ۔ گرٕ گرٕ کتہٕ کروٚ اَسی ملاقات۔ ووٚن خبراہ دُلیلا۔ ژٕ کیٛتھ پاٹھو تہٕ کوتاہ

سفر کرِتھ ووتھ نِش۔ انسان ہیوٚتھ سیٹھاہ نکھہ تہٕ اَمہِ پتہٕ باوُن تس سائرہے دپلیل۔ زِ تس کم مصیبت آسے پیٚنِس منز۔ تس تانی وآتنس یتھ وِزِ سیٹھن گاڈِ ہندِ قیمتی لارِ ڈپلیل بوزِ۔ تس آو اَمس انسانس پیٹھ سیٹھا حاَرتھ زِ کوتاہ بیقل چھُ یہِ اِنسان۔ یتھ اکھ موٚل لال ہنگہ تہٕ منگہ دِتہٕ نزوو۔ اَمہِ پتہٕ بوٚز سیٹھن تِمن سِتن خزانن ہنز دپلیل۔ یِم اُمہِ بدنصیب انسانن بےٚ وجہ ترٲوِتھ ژھنو۔ اَمہِ پتہٕ روٗدِ سیٹھاہ زٔدہ تہٕ اَمس انسانہ سِنِدِس بیقلِ آسنس پیٹھ شک تہٕ تس سپُد حل مُشکل۔ تمہِ سوٗنچ پانٕی پانس سِتی۔ اگر مےٚ کانٛہہ یلاج چھُ تہٕ سُہ چھُ یہِ بیقل انسان یتھ لُدی ہیتس بتس لَتھ چھِ ژھنو ہرتہٕ سہ گوبہ نجر پاکھٕ تھوٗد وتھت تہٕ اَمس انسانس پیٹھ ترٲوِن پیٚنِہ مزبوٗط جِھپہ۔ یُس تسند وٲحد یلاج اوس۔ انسانن کر یود پیٚنِہ رِکنو وار یاہ زور مگر سیٹھاہ سِنِدِ مزبوٗط پنجہ تلہٕ نیوٗ ہند موکہ لُن اوس سیٹھا ناممکن۔

●

راوی: غلام نبی شاکر سرینگر

# بگہٕ ڈُج

رٕہنہٕ وأرِس منٛز چھُہ اَکھ محلہٕ یَتھ بگہٕ ڈٕج چھِہ وَنان۔ وُہان پٕتھ
کالہٕ اُس اَتھ محلس منٛز اَکھ زُنیا اَکھ روزان یَمِس بگر ناو اوس۔ یہٕ اُس
پنٕنہٕ وقتچ یاوَن مُرثیأنی سیٹھاہ خوبصورت مأرٕ منٛز تہٕ شوٗبہٕ وٕنی۔ مگر بدقسمتی
سیٚتۍ کوٗرُس نہٕ ڈیکھہٕ لأنی پورہٕ سر کینٛہہ۔ پنٕنہٕ نفس مَنس موأفق سپدیوس نہٕ پنٕنۍ
بأتہٕ معہٕ یٚسر۔ یتھہٕ کٕنہٕ یہٕ سیٹھاہ بدکردار تہٕ فاحشہٕ بنے یہٕ۔ بگرٕ کہٕ سعہٕ روٗزنہٕ وانہٕ
پیشہٕ کماوان تہٕ عأشاعشرتھا کران۔ پیشہ کماوُن رُود اَمۍ سٕندِ زندگی ہُنٛد
شغُل۔ تہٕ اَتھ سیٚتۍ گیہٕ مُس روارٕ دارٕ بیٚلہٕ ذَق گو گُزران تہٕ بگرٕ ہٕندین جسمکس
نشاط باغس تہٕ ہیوٗت ہر دِکی واوَن پٕنُن اثر تراوُن۔ غرض اَکہٕ طرفہٕ ہیوٗت
بُجرن بگرٕ نزدیک یُن تہٕ بییہٕ طرفہٕ ہیوٗت اٮ۪ہنٛد یو خریدارو اَمِس نشہٕ دوٗر
سپدُن۔ گزارہٕ ہیوٗتُن وارٕ وارٕ کم گژھُن۔ یوٗنانی ساٗرے آمدنی ہیوٗتُن گژھِیہٕ
ختم۔ بگرٕ رُود نہٕ گزارا کینٛہہ تہٕ بدکار کٔرہٕ یِس تہٕ پونساہ تمہٕ کموٗ مُت اوس
تِتھ گوتی یتھ سوٗر سوارن تہٕ افسوٗس بیاوُن چھِہ وَنان۔ کاتھہ اُشناو یار

اَسہٕ نِکھہٕ تہٕ ...سارِ ہیٚ اُس دوٗن اُمس نیش یِنس گال گژھان۔ یار دد... مو
ژم یِیم اَکہٕ دوہ یہ بگہٕ ہٕنٛدِس اَکِس اَچھ ژٹہٕ دارِس دوہ ہُن ہٕنٛدی دوہ اُسو
داد راوان۔ تہٕ ہٕنٛد ہیٚنہٕ گژھن چھ رُوزنہٕ کینٛژھے۔ بلکہٕ ژم اُ... دوٗن بگہٕ ہٕمِنٛزن
ژ...یَن، تہٕ کھوژان۔ بگہٕ ہیٚتھن فاقہٕ اَگٕنو۔ سعہ لیٚیہ سیٚٹھا کمزور۔ آخرہ ہیٚوتُن
یٕنٛدہٕ کتھ... تہٕ یٕنٛدرِ موٗزوٗرِ ہیٚچھٹ ہیٚیہ چھُن دوہ دوہ کڈُن۔ اَمہ اَنِش تہٕ یٚیلہ
اُمس ... وقت گٔیہ سعہ ...تہٕ وارِیاہ۔ دوٗن چھُس ژٕ تریشہٕ قطرہٕ دِنہٕ خاطرٕ
تہٕ کاشہ ... بَرِھ ... یوان۔ اَتھ شرمِنٛدِ پہ سعہ یٕنہٕ زٕ ... حالس۔ یٕنہٕ جوا ...
ہٕنٛدِ ... یٚیلہ یاد اُمس یوان سیٚٹھا شرمِنٛد اُمہ گژھان۔ تہٕ یٕنہٕ نفس
...، منٛز اُسہ سوٗنچان زٕ کاشہ دزاوِنہٕ تیمو لوہ کہٕ چار کیوٗ تاپہٕ یاوٕ ونٛز وفادار
کاش لوہ کہٕ چارس منٛز آسہ ہیٚیم تہٕ ...سیٚتہٕ یارٕ زٕ کرہٕ ہُیُس یَتھ بے کٔسی
ہٕنٛدِس عالمس منٛز نہٕ بکار بیہ ہیٚیم۔ سیٚٹھا بچھتوون۔ سیٚٹھا ووٗدُن
تہٕ ...ن سیٚٹھا شرمِنٛد گٔیہ۔ کاشہ کوٗرُس نہٕ وفا تہٕ سوٗنچُن زٕ بُس ...
چھُہ میون اَکھ خدا بھگوان یُس میٚے یَتھ بیکسی منٛز بکار بیہ۔ سُہ چھُ
بخشن ہار۔ رحم کرن وول تہٕ معافی دِنہٕ وول بھگوان۔ غرض بگہٕ ہیٚوت دِل
فُٹِتھ بھگوانہٕ کرُن۔ تہٕ اَتھ سیٚتہٕ گٔیہ محو۔ سعہ اُس رات دوہ وودان
رٕوان تہٕ تیوٗت ... دِیہ کرات یوٗت زٕ کھیوٗن چیوٗن تہٕ بنیوس دیہ دی۔
تہٕ منٛگان اُسو پی زٕ بگوانہٕ مرتھ کرو زیم پرٕ ...نتی تہٕ ننگہٕ گژھس گژھو۔
دیان اَکھ وقتس منٛز اوس ہانکل گنٛڈس منٛز اَکھ سیٚٹھا ...

سیٹھا چیلہٕ۔ مرزٕ کاک، اَسی کھڑاوٕ بیٹھی اُکی ہے دوہ ہَس مَنز ہانگل گنڈٕ
نیرِتھ مٹن۔ مقام تہٕ شہر واتان۔ دوہ ہے اُکہ چھ مرزٕ کاک بێنین چیلن
منز مست بہتھ۔ تہٕ اُتی گیہٕ ہم ٹھوٚدو ٹھتت۔ چیلہٕ گیہٕ حیران۔ یہ کیاہ
ڈیپل چھُہ۔ تمو ووٚن مہاراکیا ڈیپل چھُہ۔ توٚہیہ کیازِ گوٚو بیتھ پانٹھو ٹھوٚد
وٕتھت۔ سوامی جیَن دِتُنک جواب۔ دٕیہ گرہا لوٚلھ۔ دٕیہ گرہا لوٚلھ۔ وٕتھوٚ
نیر وہا۔

اُمی وقتہٕ گیہٕ مرزٕ کاک بێنہو چیلہ ہیتھ سرینگر روانہٕ۔ واتِتھ رٕنہ
واٚرس منز تہٕ واتی تتھ جایہ یتیتہٕ بگر وُدٕہ وُد اُسن کران۔ مرزٕ کاکس پتہٕ پتہٕ
گیہٕ ساسہ بدٕ لوٚکھ بگرہند گرِ تہٕ سونچان اَسہ اُما مرزٕ کاک کیا چھُ ونان
زٕ دٕیہ گرِ ہا لوٚلھ۔ اَمیک مانہٕ کیاہ چھُہ۔

مرزٕ کاک یتیلہٕ لوکھ ہیتھ اوٚت ژایہ کیا چھ وچھان زِ بگر چھ
موٚہرٕ تہٕ چھ صرف شرانس دِبانس پژاران۔ مرزٕ کاکُن۔ دٕیہ گرٕہا لوٚلھ
وَنُن توٚرٕ ووہٕنی لوکن فِکرٕ۔ ہمسایہ بایہ اَنہٕ ناوِیکھ۔ بگرِ دٕیہ وُکھ شرانا دِباناہ
تہٕ مرزٕ کاکن کفنا وٕلتھ تیجُن بگر پانہٕ پیچھ بیٹھ تہٕ یتیتہٕ نس بگر زالنہٕ آیہ
تہٕ یتیتہٕ سوہ روزان اُمس تتھ شایہٕ چھ اَز بگہ ڈج وَنان۔

●

راوی: شام لعل سادھو

# شلتاکھ نوکر

دپان اُکِس شہرس منز اوس اَکھ خوجا اَکھ روزان، یُس
ساری سے شہرس اندر سیٹھا مالدار تہٕ پوٚشیہٕ دول مانہ اوس پوان۔ اُمس
خوجس اُسۍ گرس منز وارِیاہ نوکر چاکر تہٕ یِم سیٹھ کاشہ نوکرۍ ین پننۍ کامہ ہیٚن
جان تہٕ زبر پاٹھۍ کران۔ اَما یِمن تمام نوکرن منز اوس اَکھ نوکر حسیٚ
کھوتہٕ جادٕ وُژھل وال تہٕ چالاکِ زان۔ کاشہ اَکھاہ تہٕ وانہٕ ہیس
نہ ژھلن تہٕ ژھوپین۔ وَنِہ چھِ پوان زِ اُمِس اوس نیٚنژھس تیٚمِنتھ
ژونگ وَزان زِ پوٚشیہ منز پوٚشیہ اوس پُرزِ پاٹھۍ کڈان۔ تہٕ اُمیک
اوشس وَلنہٕ چشکہٕ ژامت۔ تِکیازِ خوجہ سِندِ گروک سورُے لوٚدولنگ
اوس یوٚہے نوکر چلاوان۔ اوہ معہ کھ اوس اُمِس پوٚشیہ منز پوٚشیہ
کڈنک جان موقہٕ میلان۔ مگر کانٛسہ تہٕ اُمس پہٕ کنِس کُن خبر روزان۔
لیکن ژوٗر گژھ ژوٗرے۔ کُنہٕ نتہٕ کُنہٕ دوہ ہہ چھِ تار گژھ پاٹھۍ ننۍ نیران۔

دپان وارِیاہ مدعاہ گژھ لوٚکُ اَکہ دوہ ہہ خوجس اُمہ کِتھ

ہُندِ پے زِ فلانی نوکر چھُ پوٗشہِ منٛز پوٗشہ کڈان تہٕ لوٗگ اٲمِ سِنٛدِ پٔتھ کرتوٗتَن

ہِنٛز سام ہیٚنۍ۔ اٲمِس نوکرس اوس یہِ دود شُنہٕ گومُت۔ یِیمہِ کینہٕ خوٗجہ

یہِ ڈُپِ زِ تہٕ پَسرِ کھوٗت۔ خوٗجہ لوٗگ سوچنہِ زِ یہِ نمک حرام کِہ طریقہٕ رٹُن

چنگس منٛز۔ سوچان سوچان آس خیالاہ تہٕ دوٗپُن ولِہ وۄنی کرس

کم بختس کانٛتی نوٗن۔ تہٕ اَکہ دۄہہ کوٗرنس پٔژ پاٹھۍ اکھ عجیب ڈھلا

اَکھ۔ یانٛی دوٗیمہِ دۄہہ صُبحٕچے اوٗنُن یہِ نوکر نادِتھ تہٕ دوٗپُن نَس زِ

تہٕ گژھ بافورَن بازر فلانی مۄہر گرِس نِش۔ تَس وَن "حسن" "ح س ن"

ناوٕچ مۄہر دِ گرِتھ۔ ہیٚپاری اوس خوٗجہ کلے ساری ہیے بازرس فیرِتھ

مۄہر بناوَن والین نِش ریٹ موٗلوم کرِتھ آمُت۔ یانے اَکس اَچھرن

اَکھ پوٗشہ اُجرت۔

"حسن" (ح س ن) اوس ترٛوٚ اَچھری ناو۔ اَمہ حسابہ دِتی

خوٗجن نوکرس صرف ترٛیہ پوٗشہ سیٚتھ۔ خوٗجہ سُند فرماش بوٗزِتھ دراو

نوکر بازرکُن تہٕ مۄہر بناوَن واٲلِس نِش کرِن ریٹ موٗلوم۔ ریٹ بوٗزِتھ

گو فِکرَن تہٕ لوٗگ سوچنہِ زِ اَز ترٛوٚ وۄنَس خوٗجہ صابَن سٔخ دۄہہ لابَس منٛز۔

اَکس وانَس پیٹھ بِہِتھ موٗرُن تمام گی دۄہا اَکھ مگر کینہہ چھُس تہٕ پلہ پیوان

ہیوان دِوان آس اَکھ خیالاہ اُکھ فورَن تہٕ دوٗپُن زِ توتہٕ تارِ خوٗجس

ہیٚنٛزِ دِمَس نوٗن۔ تَس چھا خبر زِ اٲمِس کرِ کانٛتی نوت۔ پٔتُن یہِ اکھ پوٗشہ

کڈس عنوٗرُوٗر۔ یہِ چھُ میٚنے حق حلال۔ اَتھ چھُنہٕ کانٛہہ تہٕ چارہ۔

آخر گو مۄہر گرِس نِش تہٕ دِیُتنَس فرماش زِ "حش" (ح ش

ناوِچ دُحرفی موہر بناوسہٕ دُستی۔ مگر پھیرِ تھاوِی زٕ یس میانِس واپَس

یِنس تام تراونے۔ موہرٕ بناوَن وول گو یہِ بوزِتھ حیران تہٕ

پرژھنس زِ یہِ چیش کیاہ سہٕ گو؟ نوکر اوس پورٕ تیپالہٕ ہُند چالاک تہٕ

حاضِر جواب۔ ووٚتھُس زِ ژٔہ چھیا پانٕسہ کھاونس سیٚتہٕ غرض کِنہٕ کیچہٕ پوٚتی

کڑنس سیٚتہٕ۔ موہر گوو ووٚتھُس۔ اَدسہٕ پگاہ یِژِ۔ چانی موہر آسہِ تیار۔

گٔرِ وانٕ تھِتھ ووٚتُھن خوشہٕ چھُس زِ پگاہ آسہِ موہر تیار۔ دوٚیِمہ دوہہٕ بیٚیلہِ تہٕ

نوکر موہرٕ گٔرِس نِش ووت تہٕ پھیرِ یوبغار ہیٚژنس موہر۔ بیٚچھِتھ موہر

وُچھنس۔ بٔڈ ہیٚٹِہ ووٚلتھ موہرٕ گٔرِس کُن۔ زِ وَن سہٕ میانِی کأتیاہ پھیر چھ

ژٕہ نِش؟ سہٕ ووٚتھُس درجواب۔ "شٕیہِ" یہِ ووٚتھُس یورٕ۔ اچھا

پانٕژھ پھیرِ گَنی ماف۔ صرف تراو تہٕ اَکھ پھیور دوٚیِمہ اَچھرِ چہٕ یِڈمنز

باگ۔ موہر گوو اوس دراصل مُڈ تہٕ بیوقوف۔ یَس اُمی سٕنٕز یہِ چالاکی حِکمہ

نِژٕنہٕ۔ تِتھ تراو پاشائُھتھ دوٚیِمہ حرفہٕ چہٕ یِڈمنز اَکھ پھیوٚر تہٕ موہرٕ

گٔرِن اُمِس حوالہ تہٕ موٚزوٚرِ ہِندِ کِ زِ پانٕسہٕ ژٕٹن میوٹھا کٔرِتھ۔

نوکر بیٚیلہٕ خوش چھُس نِش موہرٕ ہیٚتھ ووت۔ دوٚپنس یہِ حَس گیہ

موہرٕ تہٕ یہِ گوٚ اَکھ پانٕسہٕ پٔنُن حقِ حلال۔ اُمی سٕنٕز یہِ ژھوہمب تہٕ ذہانت

وُچھتھ گوٚ خوجہٕ سیٚٹھا پشیمان۔ تہٕ اُمی سٕنٕز وُژھل وأنی تہٕ چالاکی

کٔرِن تسلیم۔ دِیان آسہِ پتہٕ تھوٚو خوجن پٔنُن یہِ نوکر ییٚنہٕ جاندادُک۔ اَکھ

حِصہ دٔر بناوِتھ۔

[منظوم لُکہ کتھ]

# بَدخاہ کاو

دوہہ اکہ یاژ لاج ژرِ کاوَن
شاہنہ داوژ اوۄ یور کھیاوَن
اُلفتھ، شفقتھ ماے موہناوَن
رازِ دل پانہٕ واتی اکھ اکس باوَن
کینہہ کال گژھ سالس نیرن
باغن، کھیتن، سرنے پھیرن
جایہ اکس پیٹھ اُسی مژہ وانگن
تاونس ژاژ لاج کاو بدخاہَس
دوپ نس کھینہ چھی اکہ ساری
"کھیکھ نے ژاژ" ہوۄرے یاری
یدوۓ ساری کھیکھ دل داری
پیش کش تھاوۓ ژرِ باژ ساری

ژرٕ لُگ کھوٗژی کھوٗژی کھسنہٕ مرٕژ وانگن

اوٗڑ کھسِتھ وٲنجہ وہہ تس پیوٚ زٲن

دوٚپ نس کاوو باحتھ چھسنہٕ میأنی

نیایس لأج نس اژلیہِ لأنی

کاوَن دوٚپ نس وہ حتھ پدٕ مأنی

ماز چون کھسنہ پیٚے دِل ہیٚیے کریشانی

ژرٕ دوٚپ کاوس ہنتھ انھاوٗم

موتہٕ چہ نیٚندرے اد ژہے ساوٗم

دوٚپ نس کاوَن حکماہ کر ژہے

تامیٚل وِنی کر چھیم جأنی دژہے

ژرٕ دوٚپ تس اَد تونتھ چھے ناپاکھ

موہ کرہے سوہ کرہے تعبہٕ کھیوتھ ینہٕ زاکھ

گوہ ڈ کر کامہ یارِ بَل چھل تن

شوٗقہ سان ماز میون پتہٕ ژہے ٹکھ تن

آب پیوٚ حنوٗرُوٗرتھ چالاکھ کاوس

ڈوٗڈوا دِیتھ ووت بیٚہتھ ڈری یاوس

دوٚپ نس یارو ژوہ نژتھ چھیم ناپاکھ

تھوٗمبہ تار دم سأ دوہ کرہن پاکھ

چھل پتھے چھوٚکہِ تونتھ اَز نشادن

روہ پھہ زن بناؤتھ ژرِ اَدِ ہاوَن

تورِ تمہٕ ووٚن تَس کُنہِ اَن باناہ

لگ یو پأری وَنتہٕ یو ـــ باناہ

اَدِ ژِ آبِ سیتو بدٕ نیچ ہَن ہَن

چھَل تَن چھہ کھرتَن ہأری ہَن کرتن

وُڈوا ترأوِتھ نِش ووت کژالس

حال دِل پنُنے باوِ تس یارس

کرالہ بأے کرالو یأری یاہ کرتم

بند چھس گومُت اَکھ روٚٹ کرتم

بارٕ نیچ پے یم از سَنخ مجبوٗری

لگ یو دِم سأ کینژھا فوری

آبکے نیاے چھُم لگ یو پأری

شرطاہ تھوٚو نم ژرِ دِلدأری

کاوِ سِنز لأل بیٚلہِ بوٗز کژالہ یارَن

ژافاہ دِتھ ووٚنُس تمہٕ فنکارَن

بارٕ نیچ اُس تیا میٚے نِش کاتہہ کُنہ

ژرِ چہ ہٕنز ہٕشمٕ ژرا یتھے چھُم لُکھ

شیرِ تھ سو مبرِ تھ بیٚلہ دِیہ "ژرِ کھار"

خاہِ سان کرِ اَدِ بانہِ بَتھ بیٚنہِ تیار

وُڈوا نژاٗوِتھ گرٛتھ ووہتھ فوٗرٕن

ژرٕچہ ہتٕر شیرِتھ لیتھ میٚ نبٕش اٗن

کرالہ یاٗسے ہتٕر کیتھ بر ستر ماٗرٕنن

مطلب نیرِ منیچ وٕتھ ییی زاٗنِن

اُدٕ ووت توٚمت کرِ کھارس زاٗری

لیتھ شیر کرٛالہٕ ستٕر لگ یو پاٗری

ہیمہ ہٕس کتٕر وُتٕر بانا بناٗوِتھ

تھاوٕہٕن ژرٕ اٗز واللہ یاٗدِتھ

کھارٕن ووٚن تٕسی ژھیتہٕ چھُم اٗزوان

کتٕر اٗن تیوٗ نگلاہ ووہتھ سہ کیتھ مان

ہیکہ اُدٕ شیرِتھ کرٛالہٕ شُند اوزار

دیوٕ فیرِ شوقس چاٗنِس لوٕکھپار

کاوٕن گام کتٕ نارٕ ہیٚوکھ رَو ژرٛوو

حالِ دِل ییٚیتہٕ تمیٚ بچہ ماجہٕ نش بوو

تمہ وِزِ بچہ ماجہ نار اوس ژول مُت

ژوٚٹ چاے بتہٕ سیٚین گگر بیہتھ وولمُت

کاوٕن بچہ ووٚن دِکھنا تیوٗ نگلاہ

کیتھ چھِنہٕ بوزاٗن "ژرٕ کھارٕ" اصلا

کھارٕ وان ناوٕن چھُم "ژرٕ کھارس"

دیہ اُدٕ شیرِتھ لیتھ کرٛالہ یارس

بُچھ ووٚن کاوس کیتھ پأٹھۍ رنِکھ نار
آیہٕ تن پچھے ژیہِ میونے گرٕ بار

نارٕ معہ کہھ گوٚ بروٚ کُنہٕ ان بانا
یِمہ سیتھ کھار چون پہ چمکاوِ وانا

بُچھ ماجہ ہشِرَ کیتھ بیٚلہ بوٗز کاوَن
نال ووٚل اَدٕ فکرِ ہشدی الاوَن

کاو اوس تمہ ساتہٕ زٕر ماز ڈیشان
گوٗمت یمہ رِنز اوس، سَخ پریشان

وُچھنے داپچھنہ یکھ دارِ نارِس
کوٗنہ وُنہٕ یُس تس نیٖن اوس کھارس

کھارٕ وان کُن یام رو ژٕدو کاوَن
گیرٕ سخ ترووِنس نارٕ کی ہلاوَن

کوٗنہ اوس کھارٕ وان واتہٕ نے بدخاہ
نارَن زا اُلِتھ ژٕوو سُے بد راہ

بد خأہی سیتھ سوٗر گوٚ کاوس
اَدٕ وُزِھ تُھف ژٕر بنِیہ دُرہ یاوس

ٹاٹھیو جگرو وارٕ گژھ بوزُن
بدخأہی نشہ دوٗر گژھ روزُن



راوی: نشاط انصاری دلنہ

# خودا کیا چھُ کران

دپان یِم اَسی نٕ دوس۔ دوہ ہِہ اَکہ وٲتی تِم اَکِس شہرس مَنز
تتہٕ وُچھکھ دربارٕس پیٹھ لگہٕ عرسا تھا جماہ۔ تِمو پرٛژھ تتہٕ اَکِس شخصس
ہُہنتہ جایہِ کیاز چھِ ییتھ لکھ جماہ گٲمتۍ۔ تِمۍ وونُکھ یہ اوس یِیٚتیک بادشاہ
موٗمُت۔ پتہٕ کوٚر بادشاہ بایہٕ اعلان۔ یَس بہ کُنہ نگہٕ ٹوٗر پھرِتھ ژھٕنہ سُے
بنہِ بادشاہ۔ لہازا چھِ تۄے شہرکۍ امیر وزیر جماہ گٲمتۍ۔ تِنہٕ وُچھنی کَس
قسمتہ وٲلس ژھٕنہِ سعہ کُنہ نگہٕ ٹوٗر رِفرِتھ۔ یُوتُے وُنِتھ ڈراو سُہ۔

دوستو دوہ یُو دوٚپ۔ اَسی تہِ گژھو تماشہ وُچھنہِ۔ وُنہ لگی نِم پانہٕ
داٲنی مسخرٕ کرَنہٕ۔ اَکھ دوس ووٚنتھ بیٚیس کُنٕ۔ اگر مےٚ کُنہ نگہ ٹوٗر فرِتھ ژھٕنہٕ
ہے تہٕ بہٕ بنہٕ ہا بادشاہ بہٕ واتناوہا لوکن سیٹھا فایدٕ۔ بیاکھ ووٚتھُس۔ اگر
بہٕ بنہِ ہا بادشاہ۔ بہٕ ما رٕہا ہَن روزانہ اَکھ اَکھ انسان یِمے ژُٹنہٕ کران وٲتی
تِم دربارٕس پیٹھ۔ بادشاہ بایے چھِ تتہٕ کُنہ نگہ ٹوٗر ہیتھ اَتھس مَنز وُنی زاوان
زِ کَس ژھٕنہِ رِفرِتھ۔ تِم دوس زِ بیٚلہ مجلسہ مَنز ژٲیہ۔ بادشاہ بایہٕ یِیِتھ

ہتمن کرِن نظر۔ سہ وُنُن ہکہ ساں تہٕ ژھنٕن تمیٚ سے شخصس کوٚ نگہ ٹوٗر، فرقہ بجو
دیپیوو۔ بادشاہ بنیتھ ژھنٕن روزانہ اَکھ اَکھ اِنسان مارِتھ۔ ہرحال آیہٕ
تس تاج پوشی کرنہٕ۔ بشانِ جم ہیٚنز تموٚ بادشاہی کرٕز۔ کینژہہ دوہ گژھتھ
کوڈ تموٚ آرڈر روزانہ گژھہ سےٚ نش اَکھ اَکھ انسان سوزُن۔ لوکن لوگ ہٕ
چارٕ کینژہہ حکم مانہٕ نس۔ دِپان حکم حاکم تہٕ مرگ مفاجات۔ ییٚنۍ انسان چھ
بادشاہس نش گژھان۔ سُہ چھ دِپان وُنسہٕ خوداکیا چھ کران۔ ییٚس ہٕ جواب
دِیس۔ تس چھ نوان گردن ژلہتھ۔ یِوتام ییتھےٚ پاٹھۍ اَنتھ رِٹس قتل کرُن
دِپان دوہ اَکہ اَمسی تتھو شہرس منز اَکس جایہ گبہ رائچھ لُکھ رَچھ لُٹھس گِندان
اَکس گرس منز دوٚ بٕتھ دِچھان دِچھان وُدِکھ ہیٚے۔ گبہ رائچھو تہٕ بوز وُنُن
تمہٕ منز اوس اَکھ کوتاہ سیٹھا چالاکھ۔ تموٚ دوٚپ پننہٕ نین باجن تیٚہ ہاکھرو۔ بہٕ
ییمہ وِچھتھ ہُم گژھہٕ دالی کیا زُلگو وُدِنہٕ۔ سُہ ییلہٕ تتھ گرس منز ژاو تتہ پرژھن
اَکس نفرس۔ ییم کتھ سہ بیٹھ چھ وُدان۔ بُڈن دوٚپس گژھہ باپانس ترےٚ
کیاہ یمن کتھن عسیتو۔ گبہ رائچھو کوٚرُس زاہ یار۔ تو تہٕ وُنتہٕ بیٹھو بیٹھی۔
تموٚ دوٚپس۔ یوہ تہ۔ ییٚتکو بادشاہن چھ لوکن سوال ترٕو مُت خوداکیا چھ کران۔
ییٚکس ہٕ جواب ہیٚکس نہٕ تس چھ قتل کران دار یتھ گرس نفر سوز نیچ واوہ
توے چھ ییم بچار وُدان۔ گبہ رائچھ پرژھس تو کُس ہوس نفرس چھ گژھن
بُڈن ہووُس سُہ نفر اَندر سیتو۔ گبہ رائچھو تس نش تہٕ ووٚنس۔ ہے
بابا تُہ مہ بَرِ غم۔ تہٕ گژھہ بادشاہس نش۔ ییلہٕ ترییہٕ پریژھی خوداکیا چھ کران
چون یہٕ تس دُنُن یہٕ کُش تیٚوت مُشکل سوال چھ۔ اَمیک جواب ہیٚکہٕ سون

موموٗلی گٕبہ روچھ دٕنتھ۔ شہ نفر چھُ بادشاہس نِش گژھان۔ تتہٕ ییلہ
بادشاہن پرٛژھس۔ وَن خدا کیا چھُ کران۔ تمہٕ ووٚنُس بادشاہَس یہ کیٛاہ
تیٛوٗت مشکل سوال چھُ۔ اَتھ ہیٚکہ سون موموٗم گٕبہ روچھ تہٕ جواب دِتھ تہٕ
دِیو بادشاہن اجازتھ بہٕ دِموٗنہٕ شہ گٕبہ روچھ اَنتھ۔ بادشاہ گو حٲرتَن۔ تہٕ
دوٚپنس۔ تَلیا گژھ اَنُن کُس چھُ یُتھ تُرکھ۔ شہ آو پنٕنہ زوٗلرٕ دوران دورا
تہٕ وٲت گٕبہ راژھس نِش۔ دوٚپنس باپا۔ وَلہٕ یکھ دِ کیٛاہ جواب دِکھ دوہ
بادشاہس۔ گٕبہ روچھ تَس سیٚتی گژھان تہٕ چھُ بادشاہس برونٛہہ کنہٕ
اِستادٕ سپدان۔ بادشاہن پرٛژھس۔ ژٕے چھکھ شہ یُس میانہٕ سوالُک
جواب دِیہ۔ گٕبہ راژھ ووٚنس۔ اَدٕ جناب بے چھس۔ بادشاہ چھس پرٛژھان
وَنسا خدا کیا چھُ کران۔ گٕبہ راژھ ووٚنُس۔ بادشاہ عالم تہٕ وٕسو
گوڈٕ تخت پیٛٹھ بوٚن۔ اَدٕ وَنہٕ بہٕ سوالُک جواب۔ بادشاہ وۄتھ تخت پیٛٹھ۔
گٕبہ راژھ ووٚنس۔ بادشاہَم تاج تہٕ وٲلو کلہٕ پیٛٹھ۔ گٕبہ راژھ تُل تاج تہٕ
تھوٗون پننس کلس پیٛٹھ تہٕ بیٛوٗٹھ تختس پیٛٹھ کھسِتھ۔ بادشاہ چھُس
وَنان۔ اَدٕ سا تہٕ وَن ووٚنی۔ خدا کیا چھُ کران۔ گٕبہ راژھ دِتُس جواب
خدا چھُ یی کران زِ تِمٕ ووٚلنکھ تخت پیٛٹھ تہٕ بہٕ کھولنس۔ بادشاہ چھُ گٕبہ
راژھ شُشُد جواب بوزان تہٕ ژلان۔

●

راوی: عبدالرشید ارشاد سرینگر

# تاجرٕ تہٕ گاڈٕ ہانٛز

دۄیان پہٕ اوس اکھ تاجرا سُہ اوس لچھہٕ بدٕس روپیس کارٕ بار
کران۔ اکہ وقتا ووت تس فرٕی ژور۔ ژامٕنگس تیال تراونس یوت تھوو ہس
نہٕ کینٛہہ۔ نوبت واتژ اوٚت بیچھ۔ سُہ دراو نیچھنہٕ۔ واتان واتان ووت اکِس
جایہ یتہٕ وُچھن گٔلس تل اکھ شخصا بیہتھ۔ ستہٕ بیوٚٹھ تس شخصس نِشس
تھک کڈنہٕ۔ دٔپہ دِتھ چھس وَنان۔ دوستاہ ژٕ کینیک چھک۔ ژٕ کیتاہ کاٗم
کارا چھک کران۔ سُہ ووتھس بڈِتھ تہٕ بوٗلِتھ۔ بہٕ کوتاہ وَنے تہٕ کوتاہ
بوزکھ۔ تاجرن ووٚنس پرواے چھُنہٕ کینٛہہ ژٕ گژھ وَنان۔ تمہٕ شخصن
ووٚنس۔ بابا بہٕ چھُس فلانٛی جایہ ہُند ہانٛز۔ بہٕ اوسُس گاڈٕ رٕ کینہٕ کینہٕ یڈ
پالان۔ بٔتھس بیچھ آسم ژھیپہٕ پہرٕ ۂس۔ تتھ منز اوسُس روزان۔
دوہہ اکہ اوسُس گاڈٕ رٹان۔ ہینگہٕ منگہ گو آبس منز زال بند پینٛژ
رکنہٕ کرے ییم سیٹھا کوشش زال مود کلنا۔ مگر سُہ مود کلیو نہٕ کینٛہہ۔ آخر
ووتھس آبس منز ژھانڈ دِوان دِوان وُچھم حوٚندوٗق۔ تمہٕ کِس قلفس

وُچھِم زال بند گومُت۔ ہیٚے کرے یہ سیٚہٹا جستہٕ خاژ زال مےٚ کلاونُس
مگر آبہٕ منٛز ہیٚوکمُ نہٕ مےٚ کلاوِتھ۔ پتہٕ تُلمُ صوٚندوٗق تہٕ کھولمُ ناوِ منٛز۔
توٚت کھاٲلِتھ مُژ رووُم زال تہٕ ہیٚوتمُ صوٚندوٗق مُژرُن۔ تمہِ منٛز گیٚم
آواز یِتھ جایہِ میٚ تُل میٚے پرٛہٕ ژھس مارکس منٛز۔ بٔہ کیٚہ کُنہٕ خلوکھ جایہِ
بہٕ گوس آواز بوٗزِتھ سیٚہٹا حاٲرتن۔ مےٚ خصر تُلمُ صوٚندوٗق کلُس پیٚھٹہٕ تہٕ
چھُس ڈٔری یاوٕ بٔھٹھ بٔھٹھ پکان۔ وَتہٕ وُچھم اکُس جایہِ گاڈ تہٕ سَرُف لڑاٲکر
کران۔ صوٚندوقہٕ منٛز گیٚم بیٚییہ آواز یِمَن دِ ژھین کرٕتھ، یِم ہینے کُنہٕ
دوہہٕ بکار۔ بہٕ گوس ڈٔلی ڈٔلی تہٕ مےٚ کلاوِم تہم سَرُف تہٕ گاڈ۔ بہٕ چھس
وَتہٕ پکان تہٕ سوٗنچان۔ بہتر چھُم پننی ژھیبہٕ بہار منٛز گژھُن۔ لہٰذا گوس
توٲری۔ توٚت وٲتِتھ تُلمُ صوٚندوٗقس ڈھان۔ تمہِ منٛز دٕرایہِ حسین خوتوٗنا۔
تَس اُس تتھٕ شکل یِتھ آسِہے نہٕ تہٕ برونٛہہ کُنُ بوٗزِنہٕ۔ سوٗ وُچھِتھ گوس
خوش تہٕ فکرِ تہٕ لجم پانہٕ یہٕ کتہٕ روزِ یِتھ پھکہ بہار منٛز۔ بہٕ گوس اٹھو سوٗنچس
سیٚہتو۔ تمہِ دوٚپہِم غمٕ تَن کیازِ گوکھ۔ خُدا کرِ سہلے۔ گژھ کترِ کھنٛڈ ان۔
میٚے دِژ مس کترِ ہنا اُنِتھ۔ تمہِ دِژ تتھ قلمہٕ سیٚتو ریکھ جوراہ۔ دوٚپہِم گژھ
یہٕ ژراوُن تتھی جایہِ آبس منٛز ییٚتہٕ بہٕ لٔب تھٔوس۔ مگر کترِ آبس ژراوِتھ تتھٕنہٕ
تتین ٹھہرِ کھ۔ میٚے تیٚژ کترِ نہٕ آمس تتھی جایہِ ژراوِتھ۔ ییٚلہِ واپس پننہٕ جایہِ
ووتُس۔ تتہٕ نہ چھُس وُچھان سےٚ ژھیبہٕ بہار تہٕ نہ سُہ ژھوٚٹہ کارخانہٕ۔
ادٕ لیا بڈِ بوٚڈے بنٛگلاہ۔ بازراہ نوکر چاکر ہیٚر بوٗن تہٕ بعضہٕ ہیٚور کران۔ تہٕ
چھُس افسوٗس کران۔ پانہٕ پننی جایے تہٕ راوٕہے۔ یہی سوٗنچان سوٗنچانی

ووت میٚتے برو نِہکُن شخصا۔ دپان چھُم تمہٕ سہ حَقص چھُہ آنہٕ باسے بُلاوان۔ شو ٹھس وُزِہ۔ تھُمنھ اُسے۔ دوٚپُم خبر کیٛاہ اَتھٕ ما گھو تُم تھس۔ بہر حال کوٚرُم دِل دوٚر تہٕ کھوٚتس بنگلس پیٚٹھ تس شخصس سیٚتۍ۔ تَمہٕ چھُس دُچھان سہ خوتوٗن سہ تہٕ بیٚنِہِس تختس پیٚٹھ بِہِتھ۔ دپان چھم بہٕ چھیٚائی یہ سورُے مال دولت ہیٚتھ۔ بہٕ گوس سیٚٹھا خوش۔ تمہٕ درتن سوٗزِم ہنگہ منگہٕ پیٚرِہ یا ہِش زنانا۔ بیٚنِہ آسِتھ روٗس مال تہٕ دولت۔

خوتوٗن اُس سیٚٹھا ماری مَنٛز۔ واتان واتان واتِھ تھٕند جِسنیچ
شعہر لِکھ بادشاہَس نام۔ دوٚپہس فلأنی ہاتِرس چھ زنانہٕ ترٛتھ اَخنا بَس
چھامُل نِژس کیٛاہ آسہ۔ لوکو ووٚنُس بادشاہس سہ گرِتھ تمہٕ سہ داسے آسیٚ۔ بادشاہَن ییٚلہ یِم تأریف بوٗزِ۔ تَمہِ سوٗز مِٚتے ناد۔ ییٚلہ بہٕ تَس نِش دوٚتس۔ دوٚپہم۔ ہاتِرا پنٛنِہ زنانہٕ دِن بامِٚتے وانہٕ تِہ خاطرِ سہ ووٚنُس بادشاہَس۔ بہٕ دِمہ پننُن کلہٕ مگر سہ دِمَن نہٕ کینٛہہ۔ یہٕ بوٗزِتھ ہیٚچ نہٕ بادشاہَن بیٚنِہ کانٛہہ کتھ وَنِتھ۔

دوہا چھ بنان بادشاہ تہٕ وزیر چھ ناوِ سال کران۔ بادشاہَن تہٕ وو ناوِ مَنٛزِ آبس مَنٛز اَچھ۔ تہٕ تَس بیٚنِہ واتج آبس مَنٛز۔ سہ لوگ افسوس کرُنہٕ۔ وزیرَن دوٚپُس۔ بادشاہ عالم۔ غم چھُنہ کینٛہہ۔ از لوگ سہ ہاتِرزالِہٕ۔ تَس دِیو واتج اَن لیٚتھ۔ اگر نہ اَنکھ تیٚلہِ چھُے سزا کھیوٚن۔ بادشاہس سہ کتھ لَیہ۔ اُسو کروٚن بند تہٕ زنانہٕ رنموس۔ لہٰذا اوٚنہس سہ بلاوِتھ دوٚپہم اگر واتج تمِن دوہَن مَنٛز اَنِتھ تھاوِتھ تہٕ گو جان۔ اگر نہ تیٚلہِ چھُے

جیل گژھن۔ او پتہٕ گوس گرِ تہٕ چھُس مویس پأٹھی بہتھ۔ خوتوٕنہ دوٚہم
غم کیاز چھکھ بران۔ یہ چھ مومولی کتھ۔ صرف دِتم کیتر ہنا اُنتھ۔ میہ درٕہن
کیتر برونہہ اُنتھ۔ تمہ دژہن رٕکھا۔ تہٕ دوٚہم گژھ یہ ترأون دٔری یاوس
ہنز پانہ روزٕ تتھ سیٹھے از پیہ سہ گاڈ درکار۔ بہٕ گوس کیتر تراؤم دٔری یاوس
تہٕ پانہٕ چھُس ووہ دنہ وتہ دنہ دُچھان۔ گاڈ دأیٕ زٕ میہ برونہہ کنۍ اُمسس ہنز
واُ جا ہیتھ۔ میہ رٕٹ واگج تہٕ چھُس وتہٕ تُلان پادشاہس نش
گژھان۔ بادشاہن ییلہ یہ ہنز واگج دُچھ تمۍ کوٚر میہ شاباش۔ بییہ دِتنم
بیناسہٕ۔ بہٕ آس خوشی سان گرِ واپس۔

بیاکھ دوہ چھُ بنان۔ یتھے بادشاہ تشند نیچو تہٕ وزیر چھ دریاوٕ
سال کران۔ آبہٕ ہنز کھوٚت سرُف تمۍ دژ بادشاہ سندس نیچوِس ٹھہ۔ بادشاہن
کرنا ویس سیٹھا بلاج مگر تس سُید نہ کارگر۔ آخرس چھُس وزیر بد بخت
بییہ میون دُنان۔ فلأنی ہأنز زٔڈ ووٚن۔ اگر شہزادس بلاج کوٚرُن تہٕ گوٚ
جان اگر نہٕ اکہ ٹھوون سہ پانہٕ جیل بییہ نموس زنانہٕ۔ موہ خصر اوٚنہس بہٕ
بلاوِتھ تہٕ دوٚہم چانہ دٔری یاوٕ ہنز دتہٕ سرفن شہزادس ٹھہ بچھ۔ اگر زٕ آمس
بلاج کرکھ تہٕ گو جان۔ اگر نہٕ جیلہ پیٹھے گلکن۔ بہٕ گوس گرِ تہٕ دوٚہم خوتوٕنہ
تمہ دوٚہم تُنگتھ چھکھ غم کھیوان۔ چھم گیہ لہ کچھ کتھ۔ گژھ یہ کیتر تراو
دٔری یاوس ہنز۔ تتہٕ کھیسہ ہنز ہن۔ مٔہ زہن پانس سیتی شہزادس نش۔ سہ
کدِ تس زہر واپس تہٕ ستہٕ ہر اپرٕ گژھ ٹھیک۔ اوتر آبہ گاڈ بکار۔ از پیہ

سَرَف ۔ بہٕ گوس تہٕ ترٛاوُم کیتھ دریا یادَس منٛز۔ تتہٕ کھوٚت سَرَف ۔ بہٕ چھُس بوٗتھہ
برعہ ثمہ پکان تہٕ سُہ پتہٕ پتہٕ ۔ تہٕ وٲتی شہزادَس نِش ۔ سرفَن کوٚڈ شہزادس زہر
واپس تہٕ سُہ گوٚ ٹھیک ۔ پادشاہَس گوس بہٕ تیوٗت نٹوٹھ زِ سُہ چھُنہٕ میٚے گرِسے
دِوان گژھنہٕ ۔ تَس ہُنٛد باقے اہر وزیر ۔ یہ سہٕ کانٛہہ کتھا تَس چھ آسان سُہ
چھُنہٕ میانہٕ مشورٕ بغٲر کرانے ۔ یوٗتام میٚے ہفتہ بدٕ تتھ چھ گژھان ۔ دوہ بہٕ اکہ
آو میٚے گروک خیال تہٕ بہٕ گوس گرٕ ۔ تتہٕ وُچھم سوٕ خوتوٗن بیمار گمژ ۔ میٚے پرٛژھس
خبر اُتر ۔ تمہ دوٚپم ۔ میٚے گژھہ تریش ۔ میٚے دِژ تَس تریش اَنِتھ ۔ دوٚپنم ۔ نہ
بہٕ تریش گژھم نہٕ ۔ میٚے دوٚپمس اَدٕ کوہ سہٕ ۔ دوٚپُن ۔ سوٕ سے تریش سُے آب
ییٚتہٕ بہٕ کھاہ تھس ۔ میٚے دوٚپُس ۔ اچھا ٹھہر کہٕ بہٕ دِمے اَنِتھ ۔ دوٚپنم نہٕ
بہٕ چیمہ پانے ۔ میٚے نہٕ توٗرِ تتھ صوٚندوقس منٛز ۔ میٚے مونُس نہٕ کینٛہہ ۔ بہٕ
ووٚتھس تہٕ گوس بادشاہَس نِش ۔ یوٗتام ییٚتہٕ کینٛہہ رِہتھ گُذریہٕ ۔ اَدٕ
پتہٕ گوس ییٚتہٕ گرٕ ۔ تتہٕ وُچھم سوٕ زیادے لاغر گمژ تہٕ چھم وَنان ۔ تریشاہ
چاوتم ۔ دُزٕ س ننم جل ۔ میٚے ذوٗرنہٕ بہٕ ۔ بہٕ ووٚتھس گوس ییٚتہٕ پادشاہس
نِش ۔ واریاہ کال گُذرِتھ چھ میٚے خوتوٗن بیوان یاد ۔ بہٕ چھُس گرٕ گژھان
تتہٕ چھُسن وُچھان سوٕ خوتوٗن ۔ پنہٕ پنہٕ گمژ ۔ تَس نہٕ کینٛہہ بترٕ سے روٗد مُت
صرف شہٕہے یوت کرنٛز س منٛز ۔ لوسمژ زیو چھم وَنان ۔ تریشاہ چاوتم ۔ میٚے
سوٗنچ پانس سیتی ۔ ییم گیہ دوہ نی ناحقہٕ پاپ ہیٚنٛو ۔ یہ چھ خبر کتھ بزرٕس
پژادان ۔ میٚے تیج تتھ صوٚندوقس منٛز ۔ پتھ منٛز اَنی ہزاہ سم ۔ واتناوُم تتھ
جایہ ییٚتہٕ کھاہ ہرشاہ سم ۔ میٚے روٚٹ آبس پیٹھ صوٚندوق ہٹان تلیتھ ہیٚرِ ژم

ترٛیش چاوِنۍ۔ تتھ لٔج ٹیٖہہ گلَن ہِشمہٕ تہٕ آو آبس منٛز لگاونہٕ۔ بہٕ ووٚتھُس آبَس منٛز وُلوٗئلی تہٕ چھُس ژھانڈان۔ سوٗ کتہٕ پیٖیہ ہے اٚتھۍ۔ زَن بنیہ مُلکوٚ ووٚتھُس گوٚس گرٕ۔ تتہٕ چھُس وُچھان بیٚیہ سوٗ سے ژھیٖیہ پہرٕ ہیٚز۔ نہ گٔنہٕ شہ بنگلہ نہ کُنہٕ شہ حشمتھ۔ سوٗر سأئلن افسوٗس پیاوٗن۔

•

راوی: عبدالرشید ارشاد سرینگر

---

# کأشرِ لُکہٕ بأتھ

ترتیب حِصہ اول

موتی لال ساقی • ناجی مُنوٚر

صفحات ۳۴۵ • موٗل ۰۹۔۵ روٗپیہ

ترتیب حِصہ دوم

موتی لال ساقی

صفحات ۲۴۴ • موٗل ۱۳۔۵ روٗپیہ

# جن تہٕ فاطہٕ

دپان یہ اُس زنانا اکھ۔ سوٚ اُس سیٹھا منحوٗس۔ دپان فی ریتہٕ
اُس سوٚ اکھ اکھ روٗن کران۔ نکیاز خاندر کرٕ کرٕ تھےٚ اُس تس وۄنہٕ شُزر
لاگان۔ زٕسہٕ اوس تس پتہٕ ترأوِتھےٚ ژٕلان۔ اکھ دۄہ ہا بنیوو شخصا آو
تہٕ دوٚپُن بہٕ کرٕ تس سیتھ خاندر۔ حقوٗ ہمسایو تیٚنٛد پوٚ وَنیوس یہ چھ لکاٹھ
تمیٚ دوٚپُکھ بہٕ کڈس سورُے مُشرٕ وَژرٕ۔ بہر حال کوٚرُن خاندر۔ کینٛہہ دوٚہ ہیے
چھ گژھان۔ تمہٕ بیٚیلہِ بُتھ ہوٗس۔ سہٕ ژٕول راتھ کیٚنٛھ۔ دوٚپُن پانہٕ دۄن
گوٚژھمنہٕ کانٛہہ وُچھُن۔ تہٕ سہٕ ووت ژٕلان ژٕلان دوٗر اَکِس جایہ تہٕ بیوٗٹھ
اَکِس گُلِس تَل۔ کینٛہہ کال گوٚ اپارٕ آو بیاکھ شخصا۔ تمہٕ بیٚیلہِ یہ شخص وُچھ
گُلِس تَل موٗیِس پاٹھۍ بیٹھتھ۔ سُہ تہٕ بیوٗٹھ نکھہٕ تل اور پچھ یوٚرٕ پچھ کتھ
کران کران لگو تِم اکھ اکِس حال پرژھنہٕ۔ گوڈٕ نیٚکو شخصن دوٚپُس یہ چھ
سراب ناو۔ فلأنی جایہ ہنٛد چھُس روزن وول۔ کیٛاہ وَنےٚ بُنتھ آم خاندر کرُوم
اَکِس بٔڑ زنہٕ سیتھ۔ یوٚہ سیٹھا مردوٗد چھ۔ حقو ہمسایو وَنیوم تسنٛد

کارنامہ مگر ہیٚتھ ہاٲوِکھ ہم ہستی۔ ؤنہٕ گوٚو بۄ خاندر کٔرِتھ میٚتِس رٲچھ تہٕ زٕ تالہٕ گگو
ٲدٕ بٔتھ ودنوونس۔ ووٚنی ژوٚلُس تٔمِس گرٕ منٛز راتھ کیٚتھۍ تہٕ ٹھک کوٚڑُم ییٚتین
برابر۔ بَتھر چھم سعہ ما آسہٕ پیٚتۍ دوان۔ تٔمۍ دوٚپُس۔ بابا بہ چھُس جِن۔ ہیٚتۍ تہٕ
چھُہ تٔمِہ بَنۍ روومُت۔ میٚتہٕ کریو تٔس سیٚتۍ خاندر۔ بٔتہٕ ووتُس ژٕلان ژٕلان
ییتھ مُلکس میٚتہٕ چھُہ دِل راوان۔ کُنہٕ گٔژھ ہم نہ رٕٹِنۍ۔ کیٚاہ وَنۍ تنہٕ پیٚٹھ چھُم
نہٕ ییٚمہٕ جایہٕ ورأے کُنہٕ تہٕ پٔود پَتھر ٹھووٚمُت۔ دیان چھُس خبر ہُشیارۍ بیاکٔرۍ
بیہ تَن پٔتہٕ ژراوِنہٕ تٔس کو ہٹِس وُمبرٕ اورٕ یور۔ اگر میون بوزکھ دٔلہٕ یکہٕ وَٹہٕ یکو
دانہو چھُ ووٚنمُت۔ اکھ تہٕ اکھ گیہ کاہ۔ سرابن دوٚپُس چون وُفن چھُہ پوز
آخر گوٚو ژھٕ ییٚنہٕ گذارٕ تہٕ بنُن۔ رِزقہٕ بغأر مانچے پہٕ۔ جِنن دوٚپُس۔ بابا بہٕ چھُس
جِن اُسی پَتھے بہٕ آسہٕ لُکن سیٚتۍ ژوٚوان۔ یُس رٕٹان آسن تٔو تام ژراون نٔرِ تام
نہٕ ژٕ آسکھ پوان۔ لہٰذا ژٕ لاگ درویش۔ کینٛژن دوہن ہیٚنۍ منٛز کرتھ بہٕ
نامور۔ اَمہٕ سیٚتۍ چلہٕ چون گذارٕ تہٕ میون تہٕ۔ یوٚہیٚے مشورٕ کٔرِتھ وۄتھۍ تہٕ
دٔرایہٕ۔ بُتھِس پیٚٹھ بسمہ تیاہ آیکھ ژایہٕ اُلتھۍ منٛز۔ جِن کھوٚت اکِس گرِس
تہٕ رٕٹنکھ نوش۔ سعہ نُغ چھُو چھُہ کیٚتری کرنہٕ۔ اور کُن یور ونِنہٕ۔ امان چھُہ بیمارٕن
فقیرن مگر تِمن چھُنہٕ کینٛہہ چلان۔ تِمو دوٚپ تِمہ ولِہٕ جِن چھُ۔ آخر ووٚنکھ گٔمُو
تام فلانۍ جایہ چھُہ گٔمِس تَل درویشا۔ تٔس چھُہ دیان سراب صاحب۔ اُنیوٚن نا
ہیٚوے دِیو تٔشند نیرِ۔ تِم گیہ تہٕ اوٚنکھ زارٕ پارٕ کٔرِتھ۔ ییٚتھۍ تِمۍ ہیر پاٹھہٕ آس
پیٚٹھ کھٕو ترو و جِنن کرٕ مکانس گنۍ لارُن۔ یوٚتام درویش کمرس منٛز ووت
تِم کٔر ژٕ نہ لُٹہ مکانس لارنہٕ۔ گرو الین تہٕ تُوٚرٕ فکر نسأم درویش چھُہ کیاہ ہنام

کھالے۔ یِتھِ پَتہٕ درویشَن نوشہٕ نِشہٕ کھیرٕ اکھ ڈٲڈِ تہٕ دوٚپنَس۔ یہِ کھنا تٕہۍ اَصالتَن

جِنَن دوٚپُس۔ ووہ زٕ ٹمہٕ حضن کروم کینژھہ۔ بہٕ ژاس پانئے۔ درویشَن دیُت

نوشہٕ پھِم کھا۔ سہ گیہ تریٖشے یژھ اَسہ۔ اَگو درویشَس لوٚکھ کھوٚرزِتھ

گُو شہلاونہٕ۔ اکہِ طرفہ چھ تیٚمہٕ بستی منز جِن پٔریتھ گرٚس اَژان۔ بییہِ طرفہٕ

چھُ درویش تِمہٕ گرٚس اَژان تہٕ اورک یور پٔریتھ جِنس ژٕل راوان۔ اَتھ

سلسلس اندر گیہِ وٚری ژوٚہ۔ پوٚتس رٔود ووہ زٕ اَکھ گر۔ تِمَن اَمس نوشا

سیٹھا ٹاٹھ منز۔ بییہٕ اَسہٕ آسن واٲلۍ تہٕ۔ جِنَن ووٚن درویشَس۔ بابا

ژہٕ تہٕ کموٚ بڈٕ ووہ سیٹھا پوٚتسیہٕ ٹوٚٹھ۔ اگر اَکہِ سہے جاے بیہتھ کھیکھ

پرواے چھےٚ نہٕ کینژھہ۔ تِکیا زِ مےٚ تہٕ ووہ زٕ بہتہ کرٕ آرام کینژس کالس

بیٖٹھِ بستی منز رٔود اَکھ گرٕ باقے۔ بہٕ گوس تِہنزِ نوشہٕ عاشق۔ بابا جانا یِتھنا

تور یِکھ۔ یِتہٕ گژھ پانہٕ وٲنۍ منز کری۔ اَتھ کہتہ بیٚٹھ کوٚرکھ فاصلہٕ درویشن

دوٚپُس۔ جان گو بہٕ نیٖرا چانہٕ مشورس پیٚٹھ۔ بہرحال جِن گو تِمہٕ گرٚس تہٕ

رٔٹن تِہنزِ سہ ٹاٹھ منز نوش۔ تِمو کریوو اَپارہٕ یپارہٕ وار باہ قلندر

تہٕ درویش مگر جِن چھپنہٕ نیران۔ آخر واتۍ تِمس بڈٕس درویشَس نِش

مگر تِمو موٚنکھ نہٕ کینژھہ تور گژھن۔ پتہ آس تِمہٕ گرٕک خانہ دار تِمی کوٚر

درویشَس زارٕ پارٕ۔ کھوٚرن تھپہٕ۔ درویشَس لوٚگنہٕ ووہ زٕ چارٕ

کینژھہ۔ موخصر یِتھِ درویش نِکھ گرٚس گو۔ جِنَن دوٚنس بڈٕتھ تہٕ بڈٕلتھ

درویش صاحبا۔ وعدہٕ کیاہ چھُم۔ درویشن دوٚپُس۔ بابا بہٕ آس نہٕ ژہٕ کڈٕنہٕ باپتھ

بلکہِ آسے نادس۔ جِن ووٚتھس کیازِ۔ نادکس چھُم دِوان۔ سہ ووٚتھس

وۄں پکھتہٕ ڈٲلۍ ڈٲلۍ۔ نادرٕ چھےٚ نیٚبر کنہٕ ژاران۔ اگر نہ جل جل پکھھ
سۄہ کھسی ڈیٚرکہ۔ جنَن بوٗزنہٕ فاطہٕ ہمشہ پوٚر۔ نوشس ژاوِن اَتی
ژھنِنہٕ پَتہٕ مرٕ دارِ کنہٕ وۄتھ۔ تہٕ چھُ ژلان۔ نوشس گیہٕ آزاد۔ تہٕ
گرٕ واٲلِ لگہٕ درویشس اَتھن پیٹھ للہٕ نادنہٕ۔ ڈرٕ ہَس سیٹھاہ
مال تہٕ دولت ینامہٕ۔

●

راوی: عبدالرشید ارشاد سرینگر

---

# ژون یارَن ہیتھ دوب

دُپان اَکِس مُلکس اندر اُسی بہ بازٕ ۔ مگر تِمَن اوسنہٕ پانہٕ وأنی ملہٕ ژار۔ دُپان نَشہٕ زنانہٕ اُس بیِٚین سیٚتی دِل لگی۔ دوہ اَکھ بنیوو تس گوٗ خانہٕ دار کوٚت نام۔ تِمہٕ مارنوو بوڑ پہن کہہ کرا تہٕ روٗٹن۔ اپارہ آو اَکھ خودا دوستا۔ سُہ ژاد آنگنس منز تہٕ کوٚرن صدا۔ خاندارو! راتس دی تو جایہٕ رُژھا بیہنہٕ خاطرٕ۔ خونٛوان وَڑایہٕ دارِ کِنہ۔ دوٚپنس۔ ہتہ جوٗ جامےٚ اُس خودا صابَن خأرا اتھہ سیٹھا۔ مگر تس شوڑہٕ چھےٚ خاندار رِنہ پلہ۔ سُہ چھُم دوہ دوہ شرٛنَن تانی سیٚتی ہانزھ لاگان۔ سُہ یِیتھہٕ ییٚتہٕ زَنہٕ وُچھی۔ تیلہٕ چھےٚ ژھٹہٕ شُنکھ کھیٚون تہٕ میتہٕ۔ اَچھاوِلہٕ کھَس بیہہ۔ پُتشراو خودا یس یا ن وُچھوکیا آسہ تیشہٕ مرضی۔

خودا دوس کھوٚت تہٕ بیوٗٹھ۔ خونٛوانہٕ دوٚپُس۔ مگر میأنی اَکھ نصیحت تھاو یاد۔ ییٚتھے بُرس صداہ گژھ ژٕ اَژی زِ ہیٚتھ کھٹہٕ (چارپایہٕ) تَل خوٗفتَن وُقتاہ ووت تہٕ خونٛوانہٕ شوٗر بتہٕ۔ بجہ اَکِس ژرامہ تہٕ خودا دوستس دوٚپن وَلہ

بَتہٕ کھیمو۔ کوٚکر تان ژٕھمبر چھہٕ ژرامہٕ پیہِمٕت۔ یِتھےٚ رتمو زٕ کِنہٕ اکھ میوٚنٛڈ
تُلمُت اوس۔ دروازَس گوٚ ٹھُک ٹھُک۔ خوتوٗنہٕ ووٚنُس۔ ہَتہٕ جوٚ پیوٚوا تیتھ
پانَس بلایہٕ خوٚدا۔ ڈُلہٕ ڈُلی ژٕھن پنُن جند کَڈِتھ تہٕ چار پایہٕ تَل روز کھٔٹِتھ
مُبتھ بھاوُن یہٕ پنُن جندہٕ بٹھر۔ خوٚدا دوستَن ژٕھنو زوٗ لَرزٕ گنی وٕھ بھٹ چار پایہٕ
تَل۔ تہٕ سَرفہٕ سِنٛدی پاٹھۍ روٗدمایے لاگِتھ جَنٛدَس ژٕھاپہٕ۔ خوتوٗنہٕ مُژراو
دروازَس ہانکل۔ اورٕ ژاو اکھ ووس۔ سُہ کھولُن پانَس سیتھ تہٕ دوٚپنُس
مےٚ شیوٚر بَتہٕ وَلہٕ لاگ کھیوٚن۔ یِتھےٚ تمی ژرامہٕ کُن نظر دِژ تہٕ پرٛژھنَس
یِم زٕ رُبی کیتھو چھہٕ ژرامہٕ۔ نہ چھُم شراہ نہ مول۔ دوٚیِم روٗب کمی کوٗر۔ خوتوٗنہٕ
دوٚپُس۔ یِی کیاہ توٚگے نہٕ اَز تام پرٕ کھاوُن۔ اکھ روٗب چھُم پنُن۔ بیاکھ چھُم
چارہٕ مارٕ مَتہٕ کوٗرمُت۔ مےٚ اُس خبرے ژٕ واتکھ وِنی۔ تَلا کھیتہٕ کوٚکر نارٕ ہَنا
تہٕ چھےٚ۔ تمی تہٕ وول بیاکھ روٗب تہٕ کھیمن میٚنٛڈی جورا۔ ہُیارِ گوٚ دروازَس
بٔییہِ ٹھس ٹھس۔ خوتوٗنہٕ دوٚپُس آ دُتسَن شوہرٕ ہُنٛد خاندار۔ ڈُلہٕ ڈُلی ژٕھن
پُلوٚ کَڈِتھ۔ چار پایہٕ تَل اَژھ مُبتھ تھوٚ پننہ پُلوٚ بٹھر تہٕ بیہہ مایے لاگِتھ جوان
ژاو چار پایہٕ تَل۔ مُبتھ بھاوُن پُلوٚ بٹھر تہٕ بیوٚ بھٹ بیاکھ سِنٛدی پاٹھۍ گوش
کَرِتھ۔ سُہ وَژھ۔ مُژراوُن ہانکل۔ کھوٚت دوٚیِم یار ژھُنٛد۔ دوٚپنُس
وَلہٕ کھیہ بَتہٕ۔ مےٚ اُس خبرے ژٕ آسکھ پکان۔ تمی یَیلہٕ رُبی جورا علاوٕ
وُچھی۔ تہٕ پرٛژھنَس۔ یِم بیہہ زٕ روٗبی کیتھو چھہٕ۔ تمہٕ دوٚپُس۔ کوتاہ ساہ
اوسکھ۔ میون موٚہ حبیتھ گوٚیے نہٕ اَز تام زٕنہہ تہٕ سَیر۔ اکھ چھُم پنُن تہٕ زٕ
کرِم چارٕ لولہٕ۔ خوش چھےٚ اَکِس کھیکھ یا بیٚیس۔ تمی بنوو بیاکھ روٗب

تہٕ لوٗگ بتہٕ کھینہٕ۔ تیمہٕ نہٕ خبر اکھ میوٗنڈ کھیونہٕ کینہٕ نہٕ۔ دروازس گوٚو بییہ
ٹھک ٹھک۔ تیمہٕ دوٚپُس۔ خاندار کیا با آو اگر بیچُن چھُے پلوٚ کڈٕ تہٕ اژھ یتھ
چارپایہٕ تل۔ ییم ٹھوٚو بتہٕ ٹھرِ تہٕ روز کھٹِتھ۔ کرِ ہے کیاہ زالس منز اوس
آمُت وٚلنہٕ۔ وُلی وُلی ژھنِن پلوٚ کڈِتھ تہٕ ژاو شُتہٕ چارپایہٕ تل۔ تیمہٕ مژرأو
ہانکل کھوٗت ژریٖمُے دوس خوتوٗنہٕ ہٹِشد۔ دوٚپنس وٚلہ بتہٕ کھیٚے۔ میٚے اُس
خبرٕ ژٕ آسکھ پکان۔ تیمہٕ تہٕ پژرِھس ژٕ چھکھ گنز تہٕ ژور رٕجی کتھو چھِ
تیمہٕ دوٚپُس۔ ییم کرُم چانہٕ آمارٕ، بہر حال وول تیمہٕ پنُن روٗب تہٕ لوٚگ بتہٕ کھینہٕ
تیمہٕ تہٕ تگی مینڈی جورا تہٕ ہیپأرِی گوٚو برس ٹھک ٹھک۔ دوٚپنس آورِ دولہٕ
اگر بیچُن چھُے جل جل اژھ چارپایہٕ تل تہٕ بتھ ٹھوٚو پننہٕ پلوٚ ٹھرِ۔ سہٕ ووٗتھ
وُلی وُلی تہٕ ژاو کھٹہٕ تل تہٕ بتھ ٹھاوِن پننہٕ پلوٚ ٹھرِ تہٕ بیوٹھ زن گگرُ
بیأرِس وُچھتھ۔ تیمہٕ مژرأو ہانکل۔ کھوٗت ژوٚرِمُے دوس۔ دوٚپنس۔ یکھ
کھینہٕ کوہ کرِ نا ژٕ بتا۔ تس ییلہٕ بتس کُن نظر بٔییہ۔ دوٚپنس شیہٕ روٗبی
رکھو۔ دوٚپنس کیاہ واے میٚے ہا اُس خبرٕ ژٕ آسکھ دٔوان توٚے شوٗرُم
ژرامہٕ بتہٕ اکھ چھُم پنُن تہٕ پانژھ کرُم چانہٕ لولہٕ۔ یتھ خوش کرِی تتھ کھیتہٕ،
بہر حال لوٚگ تیمہٕ نہٕ کھیوٗن۔ مگر وولُن پنُن روٗب۔ اکھ میوٗنڈ ٹلنا کینہٕ نہٕ۔
ہیپأرِی گوٚو برس ٹھک ٹھک۔ خوتوٗنہٕ دوٚپنس۔ خاندار کیٛا با آو۔ اگر بیچُن چھُے
پلوٚ ژھن کڈِتھ چارپایہٕ تل۔ بییہ روز کھٹِتھ۔ یوٗتام راتھ نیر۔ شُتہٕ ووٗتھ
تہٕ ژاو چارپایہٕ تل۔ بتھ ٹھاوِن پننہٕ پلوٚ تہٕ بیوٹھ ماے لأگِتھ۔ سہٕ ژوٚژھ
مژرِ روٗن دروازٕ۔ خاندار ییلہٕ میوٗر کھوٗت۔ دوٚپنس۔ وٚلہ بانہٕ شوٗرُم ژامہٕ

بَتہٕ۔ تَس بیٚیہِ ژامہِ کُن نظر بتٕیہٕ۔ دوٚبِنس ہِم کھٔتھو اَتھہ سِتھہ ژٕبی۔ نہ چھُہ ژراہ
نہ بٕیِہٕ کانٛژھا۔ دوٚبِنس اَکھ چھُہ بِنُ شیہ ژٔم چانہٕ نولہِ۔ یَتھہٕ خوش کرِ تھ
کھیتہٕ۔ خانداران دوٚبِس یہِ اوٚرِک وَنُن ژاو۔ صاف صاف وَن۔ یِم اَم اِسک
آمِتہٕ۔ تِمہِ ہاوےیِس اَپِنٕز ڈٕرہے ببِیٕز ڈٕرہے۔ مگر تمہٕ مونُس نہ کیٚنہہ۔ دوٚبِنس
بہٕ مارتھہ صرف وَن ژیہ ما چھے طماہ گٕنِیک۔ خاندارنہٕ دوٚبِس اَچھا یٕیلہِ ژیہ تی
کرِن چھِے نیٚلہِ دِتمٕ نِماز رکاژ جوراہ پَرنہٕ۔ خاندارن وٕنُس ادٕبی تہٕ ووٚتھہ
پُرٕ۔ تمہِ بیٚلہِ نفلچ نِمازا پَرتہٕ لٔج اَتھہ ہیوٚر کَن کٔرتھہ دُعا منگنہٕ: "میانہٕ خوٚدایا!
خبر چھیے پانس ژٕ چھکھہ سارِنے ہٕندِن دِلن ہٕنٛد ماٛلِک۔ کأنسہِ کُن دامن ما لوگُم
تَن ما جوٚرُم۔ میانہٕ نیٚبریا! کرُم پنٕنس وصال تھ۔ میانو ژورو یارو کریوٗم پنٕنس
وصال تھ۔ اگر تِہنٕز قُدرتھہ چھہ کریٚس اَتھہ پلنگس ژھک بیہِتھ تہٕ بیٚہِتھٕیِم تَل
تِہنٕز کِتھہ ہٕنٛد دب۔ تِم گٔیہ ژوٚہ شوٚے تھٕودٕ وٕتھتھ تہٕ چارپایہ ژھونٛک
نٔمِک بیہِتھ کرٕتھہ تہٕ ژاو یِکھہ داریو مُنزِ بعون ووٚتھٕ۔ پتہٕ لاکَن ووٚتھہ خوٚدا
دوس تِمہٕ ژھکہ پنٕنز پلوٚسیتھ تہٕ ژھینٕنز ووہ تھٕ تہٕ چھُہ ژلان۔

خاندارن بیٚلہِ سُہ تماشہ وُچھ۔ سُہ لوٚگ افسوٚس کرُنہٕ۔ میٚے کیاہ کوٚر
اَمِس خانداروٚ۔ یہ اَسِ یوٚز زونان۔ اَمِس چھُہ دامن سیٹھا شوٚژ تہٕ پاکھ۔ حمد
خوٚدایس کُن۔ تونہٕ ووٚنُن یہِ دیوٚس مکانے بیہِتھ دأرتھ۔ شوٚتھ گیاو
مال دولتھ زُو جان ہیتھ تیٚلہِ۔ میٚے چھا خبر یہ چھُہ پیٖر خوٚدا دوس۔ شاید
اَسِ اَمِس اَز چار یار باصفا سالہِ آمِتہٕ۔ سُہ ووٚتھ تہٕ لاریو۔ چھُکھہ ژھانڈان
دُیان یہ کرہ زارہ پارہ اگر اَتھہِ لگہ یَن۔ ژھانڈان ژھانڈان تہٕ روٚژن سے

خوداودس۔ یلو بہ کھیچ ہیچھ ژلان۔ دوٚپنس ہتسہ سوال خوداپ چھے اکھ رژھا کرنہ ٹھہراو۔ میتے چھےنہ خبر ستہ چھہ خاندار ینیہ پرژھ اہل اللہ مہربانی کرتھ دیتوم مانی۔ ژتے چھے سوال تسند یمی پادٕ چھکھ کوٚرمت ٹھہر تہٕ۔ موخصر غرض ٹھہریوو سہ خوداودس۔ خاندار چھس پرژھان۔ یم چار یار باصفا کوٚت گیہ۔ ژٕ کر گنگھ میانہ طرفہٕ زار یار۔ یُتھ نہٕ میتے دعا یہ بد کرن تم۔ بیہ ونتم ژٕ کُس چھکھ۔ خوداودسن کوٚر پہراسو بچ۔ دوٚپنس بہ چھس ژوہن یارن ہُند دوٚب خاندار ووٚتھ تہ دوٚپنس ولہ توتہ ژرے میون گر۔ خوداودس پیلہ گرِ واتنوون چھس موہٹھ دِوان واو کران۔ کھوٚر چھیلان۔ کیتھہ دوہ گژھتھ چھس خوداودس زنانہ ہنز ساری دلیل تیمہ دوٚہیچ ونان۔ سہ بوزتھ چھہ زنانہ خاندار سہ کلاوان تہ پانہ چھہ خوداودس ستہ نیران۔

●

راوی: عبداللہ شید ارشاد سرینگر

---

# مأج

تصنیف: میکسم گورکی  ترجمہ: علی محمد لون

صفحات ۴۴۴ ● مول ۱۲ روپیہ

# دور ماچہ ہٕندۍ پھند

دپان اَکِس شخصَس مۆہ یِہ زنانہٕ تسٕنٛد اوٚسُس اَکھ شُر۔ کیوٚ ہُرٛ کالاہ
گُزِھتھ کرٕ تمۍ بیاکھ زنانہٕ مگر تسٕندۍ زایِس وارِیاہ شُرۍ۔ تمِس لوٚگ وۄہرٕ ہیٚچو
دوٚن اَچھَن کھرُن۔ سۄ لٚج تسٕندِ گالِنچ کوٗشش کرٕنہٕ۔ مگر خانٛدارس چھُنہٕ اَمہ
چالہٕ ہنٛز خبر لگان۔ خوتوٗن گیہ اپارِ ہی یپارِ ہی پیٖرن فقیٖرن نِش۔ آخر وۄنُس
اَکۍ پیٖرصابَن گژھِ یتھ جایہِ سُہ شوٗنگان آسہِ ہنٛزِ تیل چھکٕنۍ یُس تیٚمۍ سُہ
نیٚندرِ ترٛاوِ گنٛدک تیٚمۍ گژھِ ہیس لوٚت یاتھٕ لاگنۍ تس ہیٚیہِ لحظس منٛز مارتہٕ گژھِ
ختم۔ پانہٕ گژھِ یپارہٕ روزُن۔ ییٚتھ زن مکانس ہیٚبِیہِ نہٕ۔ اکھ گژھِ سُہ فنا
بیٚیہِ پیہِ سُے مُجرم قرار دِنہٕ زِ مکانے زاجِن۔ سۄ آیہِ اور تہٕ شامَس شُلے
تھوٚوٗنس بستر ترٛاوِتھ ہنٛزِ تیل چھکِتھ۔

دپان تمۍ امیٖرزادَن اوس گُر ژھمُت۔ سُہ اوس تس جانہٕ کھۄتہٕ
ٹوٚٹھ۔ مگر ہٕنٛگہ منٛگہ تہٕ اوسُس نہٕ زُو دِوان کھیوٚن۔ یِہ زنہٕ دۄہ ہُس بیٚنہٕ ہے کرِہے
تہٕ اوس شامَس گژھِتھ ... نالہٕ موٚرُک تس بِچارِس اوس نہٕ دُشمَن نیٚبرِ کُم

کانٛہہ تِکیا زِ سُہ اوس وُنہِ سیٹھاہ مۅہِتاج۔ وۄرِ ماجہِ بغار اوس نہٕ تَسنٛد اَزوٗن
کانٛہہ تہٕ۔ دوہہ پِھس اوس اوخُن عمٲرس نِش ژاٹہِ حال آسان۔ تِمہ دوہہ پیٚٹھۍ
ووٚن گُرُہہ امیرزادس بُھتنہ گرِ شوٗنگکھ۔ تِمۍ پٕژُھس کیازِ۔ گُرۍ دوٚپنُس۔ تیٚلہِ
پیٚچھِ کَنۍ دوٗرِ۔ چھُنہ خوٗدُسے بِسترس پیٚٹھ تیل دِتھ۔ بُھتھ بٔنٛدر بیٚہِتھ سعہ
دِہی نار۔ امیرزادہ ووٚتھ تہٕ گو دوستہٕ سٕندِ گر تَھرٲتس۔

پگاہ گیہِ دوہہ مٲج بٔیہِ پیرِ صٲبس نِش۔ دوہہ پیٚہ کاہ مرنہٕ زوہ
پچھا پیچھ۔ تِمہ دوہہ پیٚہ دوٚنس پیرِ صٲبن یہ تدبیر کرِزِ۔ سُہ چھُ ژاٹہِ حال
گرٕھامی صُبح دِنیس تہٕ کینٛہہ تہٕ کھیوٚن۔ تُہۍ شامن سُہ واپس پیٚہ تس
آسہ بوہ چھُ رٕژ پرِ۔ بٔتس منٛز ترٲوِ زٕنِس زہر سُہ کھیہِ بوہ چھُ موت ژھ
کرنے تہٕ مرِ تہٕ گژھکھ پیچھ بشن آزاد۔

امیرزادہ پیٚٹھ ژاٹہٕ ہالہِ واپس پھیوٚر تہٕ ژاد گُرس نِش۔ تِمۍ دوٚپُس
اَز چھےٚ وۄرِ ماجہِ ژہ چُن کھووٚشت زہر ترٲوِتھ۔ پُھٹِہ ژہ چیہ کھیکھ۔ تِمہ
تُلِ زٕ ژوٚرِ پاٹھۍ ترٲوِ زہر زَہر زنہٕ کھیٚیہ سےٚتھے۔ امیرزادہ کھوٚت پننِس
کمرس منٛز تہٕ وۄرِ ماجہ اَنِس ژہ چھُ۔ دوٚپنس پیہ ترا اَز اوسنہٕ بُتھے
روٗنمُت۔ لہٰذا کھیہ ژہ پیٚہِ۔ تِمۍ دوٚپُس۔ اَدہ ژہ چُن کیاہ چھُہ۔ رزق ناوی
گرٕژھ کینٛہہ آسُن۔ دوہہ سو مٲج اَزٕتھ نہ گیہِ۔ امیرزادن تِچھ ژہ چھُ تہٕ آو زہر توب
کُن دارِتھ دِتھ۔ صُبحس پیٚٹھ وۄرِ مٲج اَزٕتھ۔ تَس اُس شاہ شوقہ دوہہ
نیٚچوٗ آیہ ختم گومُت۔ سو گیہ تسنٛدِس کمرس منٛز۔ سُہ وُچھُن نِنٛدرِ پیٚتھ اوس
آیہ تورِ پشیمان گژھتھ۔ توٚیتہ چھ بٔنیہ پیرِس گژھان۔ دیان چھس پیٚتہ جو

تَس تیچینہٕ کُنہہِ گرٕ ٹھان۔ تِمو پرٕ ژٕ ھس۔ تَس ما چھُے کانہہ وُنان۔ تِمہٕ دوٚپُس
نہ جوٗ سہٕ یُس چھہٕ خبر نیران تہٕ ٔستے وَنہس۔ نہ چھُہ گرِس منز کانٛہہ سیٖتو تَس
رتیٖمتہ دوسہ بقین بہِن۔ صرف چھُن گر روٗچھمُت۔ تَس سیٖتہٕ چھُہ صُبحن شامن
آسان گنٛدان۔ بیمارن دوٚنُس مے چھُے تَس فنان۔ لہٰذا اگا لزٕ تہٕ گوڈٕ گرٕمے
تہٕ ادٕ شُرٕ۔ تِمہٕ پرٕ ژٕ ھس۔ یُہ کھتہٕ پُٹھ ہیکن بہٕ رٕ بدتھ۔ بیمارن دوٚنُس زٕ
لاگ بیمار خانٛدارس دٔپُھس۔ مے ووٚت حکیمن گرٕ سیٖتہٕ بوزِ کہ وُچھ کھینہٕ۔ لہٰذا
پیہہ سُہ تیمی ہیٖتہٕ گالنہٕ۔ سہ آیہٕ تو یہ واپَس تہٕ لوگُن بیمار۔ تِمہٕ پیٖتہٕ گیہٕ اکِس
حکیمس۔ دوٚپُنس بیم چھی تسے ہدیہ رہ ہیٖس پانٛزٕ ھہ ہیتھ۔ تہٕ واتیٖہ میانٛس
داوس۔ منے چھُہ دوہ رٕ نیٖچو اکھ۔ تِمو چھُہ گرٕ روٗچھمُت۔ میانٛی شُرٕ چھہٕ ہیوان
تَس گرِس ہیوان سواری کرٕنی۔ گرٕ ٹھان چھُہ دوہ ہے لڑایہ۔ لہٰذا دِتم تہٕ تجویز
گرٕ بوزِ کہ وُچھ کھینس۔ بہٕ لاگہ ہا بیمار۔ تہٕ وَنیٖتہٕ یوٚہے تجویز میانٛس رئیٖس
یتھ سُہ گرِس گالہِ ہے۔ بہٕ معو کلہ ہا دوہ ندٕ مزٕ رہِنش۔ حکیمن تراوِی روپیٖس
پانٛزٕ ھہ ہیتھ چندس۔ دوٚپُنس یگاہ اکِی زٕ ہِن خانٛدار سیٖتہٕ کرٕ بہٕ وَنہٕ تَس پانے۔ سہ
وُٹھ تہٕ آیہٕ گرٕ۔ تتہٕ چھہٕ خانٛدارس وَنان۔ تَس شوبھُہ چھُہ دود۔ تہٕ پیٖتہٕ مے
غلاٗنی حکیمس نِش سیٖتو۔ وُپان سُہ چھُہ سیٹھا نبض شناس۔ خانٛدارن
دوٚپُس۔ ادٕ پروا ہے کیاہ چھُہ۔ گرٕ ھو صُبحس۔

از یُتھے امیر زادٕ گرِس نِش گیہٕ۔ تِمو دوٚپُس۔ از تام اُسو چانہٕ
وارٕ ہکی سنٛزٕ۔ یوان کرِنہٕ مگر اَز کہ بیٹھ اکو میا نہ وارٕ نیچ سیل سیدِنہٕ۔ چانہٕ
وسہ رٕ ماجہ ووٚن از بیمارن تہٕ لاگ از بیمار۔ فلانٛی حکیمس نِش گرٕ ھتس

دِ کوٗرٕ ڈھا پوٗڑھا کینٛہہ۔ تَس ہیٚیہ تجویز گرٕی بعہٕ کہٕ وُچھ۔ لہٰذا تمہِ نوٗگٕے بجہٕ۔ سۄنہٕ بیہ
صُبحس چاٗنٛز مٲلی حکیمَس نِش سیٚتو۔ تَس چھن پانٛژھ ہفتہٕ روٗزمہٕ بیہ روٗشو دِیتمُت
نہٕ وُنہٕ چاٗنٛس مٲلِس۔ اُمس گژھن گرٕی بعہٕ وچھ دِنہٕ۔ لہٰذا مارناوِ چاٗنٛز
دوہر، مٲج تمی ہتیہِ شوکھٕنس۔

امیرزادن ووٗن گرٕس کینٛہہ پرواے چھُنہٕ۔ بیچھ پاٗٹھو ژٕتےٚ بچوو ٹھکس
بہٕ۔ تتھےٚ پاٗٹھو بچاوتھٕ ژٕ، تہٕ بہٕ۔ بہرحال آیہٕ کھمتا گیہٕ کھق۔

پگاہ پیٚیلہ امیرزادٕ ژاٗنٹھ ہالہِ واپس رفیوٗر۔ مٲلی ماجہ نیٚوٗ پاٗنٛس برٛونٛہہ
کُن۔ دوٗبہس زِتہٕ وُنا ژہٕ چھُپہٕ گرٕ ٹوٗلھٕ کِنہٕ مٲج۔ تمہِ دوٗپُکھ مٲج۔ گرٕ
رِکھہٕ پاٗٹھو۔ مٲلی دوٗپُس۔ تیٚلہ چھہ چانہٕ ماجہ حکیمن گرٕی ہشرٕ بعہٕ کہٕ وچھ یلاج
ھاوِ مرٕ۔ اگر ژٕ اجازت دِکھ۔ گرٕ ماروٗن۔ نیٚچوو ووٗنُس۔ میٚنہٕ چھُنہٕ عوٗزرٕ کینٛہہ
گرٕ بنٕ کِہ تیاہ۔ مٲج کتہٕ بنہٕ۔ مٲلی دوٗپُس ادٕ تیٚلہِ ماروٗن چون گرٕ پگاہ۔ تمی
دوٗپُس جان گوٚ۔ بہٕ چھُسا تحقہٕ کینٛہہ انکارس۔ یوٗہے مشورٕ کرِتھ گےٚ پاٗنٛس
پاٗنٛس۔ امیرزادٕ گوٚ گرٕس نِش۔ گرٕی دوٗپُس۔ میانہِ آغا۔ پگاہ دِیی نہٕ دوہ
مٲج ژاٗنٹھ ہالہِ سُہل سُہل [illegible] یینہٕ۔ تمہِ تھوٗو اوخن صاحبس روٗشو دِتھ۔ یہ
[illegible] تمام [illegible] ہٕ تیار [illegible] میٚنہٕ چھُنہٕ بیچھ پاٗٹھو حکیمن یلاج کوٗرمُت دوہ نی۔
دوہر، نیٚچوی میانٛز چھُنہٕ گرٕ روٗبچھمُت۔ سُہ دِینہٕ تَس سُہل سُہل مارنہٕ۔ لہٰذا ماروٗن
اُمسو تس وراے۔ یینہٕ ژٕ دوہس پیشاب کرنہٕ نہٕ نیبر ژراوِہن۔ دوہ نی ھاوےٚ
نیبرٕ میٚنہٕ دِ نحقہٕ بنچھُنہٕ میٚنہٕ چون مول مٲج گاہٕ منزٕ کڈٕ بہٕ۔ دِمے اکھ ہیخ۔ تیٚلہ
[illegible]

ہیہ. یُس ژ نٲئ زِ تیلہٕ ووٚرہوٗ۔ امیر زادن دوٚپ یُس۔ کینہہ غم چھُنہٕ۔ وُچھو خوٗد پس

کیاہ آسہِ کرُن۔ یُس سہٕ یاور آسہِ تس کیاہ چھُ غم۔ یِژھے کتھ کٔرِتھ دراوُ سہٕ۔

پگاہ چھُنہٕ تس اوخن صابٕ پُژ پاٹھی پیشا بہ کرُن تہٕ ژاوان۔ دُپہر ووق ووت

گُرُو دِژ ہیہ۔ امیر زادن ووٚن اوخن صابس۔ مہٕ ژاو تہٕ پیشا بہ کرُنہٕ۔ تمہ

دوٚپ یُس ییتر ہتے کر۔ بہرحال دِژ گُرُو بیاکھ ہیہ۔ تمہ ووٚن اوخن صابس۔ مسّے

ژاو پاس کرُنہٕ۔ تمہ دوٚپ یُس۔ ییتر ہتے کر۔ امیر زادن ووٚتھ پیشاہ کٔرِتھ ژاوُن

دیوارہ پیٹھہ ووہ ٹھ چھُ دوان۔ یہ ناہ زنگو زدر کوٚرُس نیناہ تیز تُج تمیٚ دو۔

گُرُ تہٕ وانتو وُکھ مادانس منز۔ تہٕ امیر زادہ تہٕ ووت گُرُس نش۔ تمہ ووٚن مالِس

بٲ وہ نی چھے ژتے گرہ مارُن۔ مگر بہ کرہ ہیس اکھ سواریا۔ مالِ دوٚپ یُس ژکیاہ زِ ونڈو

ڈُہ دوان۔ ژ ہیلکھ سٲری ہیے مادانس چکر کٔرِتھ۔ سوارۍ کٔرِتھ۔ تھ کیاہ چھُ۔

امیر زادہ کھوٚت گُرِس۔ ادرک چکرا یور۔ یوٗرک موڑ تہٕ دوٚپ نس ژاو سائے ابلقا

پیٹھہ ژُ پنجہ۔ پیٹھنا ہوا تہٕ ژاوہ ہن پتھ۔ گُرِ تُج تُرژھے دوراہ پیٹھنا بندوقہ

تنہ گوٗلی چھ نیران تہٕ ہتک کوٚڈُن بیپیس ملکس منز۔ تتہٕ ووٚتھ امیر زادہ

پتھر سہٕ ژدوُن دوٗر اکس جنگلس کُن کاسہ کھینہٕ۔ پانہٕ گو اکس پہلہ گرس

دوٚپنکھ وگے صابٔ بو مسّے رٹو نا پانس نش نوکرۍ۔ پہلہ دوٚپ یُس۔ گوٚبرا بہ چھُس

تہر ژ اپان، اگر تہٕ ہیلکھ ژہ تہٕ ژ چھُتھ۔ بہ ژ تھ پانس نش۔ تیلہ کیاہ کھیکھ

میون۔ پنہ ہو اکھو کرکھ تہٕ کھ یتھ۔ تہ ژ چھینہٕ وراسے چھے نہٕ مسّے نش بیہ

ہ تہ کو مان۔ سوبسے نہٕ ہلمھ۔ امیر زادن دوٚپ یُس۔ ادہ بہ ژ چھ ژتے سیتی جب

کینہہ پرواے چھُنہٕ۔ ۔ راوُسس گرہ پنہ تیر ژ چھان۔ مہ خبر غرض رووٚٹ

پٔہلی پانٛس نِش نوکر۔ امیر زادہ چھُہ دوہَس جب جنگل نیوان۔ تَتہٕ چھُہ گُرِس تہٕ
ملاقاتھ کران۔ شامَن چھہ واتان رٔمبہٕ ہیتھ مٲلِکس نِش۔

پٔہلِس ہمسایہ چھہ آسان اَکھ گرٕہ۔ تَس چھہ شیتھ کورِ آسان۔ شیٛیو
کٔرِ امیرگرٕن ہندِ لٔڑکہ پسند۔ ستیٛمہِ چھکھ پیٛنشہ کنِھٕ۔ تَس گوٚ اَمِس امیر زادَس
سیتۍ اُلفت، یِمَس پٔہلِس نِش نوکر اوس۔ مٲجہ دوٛپُس۔ وَن بی کوٗرِ
زٕنٛگُس سیتۍ چھےٚ کرٕن۔ دوٛپنَس۔ موجی بہٕ کرٕ پٔہلِ سِنٛدِس نوکرس سیتۍ۔ مٲجہ
دوٛپُس۔ اَسہٕ تھاو کھنا پیٚر نیرِنَس لایکھ۔ یِمہٕ کرٕ ژھ کیتھ چھکہ ژہ کران۔ شیٛیو
بیٛنیو کوٗرِ کیتھین امیرٕ ٹٕکن سیتۍ ژہٕ کرکھ تَس انکار سِنٛدِس نوکرس سیتۍ
تِمہٕ دوٛپُس۔ مٲجی اگر منےٚ مٲرِو تہٕ بہٕ کرٕ تَسۍ سیتۍ۔ دوٛپنَس کورِ سعہ صوٗرتھا
کَرٕ۔ یٔتھ بہٕ چوٗنے مانہٕ۔ کورِ دوٛپُس۔ یِمہٕ دوہہٕ بالقٕے شیٛن بیٛنین ہُنٛز
نشانٛذ بیٛہ کرٕنہٕ۔ تِمی دوہہٕ تھاوِو بہٕ شرط یتھ بہٕ پانَس ڈٕچھنِ کنہٕ جاے
ژٲوِتَس سیتۍ کٕے۔ یہ تھاوِ بہٕ تَس سیتۍ مشورہٕ کرٕتھ۔ اَمہٕ پتہٕ چھہ کورِ
مٲج خاندارَس اَتھو کنِھ پیٛٹھ۔ اِقرار کرناوان۔ دوٛیمِت پرانیو زمانہٕ ہٕنٛز
گوٚ ہوٚس مَتِن۔ لوٚکہ ہِنٛدِ وہہ وُٹ ہیو کورِ ہاٚلس مانِن۔ اگر نہٕ مانہٕ ہے کوٗر
گرٕژھ ہیٚس پانے تَس سیتۍ۔ لہٰذا زونُن دیٚپے غنیمتھ۔

شیٛن کورِن ہٕنٛز نشانٛذ کرٕن واٚلِ واتَن شامَن۔ اَمہٕ دوہہٕ کوٗرِ کورِ
مٲلِ ایلانہٕ۔ میانٛذ کِینشہ کنِھٕ کوٗر یِمَس اَز شامَن پانَس نِش بیٛہناوِ۔ تَس سیتۍ
کرٕ سعہ خاندر۔ واریاہ نوجوان گئے اور امیر زادن دوٛن پٔنِنِس پٔہلِ آغَس
تہٕ گرٕژھ۔ پٔہلی ووٚنُس۔ کتیٚ اَسمان کتیٚ زمین اَتہٕ نہٕ بڈٕین ہڈٕین بلہٕ دیٛرِن کانٛہ

پرٛسان ووٚن گو ہم ژٕ ونگٕ ہٮ۪ر۔ تمہٕ دوٚپُس میٚےٚ چھُ گژھُن تماشہ وُچھنہٕ
باقےٚ نہٕ کُنہٕ غرضہٕ۔ پٔتھٕ دوٚپُس اَدٕ گژھ۔ میأنی نوٚژادر نہٕ وٕلتھ نہٕ گژھ
تنہٕ چھ اَکھ اَکِس کھعٕ تہٕ نوجوان انتظارس کہ کُس اَکِس وَنہٕ سہ ہٮ۪ٚن مگر
سہ چھُپہٕ کانٛسہ کُنہٕ اچھ تُلتھ نہٕ وُچھان۔ یُتھے پٔہلہ شُند نوکر ژاو۔ تمہٕ
دوٚپُس۔ وَلہٕ پکھ بوٚنہ میٚےٚ نِش بہہ۔ سہ گو تہٕ بیوٚٹھ تَس لَر۔ سارٕے
گیہٕ ژٕ ہٕرٕ پھکھ واپس۔ اَدٕ پتہٕ کورٕ کورہ ہالہ ستہٕ وِنےٚ کورِن خاندر۔ اَمِن
باقےٚ شٕتےٚ تہٕ گرٕ پیٹھٕ۔ دہ ہا بنیو وسہ گو بیمار۔ ستہٕ وِنےٚ دوٚتُن میٚےٚ کینٛہہ
اَنوسےٚ تیتھ دوا ژھانٛڈتھ۔ تمہٕ سیتھ بہٕ ٹھیک گژھ۔ باقےٚ شیٚن دِتِن
سوار باپتھ اَرہ شیہ گرٕ۔ کانٛسہ زامٕترِس دِتُن لوٚنگ گرٕ تمہٕ تُل سہ لوٚنگ
گرٕ تہٕ وانتوٚن جنگلس منز تہٕ گو پننِس گرٕس نِش دوٚتُن تَس سورُے حال
تمہٕ دوٚپُس فلأنی جنگلس منز گژھ تتہٕ چھےٚ فلأنی جایہ اَکھ درویش بہتھ سہ
دِیی ژٕتےٚ دوا تمہٕ سیتھ گژھی ژٕتےٚ ہاہر بابہٕ ٹھیک تمِس نِش وانِن جائی
سأے جُو شتےٚ تہٕ۔ مگر تمن بدخاہن دِیہ تہٕ سہ اصلی دوا کینٛہہ۔ بٔلکہ ژاوِتھ
غوٗلام داغ۔ امیرزادٕ لاریو تورٕ۔ درویشس سلام کرِتھ بوونُس پننٕ
سورُے حال۔ تام داغی باقےٚ شتےٚ سأے جُو تہٕ۔ دوٚنُس تمو تہٕ یوٚہے قصہ۔ درویشن
دٔژ تمہٕ شتےٚ نظر گوڈٕ نزدونکھ غوٗلام داغ تو پتہٕ دِیت نکھ تھپھ تُلنہٕ باپتھ
گاسہ مولا تہٕ کرِن رَوانہٕ۔ امیرزادس دِتُن اصلی دوا۔ بیٚیہ دوٚنُس کیتھ پاٹھٕ
گیاہ گژھ دِیُن تہٕ آدوایس۔ ییلہ گرٕس نِش ووت۔ تمہٕ دوٚپُس گوڈٕ
گژھ نرٕ نہٕ ژٕ کینٛہہ ہیہہ بابس نِش یوٗتام نہٕ باقےٚ شتےٚ گژھن تہٕ کورِن

روانہٕ تِمی سے لٔنگس گرِ بیچھٕ ۔

ییٚلہٕ گرٕ ووت ۔ زنانہٕ ترٕ ژھس ۔ اوٚنتھ دوا ۔ دوٚپنس بہٕ کتہٕ اَنہٕ ہا مے اوس گرٕ تیتھ سوارِ یُس نٕہ گر بتھے ہیکان اوس ۔ بہٕ دوا اَنہٕ ہا نٕہ کتہٕ بہر حال سعہ گیہ مویُس باقے شیٚنے آیہ تہٕ کھٔتی ہیہر بابس نش زنانن سیتی چمہ چمہ سان اکہ اکہ چھس دوا دِوان مگر تس چھنہٕ اکھ زارٕ تہٕ لعہ ژرٕ گژھان ۔ ییٚلہٕ سہٕ مرنہٕ سر گو ۔ زنانہٕ دوٚپ تس امیر زادس ۔ اکھ اوٚنتھس نہ دوا ۔ ییٚیہٕ چھنا وۄہ نٕی خبرٕ نٕہ کھٔسن ۔ یوٚتام یَب مرٕ ۔ بہر حال وُٹھو دوہ شوٗرے باژ تہٕ کھٔتی امیر زادٕ چھس خبر اتر پرٕ ژھان ۔ دوٚپنس ییمو شیٚیو اینو پینٕی کنہٕ کمہ تام طرفہٕ دوا اگمٕی ھیچھ مگر تمہٕ سیتی سیٚد نٕہ کینْہہ اثر ۔ تہٕ نٕہ آکھ تِنہٕ بیچھٕ خبرٕ تہٕ نہ اوٚنتھم دِوہ ہے ۔ امیر زادن کوٚڈ چندٕ منٕز دوا تہٕ دِیتنس ۔ دوٚپنس ۔ مے گوٚژھیر اَو یسبہٕ اَتیے اوسنتھم گرٕ دِیت مُت لوٚنگ ۔ سہٕ اوس نٕہ پانہٕ ہیکان بٔچھتھ تہٕ مے کیا پکہٕ ناوِ ہے ۔ سہٕ چھ امیر زادٕ شُند اوٚنمُت دوا یکھ اکھ خوٚرا اکھ کھیوان تہٕ سہٕ چھ صحت یاب سپدان تہٕ لوٚگ وۄہ نٕی اُمی سے معہ نہٕ تہٕ میٹھ کرٕ نہٕ ۔ ہمٕ باقے شیٚنے گۄڈن ۔ تس چھ سارے مال تہٕ جاداد کُہ حصہ دِوان تہٕ بنوٚون گرٕک خانہ دار ۔ کینْہہ کالا گژھ ھیچھ گو اُمس شوق مالی شُند گرٕ ژینکہٕ ۔ تمن خیمہ خرگاہ سیتی ۔ ووت مالی شُند گرٕ تہٕ ژاو سوداگر لاگیتھ پننس مالی شُند گرٕ ۔ مالی پرٕ زٕ نووٕ نہٕ کینْہہ ۔ اُمو ووٚننس ۔ بہٕ چھس فلانٕی شہر بیچھٕ یور آمُت ۔ سوداگنہٕ پتہٕ چھم نہ جاے ۔ تہٕ مے دوٚپ توٚہ سہ کرٕ عرضی جایہٕ خاطرٕ ۔ پتہٕ بوزٕم توٚہی چھو ستھی ۔ سوداگرن دژ ہیں

جاے تہٕ بیٛٹھ اُتھی خیمہ نگر گاہ دِتھ۔ شامس پٔرژھنس خوجن حال واحوال
تہٕ اُمی وۄنس ڈٔلیل اندٕ بیٛچھٕ شاندس نام۔ خوجن بوٗزتہٕ پرٛزنووُن تہٕ رۄٹُن
نالہٕ متہٕ۔ یہٕ اُمی سۄنٛز ووہ ہٕ مٲرِج گنڈٕنٕ اُکس نرگرس۔ شراب دِیُت نس
تہٕ گرٕ تروٗو کھہ یلہٕ۔ تہٕ تمہِ چھکرٲوی اُمِس بدلگام زمانہٕ تان تہٕ میوٗلُس پننہٕ
کرنُک سزا۔ تہٕ باقیو کوٗر پتہٕ عمر عمرانس عاشاتہٕ آنندا۔

●

راوی: عبدالرشید ارشاد

---

# وطن چھُے نادلایان

ترتیب

محمد یوسف ٹینگ

صفحات: ۴۴

مول: ۶۸ پٲنسہ

# ستھ کور

دَپان یِتھ کالِ اوس اَکھ شخصا۔ تس آسہٕ سَتھ کورِ۔ تِہنٛز اوسنہٕ
نیٚچوا کانٛہہ۔ مُلکس اندر اوس دٕراگ۔ کانٛسہ اوس نہٕ کھینس یوت کینٛہہ میلان۔
دوہہ دادٕن آسہ فاقہٕ روزان یِنہٕ دُتھرن کامہٕ پھلس پیٹھ آسہ گذارہٕ کران۔
اَمِس سَتھ کورِ ڈالِس تہٕ اوس نہٕ رِتہٕ دادُن ہُنٛد کینٛہہ بنان۔ اگر کُنہٕ دوہہ
اَنہٕ ہَن تہٕ کینٛہہ بأژس اوس بأژھران۔ مأژِس ماجہ اوس شُرو وہہ بال باسان
تہٕ شُرِن آسہ مألی ماجہ دوہن اُپھَن کھران۔ اَکھ دوہہ ہا بنیو تِمَو اَوّن کتہ
تام أکٕ چھٹانگاہ۔ خاندار یِیلہٕ گرِ ووت تِمَو وُچھ کورِ سَتھ شونٛگِتھ تہٕ ووٗنُن
زنانہٕ وُلہِ ہتے اَوّنمے اَکٕ تولا۔ یِتھ رُلادتہٕ آبہٕ پادا۔ دِتس وُشتیر رژھا تہٕ
ژھنو چیتھ وُزِ کینس چھ کورِ شونٛگِتھ۔ تِمہ وُچھ دوہہ شونٛے بأژدانہٕ کُھٹس
منز سہ اَکٕ ٹوٗل کھینہٕ۔ دَپان ہُمو کورِ یو منز اَمس کانٛسہ کُٹ ہُشیار۔ تِمہ وزناوِ
باقی بیٛنہٕ تہٕ وژھ تِمہ تہٕ ووٚنی لوٗگ نہٕ مأژس ماجہ تِمَن ژھیپہ وُنش چھایہٕ
کینٛہہ۔ موٗل ماج چھ کران افسوس تِمہ کیازِ گیہٕ ہُشار۔

پگاہ چھُ خاندار بێیہ اپارِ یِہ پارِ گژھان خوراک ژھانڈنہِ ۔ شامَن

اۆن تمۆ مُہرِ سیرا ۔ تہٕ وۆنُن گرواجنہِ ۔ چھُنا صلاح یِمہ کورِ ژھنوکھ کُنہِ اکھ

جایہِ ترا اوِتھ ۔ اگر کُنہِ کینژھہ اَنان چھِ تِمتھ چھِ ہیوان تِمہ تہٕ شریک ۔ یِہنز یِہ

کتھ کتھ آسہ لوکٹ ہشو کوٗر بوزان ۔ صُبحس ییلہِ تِم سارِی وۄتھِ نیٖندرِ

مول وۄتھ تِمن کورِن ۔ ڈلو از گژھو جنگل ۔ تتہٕ وچھو میوٚ شیوٚ کُنہِ ۔ کورِ

تِمن سیتھ تہٕ گو جنگل ۔

ییلہِ تِمو اَکِس جنگلس واتی ۔ مالی دِتی تِمن کورِن کم تام جنگلی کُلکی

میوٚ پوٚنشہ اَنِتھ دۆپنکھ توٚہی کھیٚیو یِم تام یوٚتام بہٕ اور یور بێیہ کینژھہ اَنو

ژھانڈِتھ ۔ کورِن آس بوٚچھ بجارِن ۔ تِمو لج میوٚ کھیٚنس کُن تہٕ مول ژۆلکھ

تِمن تھے ترا اوِتھ ۔ شام تام چھِ پراران ۔ مول واتہٕ وِنی نتہٕ وِنی بێیہ میوٚ ہیتھ

نہٕ گیہ ہیٚرِن گژھنہِ ۔ ییلہِ نہٕ مول نوٚنے دراکھ ۔ تِمو ہیوٚت وۄدُن ۔ دیان

سوٚ لوکٹ ہش بینہِ آس تِمن منز سیٹھا کارِ ملیج ۔ تِمہ دوٚپکھ توٚہی کیاز چھو

وۄدان ۔ راتھ نیرن بہٕ واتناوو وِ بِنٛن گرٕ ۔ اَکِس کُلِس تل گُذرا وِکھ یِمتھ

تِمتھ راتھ ۔ صُبح ییلہِ پھوٚل کینژہ بینہِ تِمو باقی بینہِ سیتھ تہٕ چھِ پکان ۔

بُتھ آکھ بوڈ کوہ ۔ تتھ اور یور وچھان ژھانڈان ۔ لیکن اکھ وتھ تِمہ کو تہٕ

منزِ باگی ۔ تِمے سروٚنگِ منزی منزی پکان گیہ یوٚتام سوٚ پہتھ کُن ترا اوِتھ واتی

اَکِس وادی منز تیتِکُے نظارِ وُچھِتھ گیہ کورِ خوش ۔ تِمہ ژایہ اَکِس باغس

منز تتہٕ کھیکھ میوٚ گوٚتلی پاٹھی ۔ بوٚ چھ ڈاجکھ اُچھن آکھ زن گاش ۔ دیان

[illegible] اوس ۔ دیونی

اُس پۆنژ لاگِتھ یوان۔ ژھالہٕ پوٚنشہ ماران۔ اَسُنا ژراوان تہٕ پَتہٕ اُسکھ
کھیوان۔ یِیلہٕ تِمہ کورِ سَتھ وۄچھ باغس منٛز اَژان۔ پَتہٕ بلا اجازتھ میوٕ والان
تس کھوَت خشم۔ سعہ آیہ پوٚنژ لاگِتھ کرٕنہٕ تیلہٕ کرٛاے تیار۔ ووٚنُن ژراوِ ہے
کورِین تِتھی منٛز تہٕ کھیٚیہٕ ہکھ۔ رٛژ کورِین لالہٕ مالہ کرٕ نہٕ اَسناونہٕ۔ گِندناونہٕ۔ اَسہ
دِنیو کوریو وٚلوِی دانس نِش۔ میٚنے دی توچاے تیار کرٕتھ۔ تِمَن بیٚنین منٛز
یِیہٕ کیٛنژس ہیش اُس۔ تِمہٕ دوٚپُس پکھ ژٕ، دِپیوتھ گوڈٕ۔ پَتہٕ کرٕ و اُسی باقے
چیز پلنے تیار۔ دوٚپنس وٚلہٕ پکھ میٚنے پڑھے بیوتھ تھووٚمت۔ گٔیہ چوٚلس نِش
تتہٕ وُچھکھ بٔڈ بوٚڈُے چوٚلہٕ۔ تتھ بیٚچھ تیلہٕ کرٛایا تہٕ ھٹہٕ دِوان۔ یِہ کچھ ہیشہ
اِنسان کورِ دوٚپُس۔ یتھ منٛز کیاہ یہ نوٚوُے چیزاہ تیلس منٛز۔ دیوِن رٛژ وچھنہٕ
اَتھ منٛز۔ سعہ چھ تیلہٕ کرٛایہ منٛز کلہٕ نومرِتھ وٕچھان۔ انسان کورِ دیُت تس دَکہ
تس آو دَکہٕ سیٚتہ کلہٕ تیلہٕ کرٛایہ منٛز لاے نہٕ تہٕ چھہ چھوچھ رارٔے کران۔ ژوٚلُس
زوٗنہِ رٕتھ۔ کیٛنژس بیٚنہٕ رٛژ باقین بیٚنین وَنہٕ۔ کرٕم اکھ بلاے فنا۔ پَتہٕ چھم
رٕتِمہ باغس چکر کران۔ دوٗرِ اَکِس اندس کُنہ وُچھکھ رنگہٕ بنگلا۔ تِمہٕ سیتہٕ وٕے
بیٚنہٕ کھٔژ تتھ بیٚچھ۔ تتہٕ وٕچھکھ نٔوِی نٔوِی چیز۔ یِم نہٕ اَز تام تِمَو وُچھہ رٕمتی
اُسی۔ ٹکو دوہ ہا دوہ ہا تِتھی منٛز گذارنہٕ۔ زمانہٕ بدلیو۔ رتِمہ گٔیہ جوان۔ تِہُنٛد
حُسن وُچھِتھ اُسی وَتہٕ لُکھ دیوانہٕ گژھان۔ ذیان کیٛنژس بیٚنہٕ اُس تِمَو منٛز
زیادٕ خوبصورتھ۔ تتِکو بادشاہَن بوٗزیہ تسٕنٛدِ حُسنکی تاریف۔ تِمٔ سوٗز تس شیٚچھ
مینے سیتی کرٕ خاندر۔ تِمہ سوٗزُس جواب۔ بادشاہَس تہٕ اوس پوٚز۔ مگر میٚنے چھ بیٚنہٕ
شیٚنے بیٚنہٕ۔ گوڈٕ واکھ یہٕ رتِمہ نکھ اَدٕ گوٚہنٕہ یان۔ یہ بوٗزِتھ کرٕ بادشاہَن

شیٚرٕ وزیٖر آباد۔ تِمَن شیٚن بێنٕن کوٗرٕن شیٚن وزیٖرَن سیٚتھ تہٕ سۄ لُو کۍٚٹ نیٚن
پانس سیٚتھ۔ اِم چھ عاش کرٲن۔

ہُپارِ رکنہٕ گوٚ تھٕہنٛد مول ساروِے پھیران زِ کنہٕ بنہٕ نا رزقٕ رٕژھا
مگر کنہٕ کینہہ بنیوس نہٕ۔ اکہ دوہ ہیوٚ چھُ امہٕ جنگہٕ منٛزِ پکان۔ یہ وُچھنہٕ خاطر
زِ یمہٕ کورِ کتہٕ نٮ۪س چھُ موٗمُت۔ سارِیے جنگلس پھیرتھ وُچھن نہٕ کُنی ژھکتھ
ژھنتھ بیوٚٹھ اکس ناگس پیٹھ۔ رٕژھ کھٮ۪نٛڈِتھ آو اُمس بُرونٛہہ کُنہ اکھ بڈ
شخصا۔ ووٚن نٮ۪س۔ بہٕ چھُس ژٕ کیا بیٚنٕہ کرٲن۔ کورِ مٲلی ووٚنُس زِ بہٕ چھُس کورِ
ژھانٛڈان۔ مُبدٲن ووٚنُس۔ یمہٕ کتہٕ چھ۔ کورِ مٲلی ووٚنُس۔ تم گیہِ میٚیِ بیٚیتی غاب
مُبدٲن ووٚنُس۔ حیانہٕ بُتھ تَلہٕ چھُ میٚے نٮ۪نان زِ ژٕ چھُکھ اُپزٕ وٚنان۔ کورِ مٲلِس
گیہِ اسرِ یسرِ۔ دوٚپنَس مُبدِ بابہٕ بہٕ وَنے پوٚز۔ میٚے ژھنہٕ یمہٕ بتہٕ داد گر
گُڈِتھ۔ مُبدِ ووٚ تھَس۔ ژٕ چھُکھ بیقل۔ بیٚلہٕ انسان زِ وان چھُ۔ تِمَس پچھ
مٲلِک رزق تہٕ تمی وَقتہٕ یادِ کرٲن۔ کانٛہہ انسان چھُنہٕ کانٛسہٕ ہُنٛد کھیا دَن
وول۔ بَلکہ چھُ سارِنے انسانَن مٲلِک کھیاوان۔ کورِ مٲلی ووٚنُس پوٚز چھُ۔
یِنہٕ پیٚٹھ میٚہ یمہٕ گُڈٕ تھ ژھنہٕ۔ تِنہٕ پیٹھ چھُنہٕ میٚے پانس غم تہٕ رزق بنان۔
مُبدٲن ووٚنُس وٗلہٕ وُچھ تِمَن کِتھ پاٹھو چھُ مٲلِک شاہی کرناوان۔ دوٚپ نٮ۪س
کھٮ۪س میانِس کھورِس پیٹھ۔ یہ پیو اُکھتو شاہی محلس پیٹھ وارِلتھ۔ یِیتہٕ
اُمو سیٚتھ کینٛس کوٗرٕ اُس۔ آنگنس منٛز اُژِتھ ووٚن تِمہ خاندارو میٚے دِی توٚ
کینٛہہ۔ اُمو سیٚتھ کوٗرٕ (بادشاہ بایے) وٕژھ بوٚن اُمو سیٚتھ آواز بوٗزِتھ۔
سیٚتھ وولُن کیاہتام اُمس دِنہٕ خاطر۔ تِتھے یہ بوٚن واتِژ۔ اُمو وُچھ اَتہٕ

پہ پنُن مول۔ ہیُور کھاٲلِتھ کوٗرنَس سٔران۔ تہٕ لٲگ نَس شاہانہٕ پلَو۔ تہٕ بادشٲہس وۅنُن۔ مےٚ چھُہ مول آمُت۔ بادشاہ تہٕ آو۔ تٕمۍ کوٗر کورِ ماّلِس بڈٕ یزٕت۔ تہٕ دِوٗنس تہٕ اَتھ پنُن عیال تہٕ پوٗرۍ۔ کورِ مٲلۍ مون تہٕ۔ پَتہٕ رٕود یٕم یکہ وَٹہٕ تہٕ گُذٲرٕکھ زندگی شاہانہٕ طریقہ۔

●

راوی: عبدالرشید آدشاہ سرینگر

---

# کوشُر نثر

ترتیب

غلام نبی خیال

تہٕ

اوتار کرشن رہبر

صفحات ۵۱۱ ● معول ۲۰ ۱۱۰ روپیہ

# گرٕزامٕتُر

دِپان زِ پٔھتہ کالہِ اوس اَکھ بادشاہ۔ یُس زَن ووٚن بُڈیمُت اوس
اَمِس اوس گُنہٕ نیچوٗ۔ تہٕ یہِ اوسُس نہ مانان کُنہٕ نیتھر اکرُن۔ پادشاہَس اُس
ووٚن ہیکھتہ سوریمُت۔ ووٚنہ ہاکوٚ زِشہ ژاد محلہ خانہٕ تہٕ اَنہٕ اُرُن گرٕ وا جیٖنہٕ نادِ تہٕ
تہٕ لوٗگُس وَننہِ۔ بہٕ چھُس ووٚن بُڈیومُت۔ میٚہ چھےٚنہٕ زُوٗچ ہیکھتہ رُوزمُت۔ بادشاہ
کارخانہ پکناوُن کوٚ بوٚ نہٕ تہِل کَڈُن۔ گوٗبُر اوس مگر اَمِس چھےٚنہٕ میانہٕ گوہ نہٕ ہیوٚ کُنہٕ تہٕ
اَتھ وَتھ لگان۔ ووٚنی چھُ ووٚنہ کھوتہٕ ووٚنہ زیادے آہٕ دیر بُران۔ پوٗز بوزٕ تہٕ
ووٚنی چھےٚنہٕ فرصتھے اَمِس نیتھرس پَرارُنچ۔ اَمہِ پَزٕ کُنہٕ کینہٕ اَمِس نیتھرٕچ فِکر
کاسنہٕ۔ یہِ وُچھ سفید موہر ہٹیلہِ چھ اَمی نیتہ میٚے ٹھاوِمُت۔ ژہٕ تہٕ سوچ بہٕ کیاہ
چھُس وَنان۔ بادشاہ بایے وُژھُس زِ بہٕ کوہ سہٕ چھُس۔ میانی اُچھ چھےٚ لَن تہٕ
نَوَن۔ یُوٚدوَے بادشاہ صاب کرِ شہزادہٕ سُندِ نیتھرُک تلاش شہزادہٕ اوس
یہٕ سارِے کَتھہ باتھ پننیو کنوٚ بوزان۔ اَمہِ زون زِ بادشاہ صابُن چھُ اَز میانہٕ
نیتھرُک چار آمُت۔ اگر بہٕ بیٚیتہٕ بیوٚ ہٹھُس بادشاہ کرِ ضنوٗرُ رٕ میٚے نیتھر کرنہٕ

خاطرٕ مجبوٗر۔ میانٛ ذاے موہ پٮ۪۔ ووٚن چھُنہٕ مےٚ لازم یٮ۪نہٕ بٔہن۔ مےٚ پزِ پانس
پانَے نیتھر اژھانٛدٕن۔ وٕتہٕ خرچس لاگون ییٚہے سفید موہر ٹھیلہٕ۔ یہ سوٗچتھ
ڈراو شہزادہٕ پانس۔ سفید موہرٕ ٹھیلہِ تیٚجن ہٮ۪تھ رٕنہ۔ چھُہ پکان۔ پکان پکان
ووت یہ دوٚبی یارٕبلس پیٚٹھ۔ اَتہٕ اُسی دوٚبی ہٕنٛدی زٕ بانٛژہ پلو چھلان۔ دوٚبی کٔرنس
کرٛنکھ۔ ہیو جوانا۔ کتیو آکھ کوٚت گژھکھ۔ کیا سٲ چھےٚ ناوٚ؟ یہ کیاہ چھےٚ ہٮ۪تھ رٕنہ
بستاہ ہشہ۔" جوان دوٚپھُک۔ "بہٕ آس بادشاہ سٕنٛدِ دربارٕ پیٚٹھ۔ اَز چھُہ بادشاہ
صابس گوٗہر گاشیج خوٗشی اوٚرنہ چھُہ بادشاہ اَزسیٚنہٕ مُرژراوتھ موہرٕ تہٕ دیارٕ
بٲگران۔ یُس اوٚت گژھان چھُہ سُہ چھُہ موہرٕ تہٕ دیارٕ ژٕٹتھ انان۔ میٚہ تہِ لج کھُو
ناذٕ یہ موہرٕ ٹھیلہِ اَتھس منٛز۔ اَما پوٚز بہٕ اوٚسُس گُنٕہ تہٕ اَکے ٹھیلہ آیم چھُس
یم کتھ بوٗزتھ دوٚبی سٕنٛد پو دوہ شُرے بانٛژو بوزِنہمٕ تہٕ گو ٹھیلہِ رٹنک سٮ۪ٹھاہ شوق۔
تِمو کوٚر دوہ شُرے بانٛژو شہزادس سوال۔ زِ ژیٚ یہ کیا حصہ پٔچھےٚ ناوٚ۔ کرونا مہربٲنی ہمش
زِ بہو تتھ دوٚبی داتھرس زٕنہ کھنٛڈ کرو ٲچھ راوٕچھ۔ یوٚتامت اُسی یمو بادشاہ
دربارٕ پیٚٹھ واپس۔ بادشاہ وو دوٚپھُک تو ہیہ دوہ شُرے بانٛژ ہیٚکو گژھت تہٕ بہٕ بہمہ
یٮ۪تہٕ بتھ نہندِ ہِن پلوٚن راچھو راوٕچھ کرنہ۔ میون ناوٚ چھُہ "پوٚہ روومنٛدِ نین" یہ
بوزنی ہیٚچھے گے دوٚبی ہٕنٛدی دوہ شُرے بادشاہ دربار ٹھیلہِ رٹنہٕ خاطرٕ۔ شہزادن یتھے
یم وُچھ دوٚران تہٕ تِمو کرٕ پلوٚن یکہٕ ژٕ گھٹھٕرٕتہٕ تُلن نکھس پیٚٹھ تہٕ ژٕوٚل ڈراو
پانس۔ بیاری یتھے دوٚبی سٕنٛدی زٕ بانٛژ بادشاہ دربار نکھہ پہن واتی۔ تِمو بوزٕ زِ
بادشاہس چھُہ بیچو تہٕ موہر راوٕنک ماتم۔ سُہ چھُہ یمو فکرٕ و گوملت۔ سُہ چھُنہٕ کانٛہہ
سمکھان۔ دوٚبی یٮ۪لہ یہ خبر بوز۔ تِمو پھیرٕ دوہ شُرے بانٛژو واپس ہٕنٛس دوٚبی

داتھرس کُن۔ ییلہِ تِیم اوٚتَت واتی۔ تِمَن چھُنہٕ لَبنَے یوان زِ اُسہِ کوٚت واتی تِکیاز
اَتہِ نہٕ آس بلوٚتہٕ نہ اوس راچھ وول۔ کُنےٚ۔ اُچھَن لِچکہ زوٚن ہِش۔ یَتہ رِچھ
بروٚنٹھ کَران بروٚنٹھ چھ پَتھ کران۔ کُنہِ کینٛہہ لبکھنہ۔ تہٕ ڈرامے وایِس بادشاہَس
فریاد کرنہِ۔ کُنہِ مُتہِ پائٹھ ژاے اَمہِ وِزِ بادشاہَس نِش۔ بادشاہ صابن پرٛژھُک
سورُے قِصہٕ۔ تہٕ دوٚپُنَس پادشاہہم۔ اَسہِ حَض نیوٚ سورُے پہ شاکھا اَکی ژوٚرَن
یِمِس ناو چھُ "یوٚ رِوو مَنْدہِین "بادشاہ صابَن کوٚر یہ بوٚزِتھ اَسناہ تہٕ فِکراہ
کرِتھ دوٚپ نکھہ زیوٚ اگر روو ، ازکتہِ ژھانڈُن بہٕ۔ نیرِوِ اَتھ ہیٚکوٚ نہ کینٛہ
کرِتھ۔

ہُمپارِس یوٚک شہزادِ بروٚنٹھہ کُن تہٕ واتان واتان ووت اَکِس کھُلہٕ
مادانَس منٛز۔ اَتہِ اوس گُلین ہُند گنٛز۔ تہٕ گُتُل شِہجاراتہِ۔ اُتی اوس اَکھ
پیپرا لِہ ترائووِتھ تہٕ گرٛہن اَسِس لوٚب کُن تھاوِ مُرشِگنڈِتھ۔ شہزادس کُن دوٚپُتھ
پیر صاٗب۔ مےٚ چھُ باسان ژٕ تہٕ چھکھ تھوٚکمُت۔ وُلو کرِو آرام کرٛا تہٕ اَدٕ نیرِ پنُنہ
کامہِ۔ ہہ کیا چھ میائی گرٛہن گنڈِت۔ اُتی تھےٚ تھاوِ مےٚ یہ گھٹرٕ۔ جوان ووٚتھُس
وَلہِ حض بہٕ تہٕ چھُس چانہِ کُنہ۔ بہ کھچہ تھاوِن پیرِسندِس گوٚ رِہن نکھہ تَل۔ پانہٕ آو
تہٕ بیوٚٹھ پیرس نِشہِ۔ پیر صابن ہیُش پرٛژھ گاٚے کرِنی جوانَس۔ وَنو ناو کیاہ چھےٚ
کوٚت نانی چھُ گرٛژھن۔ بہٕ ہو نامےٚ نِش منٛٹ کینٛہہ۔ بیٚیہِ کرِیو توٚ بیاکھ مہربانی۔ مےٚ
چھ گرٛہ سوارٕ کرِنہٕ سِیتہ یِیم رانٛہٕ تکرے مژ۔ یِمو زَن چھُ وَر کھیوٚمُت۔ وارٕ وارٕ
دِی توٚ مےٚ موٚٹھ ہَنا۔ دیوٚ یِمہ رانٛہٕ کُمَلَن۔ گرٛ تہٕ کرِتانی تھرٛ گنا وارٕ پانٛٹھو۔
اَدٕ یچھوٚ یکہ وَٹہٕ بروٚنٹھہ کُن۔ جوان شہزادٕ لوٚگ پیر صابَس موٚٹھ پھشادنہٕ۔

نہٕ چھُس وَنان پیٖر صاب۔ میٲنۍ حَض چھُ گرٛٲھن اپار یپور۔ میٲنۍ حَض چھُ ناو
قرضدار"۔ پیٖر صابَس گیہ موہ ٹھیٚنڈُے تہٕ اُمِس پیٚیہ مُژ نیٚندرٕ تہٕ کھوٚتُس
کھرہ کھ۔ جوانَن یٚیلہِ پیٖر صابَس وُچھ مُژ نیٚندرٕ پیوان۔ تِمو وٕنۍتھ لوٚٹ پاٹھۍ
تہٕ مژراوِن گرٛہ ہَن۔ نہٕ کھولُن اُمِس بیٚہِتھ یہٕ پٕلو بوہ کھچہ تہٕ تہٕ کھوٚتُس پانہٕ سوار
تہٕ دٔراو پانَس برٛونٛہہ کُن۔

پیٖر صابَس آو بوٚنہ شہجارٕ سیٚتھو وارٕ پاٹھۍ آرام۔ پوٗرٕ پاٹھۍ یٚیلہِ
تِمِس نیٚندرٕ پھٕٹ آیہِ۔ تِمۍ کوٚڈ زیوٹھ کاڑاہ تہٕ وہرادِن اُچھ تہٕ ژراوِن پتھ برونٛہہ
نظراہ۔ وارٕ پاٹھۍ اُچھ وُہرِتھ یٚیلہِ پیٖر صاب سنیود۔ نہ چھُ وُچھان کُہ تہٕ نہٕ
چھُ وُچھان راہچِھ دَر۔ نہٕ چھُ وُچھان اَندۍ پکھو کانٛہہ انساناہ۔ پیٖر صاب
بامبریوو۔ تھوٚد گو وُتھِتھ۔ وُچھنَس کھوورۍ دچھنۍ وارٕ پاٹھۍ وَنۍ۔ کُنہِ کیٚنٛہہ اَسنہٕ
لَبنہٕ۔ بٔکھرٕ لوٚگ تِچھنہٕ۔ وُچھِہ وُچھ لوٚگ دِنہٕ۔ تھٕدِ ژھیٚٹن باکھ۔ وَتہٕ پکوِنِن
گیہ اسرہٕ وٕیسر تہٕ پرٛژھک پیٖر صابَس۔ زٕ کیاہ ماملہ چھُ۔ پیٖرَن وٚن تِنھ
میٲنۍ ہسا نیچھ گرٛہ ہَن۔ کمۍ نیچی۔ کُس اوسُے یتیٚت۔ پرٛژھس اَندۍ اَندۍ
سمیمتیو لوٗکو۔

پیٖر صاب ووٚتھک۔ یتھ پاٹھۍ چھُمنہٕ وارٕ ویٚود۔ مگر ناو چھُس
قرض دار۔ بیٚنۍ ہسا اوسُم دانیچہ ڈٕکھ۔ وونۍ کیتھ پاٹھۍ گژھ مُریدَن۔ بوزن
والیو کوٗرٕہس بوزناہ۔ دوٚپہَس۔ اَہَن حَض یٚیلہِ قرض دار اوسنہٕ تیٚلہِ نیوٚن
جان کوٚرُن۔ وونۍ کیاہ بنی۔ کرٕ ژھعہ تہٕ۔ پیٖر صابَن ہور وارٕ دِل۔ نہٕ دٔراو
واپس پتٔن گرٕ کُن۔

ییپاڑ سہ دزاو شہزادِ ، تہٕ پکان پکان ووت یہٕ اَکِس وٕ ہیتھ بُتھس پیٹھ .
وٕ ہیتھ اُس بڑِ زورٕ سان پکان ـ تار دیُتُن اوس بڑٕ مُشکل باسان ـ شہزادَن تراو
نظراہ بُتھس کُن ـ اَتہٕ وُچھن بڑ زنانا اَکھ تہٕ بٮ۪ٹھِتھ اَکھ اَنہرِ ش کوٚراہ ہیتھ ـ بڈ
وُزِھ شہزادس ـ ہے دِکھنا اَسہ نہٕ تار ـ ژٕ تے چھے گرٕ ہُن ـ شہزادَن وونُس
میٚتے ہہ دِسی چھُ گرٕ تھوٚ نمُت ـ پیٹھ چھس وارِیاہ پلو تہٕ بٲرس ـ یکوٚ بٕ توہے دوشو
ھاچہ کورِ تُلمُن گزِھ گرٕ س گوٚب ـ ووٚن تُلووٕ اوٚک اوٚک وارِ ـ گوڈٕ نیمون یہٕ کورِ تُن
پَتہٕ نموٚ تھ ژٕ اَپور تارِتھ ـ بٮ۪یہ دوٚ پُس زبرٕ گوٚ ـ شہزادَن تہٕ یہٕ کوٚر گرٕ س پیٹھ
تہٕ لوٚگ ترنہٕ اَپور ـ بٮ۪یہ پرٕ ژھس کُژھ دِتھ ـ بَبا ناو کیاہ سا چھے ؟

جوان ووٚتھس وٕ ہیتھ اَپور ترٲن ترٲن ـ زٕ میٚتے چھُ ناو گرٕ زامتُر ـ تہٕ
دزاو پانس ـ جوان ووت وومیٚ وٕ ہیتھ اَپور وارِ پٲٹھو تہٕ پوٚک بروٚنہہ کُن
بڈ بٮ۪ٹھِیہ اَتی تِھے ـ یمِیٚلہ بٮ۪یہ گنے وُچھ جوان واپس پھیران ـ تمہ تُل چکہ ناد
دارِیاہ لوٚکھ آسے تہٕ پرٕ ژھ گاٹہ کرٕ ہس ـ بٮ۪یہ دوٚ پیکھ ـ میٚتے ہیچھ نیکھ اَنہرِش
کورٕ ہن وٕ چھ تُل کدٕ تھ ـ یمیٚلہ پرٕ ژھہس ـ کمہٕ رنیی ـ دوٚ پیکھ ـ یہ تہ اوس
گرِ پیٹھکُ زامتُر تہٕ تمی ہسا رنیہ ـ لوٚ کوٚ دوٚ پہس ـ تیٚلہ گوٚ یہٕ کینہہ گوہ ناہ
یوٚدوَے پینہ خاوندن نیہ تیٚلہ کُس غمے چھُ ـ یہ بوٚزِتھ گیہ بڈ بٮ۪یے شوٚزدہ
تہٕ کرن ژھہ پہٕ ـ شہزادَن وُچھ یہٕ کوٚر جان پٲٹھو تہٕ دوٚ پن بس اگر چھتہ یہے
کوٚر چھ بادشہہ کرٕ س لایق ـ یمس عقل تہٕ چھہ نہٕ شکل تہٕ ـ تُجن تہٕ ژٕ نَن بادشاہ محل یٮ۪نہ
دُھم دامیہ سان شادیانہٕ آو کرٕ نہٕ ـ تہٕ لوٚگ پادشاہ جان پٲٹھو بستی کرٕ نہٕ تہٕ
[illegible]



راوی: سید غلام احمد شاہ زینہ گیر

# "آن مأنی"

أکِس شہرس منٛز اٲس ژور بأے بارٕنی روزان۔ ژوٗنہٕ وَے اٲسہِ
نیتھر وٲلۍ۔ اَہنٛدۍ زِٹھو بأے کوٗر فاصلہٕ زِ سارٕوے کھوہٕ تہٕ کیٚنٛشس ہٕش
بأے کاکِنۍ تھاوون گرٕس کھاندار۔ شامَن بیٚلہٕ سارۍ سٕمبھتھ اٲسہِ تہٕ وٕنیکھ
اُمِس زِ تہٕ رَتھ کُنٛز قُلُف أزی کہٕ بیٚٹھٕ تیمۍ دوٚپ نکھہ بہٕ رَٹہٕ مگر اَکِس شرطس
پیٹھ یِہ بہٕ دِنوٕ کرٕن نہٕ چھوٕ کرٕن۔ سارٕوے کوٗر آنکار تہٕ کوٗرہَس کُنٛز
قُلُف حوالہٕ۔ راتھ تیچ راتھ ڈرایہ نہٕ صُبحَن بیٚلہٕ گاشہ پھوٚل۔ اَمہٕ أنی سارٕی
گرٕ بأژ ناد دِتھ۔ دوٚپ نکھ تہٕ نیرِو سارۍ کامہِ کارِس۔ یُس چیٚز ابُتھ
آسہِ پیوان سُہ أزیو گرٕ اَنان۔ شامَن گژھ نہٕ کانٛہہ تہٕ گرٕ ژھریو اَتھو
اُژُن۔ اَمہ دوہہ ہیٚ پیٹھٕ روٗدۍ ہیم یِی کران۔ یُس یہٕ دوہہ ہَس بنان اوس
سُہ اوس تہٕ گرٕ اَنان۔ سیٚٹھا کال روٗدۍ ہیم یِی کران۔ یوٗت تام ییم جان
گذارٕ وٲلی بنیہ یہٕ۔ بیٚلہٕ گذارٕ ہَنا تہٕ بنے یکھ۔ ہیمَن گو آرُژھ تہٕ بأدٕ کیٚنٛشھا
آے تنگ تہٕ۔ ہیموٚ کوٗر پانہٕ وٲنی مشورٕ تہٕ گے أکِس جنٛگلس منٛز تہٕ اوٚنیکھ

زِندٕ سٕر پِچھ رٔٹِتھ ژھیلس منٛز بنٛد کٔرِتھ۔ شامَن کوٚر گھ خاندار نِہ حوالہٕ۔ پٕ اُمِس سیٹھا چالاکھ۔ اُمی موٚژ روو وارٕ دارٕ ژھیلس گنٛڈ۔ اُمِس توٚر فِکرِ زِ یِتھ منٛز چھُ سٕر پِچھ۔ اُمی وُٹھ سرفس گرٛدَن تہٕ دِتُن جایہ ہِنٛدِس پٔشس پیٹھ دأرِتھ یہ سوٚنچِتھ زِ گوٚنہہ گوٚ تہٕ کینٛہہ یِتہٕ اِیہ گٕنہ نتہٕ گٕنہ دوہ بکار۔

اَکھ دوہ ہا بنیوو اَمہ شہرُک پادشاہ سِنٛز کوٗر اُمِس موخٕتہ مال اَتھس منٛز ہیتھ دریچس پیٹھ بہتھ اُمِس پِیہ موخٕتہ مال اَتھہ منٛز وسِتھ گانٛٹھ آیہ تہٕ نیوٗن جوٗنٹھ دِتھ۔

گانٛٹھ وأرٕ وُڈاں وُڈاں پیمَن ژون بارِنِن ہِنٛدِس پٔشس پیٹھ موخٕتہ مال پِیہ اُتی تہٕ اَمہ بدلہٕ نیوٗن سٕر پِچھ ژونٛٹ منٛز تہٕ ژٔج پننِس اُلِس کُن۔ اَمہ گرٕ چھِ خاندارنیٚ اُمِس یہ سورُے وُچھان۔ سہ کھوٚژ لوہ تہٕ پأٹھ پٔشس پیٹھ تہٕ وأجن موخٕتہ مال تہٕ تھاوِن رٔژھرأوِتھ۔

پادشاہ سِنٛز کوٗرِ اُمِس یہ موخٕتہ مال سیٹھا ٹاٹھ۔ تمہ لوگ گأمِس ڈنٛگلہٕ زِ مِتہ راوُ موخٕتہ مال مِیٚ گرِتھ سِے واپس واتِنا۔ ٹالی کریوٗنس سیٹھاہ بدل بٔنہ ناگہ کوٗر موہ نٕس کینٛہہ۔

پادشاہَن دأو سأرِی ہے شہرس پارٕے زِ یُس مِیانہ شہزادِ ہِنٛز موخٕتہ مال واپس دِیہ اَنِتھ تمِس دِمہ بہٕ نِصف پادشاہی۔

موخٕتہ مال لبَن واجنہٕ سوٗز پادشاہَس پأغام زِ موخٕتہ مال دِمہ بہٕ لٔبِتھ مگر میون اَکھ شرط چھُ پوٗرٕ کرُن۔ شرط چھُ یہ زِ شامَن گرِتھ تمام اَنِتھ شہرس اَنہ گوٗٹ آسُن بیٚمہ گرژھن پیٚتھ گٕنہ گرِس دارٕ درواز دوہ لوسہ

پیٹھے بند آسنہٕ. صِرف گرٛزھ میانہٕ گرِ گاش دزٕنہٕ وُن آسُن بیٚیہِ دارِ دروازٕ یلہٕ آسنہٕ۔ پادشاہن دوٚپ یہ کوسہٕ کیٛتھے چھُہ۔ یہ گو موموٗلی شرط۔ سارٕی ہے شہرس آیہ یارٕے پھیرناوٕنہٕ زٕ کُنہِ گرِس گرٛزھ نہٕ اَز راتلِہ گاش دزان آسُن۔ بیٚیہِ گرٛاکھن دارِ دروازٕ بند آسنہٕ۔ حکیم حاکم مرگِ مفاجاتھ۔ شامن اوس شہرس سارٕی ہے اَنہٕ گوٚٹ۔

بختہٕ موج اُس سارٕی ہے شہرس پھیران۔ بیٚیلہِ نہٕ تمہِ کُنہِ گرِس دروازٕ یلہٕ وُچھ۔ سہ ژایہ اوٚہنہ ٹرے گیہ۔ اُمہ گرِ چھ کھانداریٚہ کوٗر اُمس سیٛٹھا لولسان استقبال تہٕ پانہٕ ڈرایہ دارِ دروازٕ بند کرِتھ موختہٕ مال۔ ہیٚتھ پادشاہس شند گیہ۔ پادشاہ پنٕدیس محلہ خانس وأژ تہٕ کرٕن موختہٕ مال پیش۔ پادشاہ گو سیٛٹھا خوش تہٕ اُمِس بخشن نصف پادشاہی۔

●

راوی: غلام محمد غمگین

# باے کتھ

---

اَکِس بادشاہَس اُسۍ نہٕ نیچو۔ اُمِس اُس گوڈنیُک زنانہٕ موٗمُت۔ دوٚیم
زنانہٕ اُسُس، یہِ اُس یمَن دۄن شُرِین سٟتۍ ظُلم کران۔ تنگ یِتھ کوٚر یمو دۄن
شہزادو گرٕ ژلنُک فیصلہٕ۔ تہٕ اَکہ دۄہہ راتھ کیٚنِس ژٲلۍ یِم یِنہٕ گرٕ نیرِتھ۔ ژٕرِین
دۄہن تہٕ ژٕرِین راژن فاقہٕ چھکرٕ پکان واتۍ یِم اَکِس جنگلس منٛز۔ ترِیش
تہٕ اُسکھ رٕژ ہیٚرتہٕ بوچھ تہٕ۔ تھکۍ تہٕ اُسۍ اَتہٕ وۄچھ یِمو اَکھ ناگہٕ یناۓتہٕ وۄتھ
ترٛیش چیٚینہٕ۔ آرامہٕ تہٕ آکھ۔ دۄہ لوٚس تہٕ راتس رُوِد یِم اَتھی ناگس پیٚٹھ
کیٚنسہٕ ہوۍ باے دوٚپ بڑس باۓس زٕ گوڈٕ شوٚنگ ژٕ تہٕ بہٕ روزٕ ژٕ گگ
رٲچھ۔ پتہٕ شونگہ بہٕ تہٕ ژٕ روزکھ پہرٕ دِوان۔ مۄختصر زِ بوٚڈ بایہ یوے شوٚنگ
تہٕ، کینٛسہ کوٚٹ رُود ہُشیار۔ اَتی وۄتھ اوس اَکھ کُلا یتھ تل یِم شوٚنگِتھ اُس
یِیلہٕ نصیف راتھ واتہٕ ہار تہٕ طوطہٕ آے۔ تِم تہٕ بیٚہِتھ اَتھی کُلس پیٚٹھ۔ ماد
وۄژھ طوطس تلادٕ لیلادنہٕ وۄچھ اُسۍ تہٕ چھ اَز بہہ وِہرٕ سمکھو ہتۍ۔
طوطہٕ دوٚپھس۔ بوزٕ بہٕ وَنےٚ ژٕ ئیٚس دلیل یِہ یِنہٕ ژٕ ئیٚس زانِتھ تہٕ

بوزِہ آسی۔ "تلاونتہٕ "ہأر وُژِھس طوطَن دوٚپُس۔" اگر مێنہٕ کاشہہ کھیہٕ شہ
بنہِ پادشاہ اگر ژٕ تہٕ کھییٚن کاشہہ شہ بنہِ وزیر"

شہزادٕ اوس ہارِ تہٕ طوطہٕ سٕتۍ دلیل بوزان تہٕ چلاو دیونہٕ
تہٕ مارن دمہ شۆوے۔ نارٕ الاو زولُن تہٕ تِمن ہأر کھیٚن پانس تہٕ بوے کوٚرُن
ہُشار تہٕ طوط دِتُن تِمس کھیوٚن۔ بیٚیہ وُنُس ہارِ تہٕ طوطہٕ سٕنٛز دلیل۔
ہمُن اُسی بوچھ ہتھ۔ ہمن چھیوٚر یہ ماز نمن نمَن تہٕ دمہ شوٚنی پیٚیکہ دس زنٛدٕ۔
اکھ شہہار اوس اَکھ ناگس ترێش چینہٕ وسان۔ شہ دوٚلتھ ترێش
چینہٕ۔ ییٚلہِ شہ ترێشا چیتھ کھوٚت تِمہٕ دِژ لہ کُٹس ہوس بأیس لٹہ چھ تہٕ
پانہٕ دژاو۔ کاش پھوٚل تہٕ بوٚڈ ہیوٚ شہزادٕ، گوٚ ہُشار تہٕ ہیوٚتُن ہتن لہ کُٹہ
ہیوٚ بوے ہُشار کرُن۔ مگر شہ اوس زہر کہ اَثر سیٹھے بےخود۔ دَدٕ ناکرِ تھ دژاو
شہ پانس۔ واتان وات شہرس منٛز۔ اَتھ شہرس اوس پادشاہ موٚمت تہٕ
اَمہ شہرک ساری لوکھ اُسی نیبر اَکس بَدِس ماَدانس منٛز یتُن نوٚو پادشاہ
بناونہٕ خأطرٕ جمع سپدی مٕتۍ۔ یہ شہزادٕ تہٕ وات اوٚت نَس تہٕ ہوٚس آو تہٕ سارو
منٛز کوٚرُن اَمی سے سجدٕ۔ تہٕ یہ بنیوو اَتھ شہرس پادشاہ۔ اُمس گو بوے
ہُشی سے تھے یہ روٚد پنٕنہٕ پادشأہی کران۔

یتہ جنگلس منٛز لہ کُٹ ہیوٚ شہزادٕ شہہارٕ سٕنٛز لٹہ یہ پتہٕ ناگس
پیٹھ بےخود اوس۔ اَکھ جوٚگیاہ وات اَتھ ناگس پیٹھ۔ اُمی ییٚلہِ اَکھ خوش
شکل جوانا وُچھ۔ تِمہٕ زون زِ یمس چھ سَرفن لٹہ چھ دِژمٕژ۔ جوٚگیس آو تِمہ
سٕنٛز جوانی پیٹھ عار تہٕ اُمی ہیٚژ ہین واپنہٕ۔ اَمہ جنگلکی تمام سَر پھ گنٛنہٕ تہٕ

شُہمار سگے جمع۔ مگر کانہہ تہٕ چھیٚنہٕ شہزادس نکھہٕ گژھت زہر واپس
کڈان۔ مگر جوٗگی رودٕ ہیٚن وایان تہٕ آخر ووت سُہ شُہمار تتھ ییٚمہِ شہزادس ڈٔلتھ
دِژمٕژ آس۔ شُہمارہ گو شہزادس نکھہٕ اندۍ اندۍ اکھہ ژٕ چکر دِتھ۔ لوگ تَس
تنھہ حبابہٕ آسو ییتھہ جایہٕ ڈٔلتھ آس تَس دِژمٕژ تہٕ کوٚڈنس زہر واپس۔
جوٗگی کرٕ ہیٚن بند تہٕ آو شہزادس نکھہٕ۔ یمِس وارٕ وارٕ ییہٕ ہوش ییٚنہٕ اوس
لٔگمُت۔ یُتھے شہزادس ہوش تَس آو۔ تمۍ وُچھ پننُن پان جوٗگِس کھوٚنہٕ مُنزٕ۔
جوٗگی کوٚر شہزادس دِلاسہٕ تہٕ دوٗپ نَس ژٕ کیتہٕ آکھہ تہٕ کوٚت گژھکھہ۔ شہزادن
وُنی تَس سارۍ دٔلیل تہٕ ہیوٚتُن جوٗگِس رخصت تہٕ دراو پننِس بوے ژھانڈنہٕ
داتان واتان ووت اُتھی شہرس ییتہٕ اُمی شُند بوے پادشاہی کران اوس۔ خودایہٕ
شُند کوٚرُن اَتھ شہرس اوس سُہ بڑا دیا مُت۔ پادشاہن اوس ایلان کوٚرمُت
یُس اُمِس سہہ مارِ سُہ بناوُن پننُن وزیر۔

یہ ووت ژہر اَتھ شہرس تہٕ غار نزدیٖک آسنہٕ کنو بنیہ یہٕ اُمِس راتس
روز تَس تَتہٕ گژھنہٕ جایہ۔ یہ رود راتی راتس ہُشار، نصیف راتھ ہش آس تہٕ اُمی
بوٗز سہہ شُند گگرزُن۔ سہہ اوس اُمِس نزدیک ووت مُت۔ ییٚلہ اُمِس باسیوٗ
زِ سہہ کھیٚیہ اُمِس تہٕ اُمی کوٚر پان بچاونہٕ معہ کہ سہس پیٹھ حملہ۔ سیٹھا حملہٕ دِمل
کٔرتھ موٚرُن سہہ تہٕ پانہٕ ترووُن ڈاپھ۔ اَمہ شہرک اکھہ گنڈا اکھہ تہٕ اوس
وزیر بنُن زنیہ لالچہِ موٗجب اُتھی راتس شرس سیتی مقابلہ کرنہٕ خاطر
دراُمت۔ سُہ ییٚلہ اوٚت تَس ووت تمۍ وُچھ اکھ جوانا بُلنہٕ خوٗد شعہ نگیتھ
تہٕ سُہ شانٛد دِتھ۔ اُمہِ کرٕ کام اُمی اُنی نزد تہٕ شہزادس کوٚرُن نزیٖن زنگن

گنٛڈٕ تہٕ ژرُوُن وٕدٕر اُکس ہیٚرِ کھانہٕ منٛز۔

صُبحَن کوٗرُن مولٕوٕتٕ سیٚہہ پادشہہ سیٚندِس دربارَس منٛز پیش تہٕ

بٔنیوو وزیٖر۔

گاش پھولنس سیٚتی سیٚتی دراے تٔمۍ کٲم کارَس۔ اکھ کرال یُس
اُتھی شہرس منٛز روزان اوس گو بانہٕ بناونہٕ خاطرٕ ہیٚرِ کھنٕنہٕ کھانہ پیٚٹھ۔ یہ اوس
بے اولاد یُتھُے یہ ہیٚرِ کھنٕنہٕ ووٚتھ۔ اُمۍ وُچھ اَتہٕ تٔر زنٛگہٕ گنٛڈِتھ انسانا۔ یہ
ژوٚل پوٚت کھورے واپس مگر اُمۍ دِتُس سوال زِ ہے تِمہٕ مُشند چھُے سوال یُمۍ تہٕ
تہٕ پادٕ، کوٗر نکھ تہٕ بہٕ تہٕ میٚے مُژراو تہٕ گنٛڈِ۔ کرال گو واپس تہٕ کھوٗژی کھوٗژی مُژراوون
گنٛڈٕ تہٕ اوٚنُن پننِ گرٕ تہٕ شہزادٕ چھُ ووٚنی کرالہٕ گرس منٛز دوہا دوہا کڈان
مگر پننُن راز چھُنہٕ کٲنٛسہ تہٕ وَنان۔ اکہ دوہہ پیوٚ پادشاہس یاد زِ تِمِس اوس
اکھ بوے بیٚیہِ پیٚیِس سارِے دٔلیل یاد زِ تِمۍ دیوِ یُس طوطہ مُشندماز کھیٚیہ
تہٕ بنہٕ پادشاہ تہٕ ہارٕ مُشندماز کھیٚنہٕ دول بنہٕ وزیر۔ اُمۍ کوٗر حُکم زِ یُس میٚتہٕ بٲے
کتھ وَنہٕ تَس دِمہٕ بہٕ سیٚٹھا اِنعام۔ ساری دٔلیلہ گرٕی چھِ گرٕتھان تہٕ پادشاہس
بُہنٛز دلیلا بوزٕ ناداں۔ اکھ دوہ بٔنیوو وٚنیچھو دوٚپ کرالس چھُنا صلاح زِ بہٕ تہٕ گرٕتھہٕ
پادشاہ سیٚندِس دربارس منٛز مےٚ چھِ اکھ دٔلیلا یاد بہٕ تہٕ وَنہٕ دیوٕ پادشاہس
گرٕتھ تہٕ اِنامہٕ دِیہ تہٕ اَسہِ تہٕ کرو پننِ کینٛہہ۔ کرالن دوٚپ نش ادٕ کیا۔ مُختصر
ووت پادشاہ سیٚندِس دربارس منٛز پادشاہ اوس ستَن پردن ژھاپہٕ، دٔلیلہ گرٕ
کرٕ بُہنٛز دٔلیل شوٗرُو کٕر۔ سوٗ دلیل یوسہٕ اُمِس بنےٚ مُژ اُس یہ گوٚ اکھ اکھ کتھ
وَنان تہٕ پادشاہ تہٕ گوٚ اکھ اکھ پردٕ تُلان تہٕ ووت اُمِس نش روٗٹُن نالہٕ مَتہٕ پننِ

پرُون وزیر کرٕ نوٗن بشد تہٕ بوے بنوٗن وزیر۔ کڑال تہٕ اکہٕ نوٗن، تَس تہٕ دِتُن سیٹھا ینام۔ تِمو پیٹھ کیٛنژھا کوٚرمُت اوس تِتھ پیٹھ آو تِمس شابُش دِژ۔ تہٕ یِہے گیہٕ بأے کتھ۔ تِم گےٚ تور کنُ اُسہ آے یور کنُ۔

●

رٲوی، غلام محمد غمگین

---

# اردو کشمیری ڈکشنری

## حصہ اوّل

صفحات

۴۲۹

مول

۱۰ روپیہ

# گُل ہَرن

ؤپان پَتھہ کالہِ اوس اَکِس شہرس منز اکھ بڈٕ گاٹل اِنسان روزان
یُمِس ناو اوس گُل ہَرن۔ ؤپان اَمِس اوس پرٕ ہتہ کانٛہہ دعوتس پیٹھ نوان تکیازِ
اَمِس اوس اَسنہٕ سیٹھاہ پوش ہران۔ یہ اوس سیٹھا مشہور گومُت۔ اکہ دوہ ہَیہ
بنے یہ دلیل گُل ہَرنٕنہِ خاندارینز وُشہ گُل ہَرنس کُن ژٕ اَمے چھک دوٗر کنہٕ جاے
دورس گژھان میٚے چھُ نہٕ اکھ ژیوٗہ تہٕ ژٕنہٕ اوس نیران۔ میٚے چھ واُرلیخ رٕتھہ
گژھان۔ لہٰذا ہیٚے میانہِ خاطرٕ پنُن فوٹو ییٚتہ بھاؤ ہکھ۔ بہٕ تہٕ آسہٕ ہا دوہ
دوہ کڈان خوشی سان۔ تہٕ گُل ہَرنَن بھوٗ پنُن فوٹو لبہ کوٗن۔

تہٕ گُل ہَرن ڈراو اَکِس دعوتس کُن مگر دوٗر چھس گژھن۔ ؤتہٕ وُچھ
اُمہ اکھ زنٛی موٗزوٗر گُل ہَرن ووٗتھ زٕنی موٗزوٗرس کُن۔ زنٛی موٗزوٗرا وون کوٗت چھے
گژھُن۔ زنٛی موٗزوٗر ووٗتھس۔ پکھ پانس۔ ژٕہ کیاہ تہٕ ژٕ کتہٕ زانکھ۔ میٚے چھُ
گژھُن گُل ہَرنٕنہِ زنانہِ نِش۔ تکیازِ گُل ہرنٕنہِ چھُ اَز سیٹھا دوٗر دعوتن پیٹھ

گژھن۔ تہٕ دڑاد گُل ہٕرٕن پھیوٗر پوٚت تہٕ چھِ پکان زِنٛی موٗزوٗرس پتہٕ پتہٕ تہٕ
ووت گرِ نِش۔ گُل ہرن رُود کھٔژتھ۔ تہٕ گُل ہرٕ نیٚنہ خانداربہ مارنوو کہ کرِ پوٚت تہٕ
زِنٛی موٗزوٗرس کیٚنٛت تہٕ کالچِن ووٚنُتھ زِنٛی موٗزوٗر گُل ہرٕ نیٚنہٕ کوہ لیہ کٔن۔ ژٕ تہٕ کانٛژاہ
ماے پچھے میائنی۔ اگرُیے ژٕ تہٕ میائنی ماے آسہ ہی تہٕ ماھوٚپکھ گُل ہرٕنٕ فوٹو یتھ
لیہ تہٕ موٗزوٗر ووٚنھُس اگر پٔنہٕ بہٕ بو پیٚسیتو یہ فوٹو ژٕ یٚتھ والہ ہُن تہٕ یتے بابہ
ژٕ تہٕ پچھے تہٕ اُمی سیتیٚ ماے کیٚنسہ تہٕ۔ گُل ہرٕ نیٚنہ زنانہٕ گژھ تہٕ دِ رتن پٔنٕہ بیاگڑا
سیتو اُکھ ہیتھ پاگڑا اُکھ فوٹو ہس۔ موٗزوٗر گو خوش۔ گُل ہرن رُود یہ سورُے
حال وُچھان تہٕ ژاو مکانس اندر تہٕ ژھینُن خانداریٚنہ تہٕ یہ زِنٛی موٗزوٗر تہٕ ماگرتھ
تہٕ دڑاہ گرِ دوٗرسیٚٹھا۔ واتان واتان ووت اکِس باغس منٛز یُس دوٚیمیہ
مُلکُک علاقہٕ اوس۔

گُل ہرٕنس چھُنہٕ وہ نٛی کیٚنہ تہٕ اُشُن یوان۔ یتھ اُسہٕ نِش پوشو
اُسو ہران۔ اُمہ مُلکُک بادشاہ ووٚنُتھ وزیرس کٔن کہ فلانی باغس دِ ژٕ نظر کہ
سہ کیٚتھ چھُ۔ تہٕ وزیر دڑاو۔ وزیرن وُچھ تتہٕ گُل ہرن تہٕ یہ دڑاد تہٕ ووٚنُن
بادشاہس یہ فلانی مُلکُک گُل ہرن چھُ یور آمت تہٕ سہ چھُ اُتھی باغس منٛز
بیہتھ۔ مگر اُشُن وُچھہ مُس یہ کیٚنسہ۔ پادشاہن کوٚر وزیرس حُکم زِ گُل ہرن گژھِ
دربارس منٛز پیش یُن کرُنہٕ۔ مکیاز تتھٕس چھ از میانی دعوت۔ گُل ہرن دڑاد
پادشاہس کٔن تہٕ ووت۔ پادشاہن کوٚر حُکم زِ از گژھِ گُل ہرٕ نیٚنہ خاطرٕ اُکھ ناچ
نغمیچ محفل بلاونہٕ یِنہ۔ یُتھ زن تتھٕس اُشُن ییہ تہٕ اُمس وُچھو پوش ہرُن۔

ہُنز پادشاہ سِنز زنانہٕ تہٕ گرٕہہ سأئیسہ۔ یِس زَن چوٚرٕ ژونگ ناوہ اوس۔ پادشاہ باے تہٕ یِہ سأئیسہ دوہ نوٚے وُچھن نیٚلِس ہُنز۔ اُمِس گو دِل زیادٕ ے کھَنٹِہ تہٕ کھوٚت واپس۔ نارٕچ چھِہ چلان۔ پادشاہ آو تماشہٕ وُچھنہٕ۔ مگر گُل ہرٕنس چھُنہٕ اَتھن کینٛہہ لوان۔ پادشہہَس کھوٚت بڑٕ شرارت۔ تہٕ دوٚپنکھ گُل ہرٕن گژھہ فورَن یُن داروغَن حوالہٕ کرٕنہٕ۔ اُمِس چھُنہٕ خبر بہٕ کتہٕ چھُس۔

گُل ہرٕنن دوٚپ میانہٕ حقہٕ کیاہ گوٚ۔ خأر۔ پادشہہم بہٕ چھُس گوڈٕ ژیٚے سیتھ علاحدٕ پژھان کتھ کرٕن۔ ہیم دژایہٕ دوہ نوٚے بیچھکہٕ ہُنز تہٕ دوٚپنس پوٚنہٕ اگر وٕنَے بنہٕ میٚتے پوٚرٕ وَنہٕ نَس پیچھٕ تہٕ مأرِد۔ گوڈٕ وٕنٛی نَس پننٛہ سأبرے دلیل تہٕ تمہٕ پتہٕ وٕنٛی نَس پادشاہ بایہٕ ہُنز دلیل تہٕ تہٕ دوٚپہ نَس شہ کتہٕ بیہ اَتھن تہٕ میٚتے ہرٕن پوش۔ بہٕ دراوس گرٕدٕکھی۔ مگر یتہٕ وُچھ میٚتے کہ میانٛی کتھ اَس سمِلے مگر پادشہہَس رٕنیا۔ میون دِل گو دوکھی۔ پادشہہَن ووٚننس زٕ تہٕ مہہ کر میانِس وَنہٕ نَس پژھ۔ ژٕ وُچھ دوہ نی یکاہ آمی ساتہٕ تہٕ پادشاہ چھُہ یہی کران۔ تہٕ اُمو وُچھ پننٛہ بادشاہ باے اَکِس گرٕہہ سأئیسَس سیتھ گرٕہی تیٚلِس ہُنز۔ پادشاہَن ژوٚٹ دوہ نوٚنی کلہٕ تہٕ دژاو گُل ہرٕن تہٕ یِہ پادشاہ صرف بگوانہٕ سُند ناو سرٕنہٕ اَکِس جنگلس کُن۔

●

راوی: شام لال چِردیسی کھر برادی کولگام

# وزیر لٔڑکہٕ تہٕ پادشاہ لٔڑکہٕ

دپان أکس پادشاہ زادس تہٕ وزیر زادس أس پانہٕ وٲنی سیٹھا یارٕ ز
تہم دژایہٕ اَکہٕ دۄہ یہ سالَس مگر پادشاہن ییلہٕ بوز تمۍ وۄنکھ۔ اگرٕ ے نۄ یہ
شکارس گژھن چھُو، تہٕ کَتہٕ چھُویہٕ زٕ صرف گژھ شیٖن جنگلن کھسُن یُتھ مس
جنگلس گژھ نہٕ کھسُن۔ تہٕ یِم دۄہ نوٚے دژایہ۔ ییلہٕ یِم شیٖن جنگلن کھتۍ
تہٕ یِموٚ کوٚر سوٗچھ زٕ یِتھ گژھ کیٛنہہ نتہٕ کیٛنہہ مائیے آسُن۔ یِموٚ کوٚر مشورٕ ہ
زٕ أسۍ کھسوا اَتھ سٔتۍ مس جنگلس تہٕ۔ تہٕ یِم کھٔتۍ۔ وٲتۍ اَمہٕ جنگلہ چہ تالہٕ پیٹھ
یِموٚ وُچھ اَتہٕ اَکھ ناگہٕ ہنا اَکھ۔ تہٕ اَمہٕ ناگہٕ منٛز اَکھ بٔڑ جماعتھ یِتھ منٛز ییٚندراز تہٕ
تِسنٛزٕ آشیٖنۍ۔ ییٚندرازن چھُ پَتہٕ نہٕ خاندارنہٕ ہندس کوٗٹس پیٹھ کلہٕ ترووُمت
پادشاہ زادس تہٕ وزیر زادس پییہٕ نظر تہٕ پادشاہ زادس کرٕ ڈلن
دۄہ لٹھ ییٚندرازٕنۍ یہ شکپل زنانہٕ وُچھِت۔ سُہ وۄٹھ وزیر زادس ژٕ گژھ تہٕ
یہ شکپل زنانہٕ دِن مےٚ یوٗرۍ أنِتھ۔ وزیر زادس چھُ دل ژھرٕ ژھرٕ ٹ کران
أخر کار دژاو تہٕ سوٗنچھُ گاٚ أمس ... آ تہٕ ... یرٕ ولہٕ۔

اگر نے تہٕ سُپُد تیلہٕ چھُ مےٚ مرُن۔ مگر ییٚندرازنہٕ اَمہٕ خاندارنہٕ ہیو اُمس وزیر
زادَس اَتھ سیٚتی ییٚندرازس چھ ژیٚندر۔ ییٚلہٕ یہٕ اوٚتُن ووت۔ اَمہٕ شکیل زنانہٕ
کرٕ کاٗم یہٕ ز اَمہٕ تھوٚو ییٚندرازٕ سٕند کلہٕ وزیر سنٛدِس کوٚٹھس پیٹھ تہٕ ووٚنُس
ژٕ کیازِ آکھ یور۔ وزیر زادن ووٚنُس۔ دلیل چھ یہٕ ز۔ پادشاہ زادٕ ہیوٚن یار چھُ
ہُتیتھٕ پرٛاران تہٕ تِمہٕ ووٚن نَم ژٕ دِن یہٕ شکیل زنانہٕ اَنِتھ۔ لہٰذا آس بہٕ اَمی اُمہٕ
ییٚلہٕ ییٚندرازٕ سٕند کلہٕ وزیر سنٛدِس کوٚٹھس پیٹھ تھوٚو تہٕ پانہٕ ڈرایہٕ پادشاہ زادس
سیٚتی۔ یپاری گو ییٚندرازٕ ہُشار۔ تہٕ اُمی وُچھ پنُن کلہٕ اَکِس خوش اِدنِس لٔڑکہٕ
سنٛدِس کوٚٹھس پیٹھ تہٕ زنانہٕ ؤچھن ژٕ ج ہر۔ تہٕ ووٚنُتھ اَمِس لٔڑکس کُن۔ یہٕ کیا
دلیل چھُ ہا لٔڑکہٕ ووٚنتھس۔ دوٚبنس۔ مےٚ سیٚتی اوس پادشاہ لٔڑکہٕ۔ ییٚلہٕ تِمو وُچھ
یہٕ حال تِمو ووٚن مےٚ ژٕ دِن میہٕ یہٕ اَنِتھ یوٚرِ۔ آخر آس بہٕ کھوٚژِنہٕ کھوٚژِنہ
تہٕ ٹھہر یوس دوٗر پہن۔ اَمہٕ چانہٕ خاندارنہٕ ہیو اَتھ سیٚتی تہٕ بہٕ آس تِمس ووٚن
مےٚ زٕ بہٕ سوٗزِتھ پادشاہ زادن چانہٕ بایَت۔ تِمہٕ تھوٚو تہنٛد کلہٕ میانس کوٚٹھس
پیٹھ تہٕ ڈرایہٕ پادشاہ لٔڑکس سیٚتی۔ ییٚندرازٕ ووٚنُتھ اَمِس وزیر لٔڑکس۔ ژٕ مےٚ
اوسُے ناپنُن زوٗ خوش کران۔ تہٕ یہٕ ہےٚ گیٔ تُہنٛز یارٕ۔ اگر ےٚ بہٕ وہ نہٕ ژٕ مارتھ
تہٕ یہٕ پادشاہ لٔڑکہٕ کیاہ کرِ وہ نِ۔ مگر وہ نٕ چھ کنٛتھ یہٕ کہ اَکھ چھکھ ژٕ جوان بیٚیہ
چھُم شکیل آسہٕ نکہٕ برٛٹھ انصاف یوان۔ تہٕ بیٚیہ چھیہٕ نہٕ ژٕ یہٕ کانٛہہ غلطی کرٕ مژ۔
تہٕ چھ میانہٕ خاندارنہٕ ہُنٛد خطاہ۔ بہٕ وَنے وہ نہٕ سوال تمتھ دِنہٕ جواب۔ مثال
چھ بیٚتھ کُنہٕ یوان پیش کرنہٕ۔

بوزبا وزیر زادٕ! یہٕ ہَبا اوس اَکھ باپٲرۍ اَکھ۔ اُمس اُمس گرٕ

خانداریٚن، کوٗر تہٕ بیٚیہ لوکٕٹ لۆکٕٹ کٔرِتھ۔ اٗمِس باپارِس اوس دۄیِمِس مُلکس باپار
کرنہٕ گژھُن۔ تہٕ اٗمۍ دوٚپ زِ کینہہ اگر زَن بہٕ گژھہ دوٗر کُنہِ دیشس منٛز گۄڈیک
بوٗرکس نھاوٕ زِمہ۔ پٔہنٛد اوس اَکھ ملہٕ " اَکھ پوان گنٛڈٕل تہٕ پھۄ اوس یہ
گرِکے باڑ ہنوومُت۔ باپاری دژاو دوٚیِمِس مُلکس تہٕ سوٗرُے گرِکیک کار بار ترووکھ
مُلکس پیٹھ۔ باپاری سٕنٛز خانداریٚنۍ چھہ پزٕ دس ٹَل۔ اَتہٕ چھُ اٗکس گرِس اٗکس
کوٗرِ خاندر۔ مُلَن دوٚپ اٗکِس زنانہِ اٗکس ژٕ کرِ میٚنے یتھ منٛز مُدتھ کہ ژٕ، گرٕ اَن
باپاری سٕنٛز لڑکی گرِ اَنُن یوٗرِ۔ تکیازِ دُنی کینہہ چھُ موقہٕ خاندرُک۔ یہ پیٚلی باے
گییہ باپاری سٕنٛد گرِ تہٕ دوٚپُن باپاری سٕنٛز خانداریٚنۍ زِ کوٗر کتہٕ چھے سوٗ گژھہ میٚنے
ضروٗر ویتھ موقس پیٹھ آسنۍ۔ تکیازِ جاٗنی کوٗر چھنا میٚانی کوٗر۔ یہ دُژھس
اوٚدٕ گژھہِ تن۔ تہٕ دژاے۔ یُتھے یِم مُلہٕ سٕنٛدِس ڈیرس نِش واتی۔ دروازٕ اوس
یلے تہٕ پیٚلی باے دیٚتھ اٗمِس کوٗرِ ذِکرٕ تہٕ سوٗ سیدٕ بیٚیہ اَتھ کمرس منٛز یُتھ مُلہٕ
پرٛاران اوس۔ تہٕ یُیلہٕ اَمہ کوٗرِ یہ وُچھ تَمہِ کوٗر یہ کھوٚٹھ تہٕ ژٕج۔ دوران
دوران واتہٕ یہ گرِ۔ تَتہِ دوٚپُن تہٕ کینہہ۔ دوہ دَہ مۄ گژھتھ چھُ یہ کوٗر
وَنان ماجہِ کُن سُہ مُلہٕ کیازِ چھُنہٕ یوٗرِ پوان۔ ماجِ دُژھس۔ آسہِ کُن گومُت
خبر چھا کیاہ دلیل چھ۔ باپاری کرٕ مُلن کاٗم تَمہِ سوٗز باپارِس خط۔ اَتھ منٛز لیٚکھِن
کوٗرِ ہٕنٛز دلیل زِ سوٗ ہیٚساے چھ بُڑ خراب تَمہِ کوٗر تھٔہنٛد ناو بد نام تہٕ سوٗ کرِ یتھ گرس
بُڑ خراب۔ یُیلہٕ باپارن یہ خط وُچھ تہٕ سُہ گوٚو بُڑ نار۔ تَمہِ لیوٚکھ خطس جواب زِ
یہ کوٗر ژھینہٕ ہون گرِ گنٛڈتھ تہٕ سوٗ گژھہ تراوٕنی تتھ جنگلس منٛز یتھ سیٚہہ
ہاپُتھ تہٕ بیٚیہ جنگلی جانور آسن۔ یہ خط وُچھتھ تَمہِ ہمہ یہ کوٗر تہٕ واتہٕ ناوِکھ اٗکِس

جنگلس مَنز. کینہہ کالا گژھتھ آو اکھ پادشاہ تہٕ تھووٕ ہمو خیمہ خرگاہ
اَتھی جنگلس مَنز تہٕ پادشاہس پییہٕ نظر اَمس باپارِ لُڑکی کُن تہٕ تمیٚ سوٗز اَمس
نِش وزیر ییٚنِہ تہٕ پرٛژھ نَس ژٕ کوہ سیٚہ چھک تہٕ ژٕ کیاہ چھک کران یتھ جنگلس
مَنز. وزیرس گیہ یہ لُڑکی بڑٕ پسند. لُڑکی وُنُس. ژٕتہٕ کیاہ چھے مے سیتھ. وزیر
وونُس. پادشاہ چھے ناد لایان. تمیٚ سوٗزُس بہٕ. تہٕ یہ وُنُس پادشاہ سوٗزُن
باننے یور. تہٕ وزیر دژاو تہٕ وونُن سورُے حال پادشاہس. پادشاہن دوپ یوٗتانی
یٕژ اَمس کینہہ دلیل چھہ یتھ ییہ یٔ یہ یور. تہٕ دژاو. دوٚپنس ژٕتہٕ کیاہ دلیل
چھے. لُڑکیہ وُنی نَس سارے دلیل. رازہ وونُس. اچھا مے سیتھ کرٕ ژٕ نیتھرٕ.
لُڑکی دوپ یُتھ مے کانہہ بلاے کھییہ تمہ نِشہ چھُ مے بہتر یمس رازس سیتھ
نیتھرٕ کرُن. تہٕ کوٚرنس اقرار. دژایہ دوہ نوے کینہہ کال گژھت روز یہ
لڑکی بیٚییہ رنگہٕ تہٕ وُری گژھت زاو اَمس اکھ راز لڑکہ. بادشاہ ووٚتھ وزیرس
ژٕ گژھ یمس سیتی تتھی جایہ ییٚتھ یہ کوہ ڈٕ اَس تہٕ تتہٕ گژھ اکھ بنڈار کرنہٕ
یُن. بیٚییہ گژھ ویر بدرن ژوٗٹ پن کرٕ نہٕ تہٕ سوہ گژھ جانورن ترٛاو نہٕ یِن. یہ
لُڑکی دژایہ وزیرس سیتی مگر یہ وزیر اوس اَمس پانہٕ زاگان تہٕ یہ اَمس
خوش کران. مگر لُڑکی اَس بڑٕ شریف. ییم ییٚلہ اوٚت وأتی. تہٕ وزیرن دوپ
اَمس ترلیشا چیمو ہیرد تہٕ ووت اَکس کرہیرس نِش تتہٕ دِتُن اَمس دکہ تہٕ ژٕہ ژھنن
اَتھی کرہیرس مَنز لُڑکس کوٚرنس کھش تہٕ کوٚڈُن تانہٕ تانہٕ. ووت وزیر پادشاہس
نِش. تہٕ ووٚنہٕ نَس یہ کوہ سیٚہ بلاے اَس. ہسأ یُتھے مے توٚت واتہٕ ناو. سوہ گیہ
بچہ ہیتھ غائب. کینہہ دوہ گژھتھ آیہ اکھ باپارِ کینہہ پہلی تہٕ ییمن لگ ترٛیش

پیمۆ ترُوو اُتھ کرِ پرِس مَنز رَزِ گنڈِتھ بالٹین ۔ اَمہ کوٗرِ تُلی اَتھ زِ تہٕ کرِن بالٹین
ھتھ۔ پیمۆ ترٛاوِیوو بالٹین اوٗرِ پیمۆ دوٚپ اَتہٕ چھِ خبر کوٚسہٕ بلاے۔ مگر اَمہ وِژ
سیٚتی کرِیکھ خوٗدایہ شُند سوال چھُکھِ میہٕ بچاوُو ۔ بہٕ چھُس نہٕ کانٛہہ تہٕ بلاسے
یہ یوٚزِ بُتھ کھاُرِ پیمۆ یہ ۔ اَمہ کرِ کاٗم اَمہ بدلوو رَنٛگ تہٕ دٕرایہ مرٕد لاگِتھ واُتھ اَتھ
شہرس ییٚتہٕ اَمِس موٗل چھُ روزان ۔ دوٚپہ نکھ موٚہ ہنیو ماہیٚیو تہٕ پیٚچھ اَتھ
موٚہ ہنیوٗ بُنٛتھ۔ ہیٚپاٗری بیوٚٹھ تہٕ اَمِس بادشہس وزیرس شُرِ یہ دٕلیل۔ تکیازِ
سوٚ اُس بڑٕ شکیل تہٕ گاٹٕج۔ سُہ اوس پاگل گومُت۔ خوٗدایہ شُند کرُن زِ
سُہ تہٕ ووت اَتھی شہرس وزیر بیٚتھ کیتھ یوزِنہ۔ دوت اَتھی مکانس نِش تہٕ ناو
دوٚنکھ اَمِس نوکرس تَلہ باوُنکھ نا کتھا تہٕ اَمو وَنٛکھ یہ ساُرے دٕلیل تہٕ ژھُنٛکھ
یہ ملِہ تہٕ وزیر ماُرِتھ۔ باپاٗری لڑکی پرزِ نوو یہ بادشاہ مگر تمو پرٕزناو نہٕ یہ کیٚنہہ نہٕ
پرٕزناو ماُلِہ۔ ییٚتہٕ توٗر بہن سورُے فکرِ زِ کیا چھ دٕلیل۔ یہ اوس ییٚندرازِ اَمِس وزیر
لڑکہ مثال وَنان تہٕ دوٚپہ تس اَمیک مانے وَن۔ وزیر لڑکن دوٚنس نہٕ کیٚنہہ۔
ییٚندرازِ دوٚپھُس ییٚتھے کنٛز اوس اَکھ بادشاہ تمِس اوس لڑکی خاندر۔ وزیر لڑکہ
اوس تمو پننٕ خاص لڑکہ بنوومُت۔ وزیر لڑکس اوس سوٚنٛزِ لڑکہ یار۔ بادشاہ
زادِ اوس سوٚنٛزِ لڑکس سیٚتہٕ دِل لوٚگمُت۔ ییٚلہ بادشاہ زادِ خاندر کوٚرکھ سیٚتی
گژھا اوسُس وزیر زادِ۔ وزیر زادس تہٕ سوٚنٛزِ لڑکس اُس پانہٕ واُدٕ کتھ باتھ
ییٚلہ یم جہر پنٕنز ماہیتھ وژلاسے۔ سوٚنٛزِ شرِ کو چھِ رکنو اُس وَتھ۔ وزیر زادن کرِ
کاٗم تمو ژھنہٕ ساٗری کُڈِتھ۔ دوٚپنکھ بادشاہ زادِ کرِ پیشاب تہٕ سوٚ وُژھ تہٕ
اَمو سوٚنٛزِ وِژ دارِ کنٛز داُرِتھ۔ پانہٕ ژاوٕ زانِپانس منز سورُے گہنہ لاگِتھ ییٚلہ

مہرِ بنہِ ہُنٛد وأریُو واٴتِ تہٕ کالچِھنس وۄٚتھِتھ وزیر لڑکہٕ دیُٚس زَن نوٚش بٕنٛتھ گۄمت
اوس دوٚ پہ نِکھ سانہٕ پرگنہٕ چھہٕ کأم کرأن نوٚشہ چھہ گرٕ ڈٕنکین دوہہٕ ہٕنٛ زأم زنٛشہ
ساوان۔ تہٕ ہمو کوٚر ہی۔ تہٕ چھُہ پہ راتھ کٕمہِتھ زأم سٕتہٕ کتھ باتھ کران۔ تہٕ
وۄٚنُن زأم اَسہ دوہہٕ یوٚ گوٚ ڈھہ اُکس مَرد بنُن۔ زأم ڈُرٛہس تہٕ چھابنان۔
دوٚپنس دوہہٕ لہٕ بہٕ ہأوے۔ تہٕ اُمی ہٕدو اُمس کہ بہٕ بنیوس مَرد۔ دوٚپنس دوہہٕ لہٕ
ژٕ لوٚ تہٕ ہم ژٕٹہٕ واٴتِ سعہ نرہِنٛدِس مکانس مٕنٛز۔ یٕیٕتہٕ ہعہ پادشاہ لڑکی تہٕ چھہ کاش
پھوٚل تہٕ نہ چھُہ اَتہٕ سٕتہٕ گژھٕ اکھ نہٕ ہُیرٕ تہٕ نہٕ مہریٕنٛز ہٕنٛز زأم۔ یِم دِژایہ اُمو
پٕنٛدِس مألس نٕش۔ دوٚ پہٕ ہِس ژہٕ وَن دِلیل کیاہ چھُہ۔ نہ سوٚزٕ تھ ژٕ ہے مہرٕنٛز نہ
سٕتہٕ گژھٕ اکھ تہٕ بیٚیہ نِکھ سأنی کوٚر تہٕ۔

اُخرکار پادشہَن دِیُت ڈٕنٛڈوٕر اگرٕ ہے کانٛہہ اکھ رَٹٕنہٕ ہیہ سُہ ییٕہ نہٕ
ژٕ ادہٕ نہٕ۔ سأری ہے شہرس آدہٕ وار گنٛڈ کرٕنہٕ۔ مگر کُنہٕ چھُٹنہٕ پے نیران۔ اَخرس پتہٕ
پادشہَس خیال زِ یہ کار چھُہ وزیر لڑکہٕ سٕنٛد تہٕ سعہ نَر لڑکہٕ سٕنٛد۔ یِم آیہٕ
اَنہٕ نہٕ۔ ہمو اُس ترٕ ٹھے کتھ کٕرٕ ہِنٛز زٕ مُٹھنہٕ اُمی اکھ اُکس رٕکھہ ٹٕس پیٹھ رۄز
تہٕ اُسو گژھو وارٕ۔ بادشاہ لڑکی اُس زیادہٕ ترٕ ہٕنٛدہٕ وُندے اوت کھیوان۔ ہِنٛدٕ وُند
ژٕ تان ژٕ تان چھُہ یہ بچارٕ تہٕ وارٕ گمژ۔ دوست نہٕ گیہٕ بڑٕ پریشان۔ آخر ہیوٚت نہٕ
ہمو تہٕ کینٛہہ ذمہٕ تہٕ پادشاہَن سوٚرٕ نج کہ ہمو تہٕ ہیوٚت نہٕ ذمہٕ کینٛہہ۔ کار چھُہ
یُہِنٛدٕ سے فأر ژٕھنُک بلاے۔

پہٕ اوس ییٕنٛد رأنہٕ وزیر لڑکس دوٚپہم مِثال وَنان۔ نہٕ اگرٕ ے یہ
بادشاہ لڑکہٕ ژٕ ہے دوست اوسے۔ اُمی زون پٕژ زِ یہ وزیر لڑکہٕ ماژٕ۔ لہٰذا

پچھنٛہ اتھٕ دوستی ونان۔ اگر ژٕ چھے بادشاہ ژٕٹکن پہ ونیو ژٕ پہ زنان اُتھ
پوٚرہ۔ یاژٕ آسہ ہنکرہ وجہہ گوٚژھیٖہ چون پہ سرفاشس کرُن۔ تہٕ ٹینڈرا زن
وول پہ وزیرؔ اُٹھکہ پاتٕس سیٖتۍ تل پاتال۔

•

رأوی: شام لال پردیسی کھربارؠ کولگام

---

# کُلیاتِ مقبول

ترتیب
محمد یوسف ٹینگ

صفحات ۲۷۲ • مول ۳۰٫۶۸ روپیہ

# اکاڈمی ہٕنٛز کیٛنٛہہ کأشُر کتابہٕ

## اُردُو ترجمہٕ کٕرِتھ

آزاد ترتیب پی، این، پشپ صفحات ۷۹ مول ۱۰۵۰ روپیہٕ

عبدالاحد نادٕم ترتیب غلام رسول نازکی 〃 ۱۰۵ 〃 ۱۰۵۰ 〃

حقانی ترتیب مولانا فطرت کشمیری 〃 ۶۹ 〃 ۱۰۵۰ 〃

مقبول کرالہٕ وارٕی ترتیب ڈاکٹر حبیب اللہ حامدی 〃 ۶۳ 〃 ۱۰۵۰ 〃

مہجور، ترتیب پی۔ این۔ پشپ 〃 ۹۷ 〃 ۱۰۰۰ 〃

پرمانند ترتیب ایس۔کے۔توشخانی 〃 ۹۳ 〃 ۱۰۰۰ 〃

رسول میر ترتیب محمد یوسف ٹینگ 〃 ۶۵ 〃 ۱۰۰۰ 〃

سنبلو گل۔ کلچرل اکاڈمی 〃 ۶۴ 〃 ۱۰۰۰ 〃

سامناما ترتیب لکھمن کول بلبل 〃 ۱۶۴ 〃 ۲۰۰۰ 〃

●

## شعبہ مطبوعات کلچرل اکاڈمی

شہید گنج سرینگر

